| | |
|---|---|
| کتابہِ ہُند ناو | گرداب |
| لیکھن وول | مکھن لال پنڈِتا |
| پبلشر | ناگراد اَدبی سنگم، جۆم |
| کمپیوٹرڈی۔ٹی۔پی | رِنکو کول (2595136-R) |
| تیداد | 300 |
| مول | ۱۵۰ روپیہ |
| چھاپ خانہ | جے۔کے۔آفسٹ۔دہلی |
| چھپنگ ؤری | 2003 عیسوی |
| کتاب میلنگ پتاہ | مکھن لال پنڈِتا<br>180، سیکٹر - ا، لین نمبر 4،<br>دُرگا نگر، (پی۔او) رُوپ نگر،<br>جموں۔ 180013<br>فون نمبر: 2592896 |

# اِنتساب



پننہٕ سورگہٕ واسی ماجہِ سوماوتی ہٕنٛدِ ناوٕ
یمہِ مےٚ وچھٕ رکس شیٖرس ءتی کأشرِ
زبأنی ہُنٛد ہوش تہٕ باش دیُت نتہٕ کتہِ
أس میأنی سکتھ کأشِر پأٹھی لیکھنس۔

مکھن لال پنڈِتا

# ترتیب

# عرضداش

میٲنٮ۪ دوٚیم افسانہٕ سۄمبرن "گرداب" چھےٚ پیش خدمت۔ بہٕ چھُس خوش نصیب مےٚ میٚیج گوڈنچ افسانہٕ سۄمبرن "قرنہٕ پھرِس" تہٕنٛدِ طرفہٕ حوصلہٕ افزأیی تہٕ یَژھ پٕزِ تیٚژھ شاباشی۔

پٔزتھ کانٛہہ حساس اِنسان چھُ أندی پکھیٚک اَکھ انگ بٔنتھ زۄان۔ خاص کٔرِتھ تمہِ أندی پکھیٚک یَتھ مَنٛز تٔمی لوکچارِ کہٕ تہٕ جوٲنی ہندی پنٛزاہ وٚری آسن گذٲرِی متی۔ یہِ چھُ تسنٛدِس سوٗنچس، طرزِ فِکرِس تہٕ کِردارس شکل دِنُس منٛز اہم رول اداکران۔ یہِ کوتاہ کٲڈر رچھُ زِ اکہِ دوہہ پییہِ تَس أتھی أندی پکھس الوِداع کرُن تہٕ پنٕنی مۄل تٕتی ترٲوِتھ دوٗر جایہِ گژھن وٕتھ ہیٚنز۔ تَتھ ماحولس نِش ژھیٚنہٕ گوٚمِتھ چھُ سُہ ذہنی طورا اَکھ لاچار بٔنِتھ زِندہ روزان۔ امی اثرن دِژمےٚ وُتِش لیکھنہِ خأطرٕ۔ بہٕ اگر

کُنہِ واقعہٕ ستۍ مُتاثر گوس یا گوٗمت اوٚسُس مےٚ کرُ کوٗشِش زِ سیدِ سیوٗ دپیش کرنس۔ اَتھ منٛز کوتاہ چھُس بہٕ کامیاب سپدمُت زِ ہیکن پرٛن والی یوٗت ژٕنتھ۔ تِکیازِ تِمے چھِ امیُک اُخری فاصلہٕ کرٛن والی۔

بہٕ چھُس جگن ناتھ ساگر صاٛبن شُکر گذار یِمو مےٚ پنٛن تعاوُن پیش تھوٚو۔ تِمو ہیوٚ افسانہٕ سوٚمبرنہِ لفظ بہٕ لفظ سام تہٕ کیٛنہہ رٕتۍ مشورٕ دِتکھ۔ تِہنٛز ذاتی ہمدردی واتہٕ ناوِ یہ سوٚمبرن انجامس تام۔

بہٕ چھُس جناب محمد یوٗسُف ٹینگ صاٛبنہِ مردِ قلم آسنُک دلدادِ تہٕ پرستار تہٕ۔ تِہنٛدِ قلمچ رواٗنی تہٕ جادو بیاٗنی منٛز چھےٚ زِندگی کِتہٕ رٔبنہٕ ہنٛدی ہوی گتھ کران۔ کاش یہ آسہِ ہے منٛکنُک چیز بہٕ تُلہٕ ہانہٕ تِمن تھِتھ۔ ٹینگ صاٛبن کوٚڈ پننہِ مصروٗف زِندگی منٛز کم کاسہٕ وق تہٕ میانہِ کتابہٕ لیوٚ کھٔکھ پیش کلام۔ اَمہِ خاطرٕ چھُس بہٕ تِہنٛد شُکر گذار تہٕ تہٕ دعا گوٚتہٕ۔

جناب برجہِ حاکی صاٛبن بوٗزی وقتن فوقتن گوڈنیتھ یِم افسانہٕ تہٕ منٛزی منٛزی آسی مےٚ ستۍ بحث تہٕ کران۔ اَمہِ خاطرٕ چھُس بہٕ تِہنٛد شُکر گذار۔

مکھن لال پنڈِتا

# پیش کلام

مکھن لال پنڈتا چھنہٕ کأشُر پرن والین تیُٖ تاویُو د۔ آسکھ تہٕ کتہٕ؟ گوڈٕ کأیتاہ کأشُر چھِ پننہِ زبأنی ہِندِس نژس مازانہٕ؟ ییٚہٕ تہٕ گرِتھ ہیوٚت پنڈتا صأبن شیٛٹھ ڈٲلتھ کأشُر لیکھُن۔ سُہ تہٕ پننہِ سو دیسہٕ، پننہِ پوشہِ پتھرِ نیرِتھ جیٚمہِ کین ڈُلأمی دِھُن ہِندِس دژگرس مَنز۔ گوڈِنچ افسانہٕ سوٚمبرن "قرنہٕ پھیٖرُ" گرِن 2000 ءٕ مَنز ییتی پێٹھٕ شایع۔ ییٚتہٕ پێٹھٕ کأشُر آلو کٲشیرِ سوزُن گو اُردو محاورٕ مطأبق "اُلٹے بانس بریلی کو" ہِش کتھاہ۔ کٲشیرِ چھُ وُنکین نس شتہٕ کین ہُند باندِ گومُت پھیار گرُ دتہٕ گرُدتھ کرناوان۔ پنڈتا صأب نہِ لادِ تہٕ ساوِ آوازِ گن گُس تھاوِکن۔

مگر فن چھُ بذاتہِ خوداَکھ مجبوٗری تہٕ آسان تہٕ اَکھ موسم تہِ کأنسہِ یاون مژ ہِند بن امارن ہِندِ ی پأٹھی یوسہٕ پننہِ جوأنی ہِندِس نشس مَنز پانہٕ مُشک ہیوان تہٕ

تتھ پٔنٕنۍ ماتھِر گران چھِ۔ پوٗز بوٗزِتو مےٚ لوٗب تمہِ مُشکہِ بُدجہ ہیوٚ کأشُر گفتارُک لاس أزپنٕواہ پانژاہ وٕرۍ گۄڈٕ کشیٖرِ دوٗر رُژمہِ کس۔ یتھ زمینس پٮ۪ٹھ، تمہِ گفتارُک یُس مےٚ پتٕنس لوکچارس منٛز پننہِ زاین سریہ شُپینس منٛز کنو کنٕۍ ؤستھ منس گنٛج بران اوس۔ شہرٕچ زبان اُسۍ تن گژھٕ کِذٕ تھ تہٕ پرنہٕ چھانٛتھ، مگر تتھ منٛز چھُ نہٕ لسن بیٚول کون گوٚھان یُس دِلن منٛز بُہٕ رایہِ ہِنٛدۍ پأٹھۍ ووپدان تہٕ پتہٕ وۄچھِ مورِ ہِنٛدۍ پأٹھۍ ژھنٕۍ کھوٚوری رانٛتھ واہراوان چھُ۔ پنٛڈتا چھُ میانہِ ماتامالہِ دوٗر کینٛہہ میلے پورِ باغ (کزودرِ) گامُک باشنٛدٕ۔ أزکل چھُ جیٚمہِ لسان بسان۔ مےٚ چھُ پانس ہہتھ زِ یتھے عنٛدرا آسبس پیوان، سو پٔنن ہِنٛدِس دُژھہٕ پرٛنگس پٮ۪ٹھ آسہِ پٔنن گام واتان تہٕ ییٚمہِ سوٚمبرنہٕ ہنٛزِ کہانی "واپسی" ہنٛز شوٗباوتی ہِنٛدِ پأٹھۍ آسہِ تِمی مستی کران تہٕ بستی سجاوان۔ یمن افسانن منٛز چھُ کأشُر بول چالُک نہٕ سروٗپ یتھ تتہٕ کٮ۪ن گامن ہنٛز چاش تہٕ باش چھےٚ۔ موتی لال ساقی سٕنٛز کتھ اُس یہِ کأشرِس افسانس وۄبھےٚ تہٕ توے چھس پھیکہٕ پھیکہِ دوا۔ مزٕدار محاورٕ، مانہِ بنٛد گنٛڈ تیوٚ، مقامی مینٛز ہنٛدِ مُشکہِ ستۍ نأوِتھ، کہاوٕ ژِہنٛزٕ خاٚلی مالہِ چھِ اَتھ پُرلُطف بناوان تہٕ فصاحت پناہ تہٕ۔ یہِ گُرِتھ چھُ میانہِ خیالہِ پنٛڈتا صأب پننہِ اکہِ نفسیأتی دوادرُک یلاج ژھانڈان۔ زن چھُ نہٕ یمن ؤنٛنۍ دوٚپھن روٚدٕ گوٚھتھ پٔنن پان تتھ ناپُرسان اَنہِ گٔلس منٛز رادنہٕ نِشہِ بچاونُک سٕنٛز کران۔ یُس پٔنن ڈگیجل کلچرتہٕ پرٕزٕنوٚ نِشہِ دوٗر گوٚھن والین کأشرین بٹن کأنسہِ دژ اُنٛتھالہِ سٕنٛدۍ پأٹھۍ اُس واہراوِتھ باسان چھُ۔ پننہِ زبأنۍ ہُنٛد کارگرلہِ ینٛترٕ چھِ اَتھ پھُزکہِ ؤنِس سأل ابس چوٗنٹھ بنٛد کران۔ مگر تابہٕ کے؟ فارسی پأٹھۍ گویہِ تاتبر بالا

شود کنده بیا ساید۔ کأشُر پأٹھی اَس زَمن ہنز جوٗگی باے لل مأج آمہٕ پتہٕ سودرس ناوِ لمنہٕ دزٲمژ۔ خبر کتھ سوٗمن سوتھس پیٹھ آسہٕ دُچھان زِہارنہٕ چندس تہٕ وندن تل اون نگج ژھنان تہٕ دَنان:

"اَتھ ناوِ تارَس دِمہٕ کیاہ بو"

پنڈتا سنز کہانی پرِتھ چھُ اَکس دون کتھن ہُند فورن ایحساس گژھان اَکھ زِ پتہٕ وُمبرِ ہنٛدِس ہرِدکالس منٛز چھِ تمہٕ یم اَکہِ أندرمہِ ژبلہٕ کنہٕ لیچھ مژ۔ یہِ زَن یم کہانیہ پرن وألی پانے ژیٹھن زِتَس أندر چھُ اَکھ کتھ گوٗرگیتھِ ہیتھ اوسمت۔ توے کال ڈلنہٕ باوجوٗد چھےٚ تمِس کتھِ تگان ووٛنہٕ تہٕ دنٛرتہِ۔ ہرِدکالس منٛز چھُ بُتلہِ ہنٛدبن ناگہٕ راون پوٗنٛ کم گژھان۔ أندرمہِ وُزنہِ کأژاہ ہیکھ روزِ۔ دَپان ہرگاہے زنان تہٕ گنٛڈتی ہنٛز وأنسہِ ڈُلتھ پیٛن دِیہِ سُہ چھُ جوأنی منٛز زامتین شُر بن ہنٛدِ کھوتہٕ لیوٗ ژتہٕ لیٛڈ آسان۔ پنڈتا ہَس چھُ بیا کھوکانہٕ تہِ درپیش۔ باسان چھُ زَن تہِ چھِنہٕ تمہٕ کأشرِ کہ بُڈی افسانہٕ نِگار سنٛتھ تہٕ سنٛرِتھ پرٛیٛمتی۔ نتیجہ چھُ زِتسنٛدی افسانہٕ چھِ نہٕ اَمہٕ نسبتن نوٚہنہِ زأژ ہنٛزِ کولاولی ستی براہِ راس گنٛڈِتھ یا پیوٛند کرِتھ۔ توے چھِ یم افسانہٕ سانہِ ربوایتہٕ نِشہِ یہے الگ الگ باسان۔ ربوایتھ پھٹراونہٕ خأطرِ چھےٚ ربوایتھ زانٛنٛی مانٛنٛی ضروٗری۔ ربوایتھ چھےٚ کُنہِ زبأنی ہنٛدِ ادبُک سُہ طباشیر بڑ وُنٛتھ گن پکہٕ ناوان، یتھ پٛنٛنٛی تیٛمہٕ تہٕ ٹٹھ چھےٚ آسان۔ اَمہِ شیرِ چ وچھنےٚ چھےٚ پرن وألِس پیاس منٛز مبتلا کرِتھ ہبکان۔ یہِ ددارِتہٕ خسارٕ چھُ بہرِ حال پنڈتا صأبس وتراوٗن پیوٛمُت۔ مگر امیک چھُ اَکہِ حِسابہٕ اَکھ رُت اَثر دزامُت۔ پانے یمن افسانن منٛز چھےٚ اَکھ خوش کروٛنی

تازگی دِش ۔ خاص کرتھ باون ترٲیہِ ہنٛدِس ٹلہٕ تٕرٲوس تہٕ زبٲنی ہنٛدِس وِستارس منٛز۔
یِمن کتھن منٛز چھنہٕ زِندگی ہنٛدبن عمیق تہٕ عنیق (Profound) مالمن ہنٛز دونٛژھ
دونٛژھ۔ یَژھ مثلن فرٛنژ، کافکا یا اُردوٗ کِس سریندر پرٛکاش نتہٕ کاشُر کِس ہرٛدے
کول بھارتیس نِشہٕ موجوٗد چھُ۔ مگر یِمن ہُند استہٕ استہٕ پکن واجنٛی آیہٕ گژھہِ ہُند بے
شۄنک بہاو چھُ پرٛن وٲلِس پانس ستی ییرِ نوان۔ پنٛڈتا چھُ ژھوٹیٚ تہٕ موخصر جملہٕ
لیکھان۔ خالے آسہِ کانٛہہ پوٗرِ سطرِ سومب پوشان۔ سُہ چھُ پننہِ باون چالہِ منٛز پانے
مست گژھان۔ یِتھ کٔنی کانٛہہ خوبصوٗرتھ اُنٛزنی پٕنٛزٕ ہٕجٕ گردن نژوان آبس منٛز
ژھانٛژہِ ماران تہٕ ڈالہِ دِوان چھےٚ ...... للہِ دیدِ ہنٛز کتھِ ہمسہ گژھ زَن تہٕ چھِ رقص
کران۔

یِیہِ (Profound) آسُن گو کیاہ؟ فلسفہٕ دُگن چھُ زبر مگر یِہ تہٕ چھُ ناپوٗ زِ
سمسار چہ پرٛانہٕ گُجہِ چھُ نہٕ اَمہِ علاوٕ کانٛہہ مانہِ زِاتھ ٹلوٗ اکھ دلیل، تمہٕ پتہٕ بیاکھ، پتہٕ
بیاکھ تہٕ چھیکرس روزِ اَتہِ افسوٗسا تہٕ یِیہِ نہٕ کینٛہہ۔ خٲریہِ چھےٚ زِ یتھ ڈُندر تہٕ یِمن
موخصر افسانن کتہِ پُشراوِیہِ دولہِ بوٗر۔ پنٛڈتا ہنٛدبن افسانن منٛز چھُ نہٕ یِہُند اَند لچہِ
ٹاس دِتھ حٲران کران۔ کتہِ ہُند بہاو تہٕ لِداو چھُ پاٹھکس تام تہٕ سوٗرے واتہٕ ناوان
یِہ تس تام واتُن گژھہِ۔ مثلن "مسلہٕ چھُ چاپہِ پیالُک" یا "ہسپتالہٕ پٔتھ گرِ تام"
چھیکرس کیاہ گو، تتھ سنٛنہٕ وٕرٲے چھُ کتہِ ہُند سوٗرے ٹلہٕ تٕرا ماحول پاُدِ کران تہٕ
پٔپنٛیس واتہٕ ناوان۔ یِہ سِیدِ تیلہِ یِیلہِ نہٕ یوٗرَے اَپہٕ رٲوی مُتمن خیالن یا ژھن پژھن
ہُند اَند روٹ لیکھن وٲلِس ژِیتہٕ کرناونس پٔتھ مجبوٗر گرتھ ہیکہِ۔ نظریہِ تہٕ یژھاوی

آوِلنٕ چھِ باضے تِتھۍ ووٕنلِجہٕ بتہٕ پأدٕ کران، یِمن منٛز أکِس اوسط درجہٕ کِس نیکھن وأرِلس تدم کڈنس واریاہ سیٹھ چھِ یِوان۔

پنڈتا ہنٛز اَکھ خوٗبی تہٕ یہِ چھےٚ نہٕ پزتھ کأنٛسہٕ پلہٕ پیوان، تِچھے یہِ زِ وُہمہِ صدی ہُنٛد کٔشیرِ ہنٛدی سارِوٕے کھوتہٕ دردناک ڈُبہٕ ڈاسک حال لیکھان چھُنہٕ تسنٛدِس قلمس کانٛہہ کینہٕ، کانٛہہ تعصُب، کانٛہہ بدخوأہی یا کانٛہہ طرفدأری آلوٗدٕ تہٕ لاگہِ لد ہبکان کٔرِتھ۔ یِمِک مطلب یہِ ہرگز چھُنہٕ زِ تٔمۍ کیاہ چھُنہٕ کأشرٕن بٹن ہنٛز بامبرِ چھانبرٕ، خانہٕ وٗجاری تہٕ ڈاکہٕ پُرنہِ، جلاوطنی تہٕ وندٕ وأراگن ہنٛز پزٕ تہٕ درٕس آینہٕ دأری کٔرمٕژ ...... سُہ چھُ پانہٕ تِتھے ہیوٗ گدٕرن وول۔ تٔمۍ چھےٚ یہِ ہَن ژرِ کھوتہٕ ژر کٔرمٕژ، مگر أکِس سیٛدِس اِنسانس تہٕ شوٗدِس کأشرٕ سنٛدِ ذٕتۍ یتہٕ۔ کُنہِ بوٗغضہ تہٕ من ہمی وٗرأ ے۔ ہَتہٕ شٔتۍ وٗہری آسن تأریٖخ دان کٔشیرِ ہنٛدِ اَمہِ ورزٕ واوٗک حال زٕتھوٕ اعدادٕ شمارو، مارامأرٕ ہنٛد بوٕ بوکھتر تفصیلو اکُھتے خاص زاویوٕ ستۍ ٹلہ مُتیوٕ فوٹوٗ گرافو ستۍ کران۔ مگر یِمن ہنٛز اصل دگ تہٕ شبقہٕ ژٕتھ آسہِ ادب پارن منٛزٕ ے موجوٗد۔ خاص طور کأشرِ زبأنۍ ہنٛد بن۔ یِمن منٛز گرٕ دژامٕژ بٹنہٕ ہنٛدِ ویدا کھکۍ پٔزۍ شبد گزہٕ ٹلان آسن۔ پرتھ کانٛہہ دأردات تہٕ وانأ کی چھُ گوڈٕ مثنہٕ منٛزٕ ے زیوان تہٕ پزٕتھان۔ کزٕتلہٕ، بوندٗق، کلاشنکوف بیٖترِ چھِ منہٕ کہِ اَمہِ وٗ پھوأرکی محض رکرالیس پیٹھ اَنمتۍ اوزار آسان۔ حأری تاتَن ہنٛدی چھوکھ تہٕ ضرب چھِ ژمہِ پیٹھ آسنہٕ باوجوٗد دراصل دِلہِ کِبن شِلن پیٹھ پٔنٕۍ پوشہٕ وٗنۍ آخ داغہٕ نأوِتھ تھاوان، تہٕ تِمن تام چھُ صرٕف أدیب ہنٛدِس قلمہٕ ے یوٗت رسأیی۔

اَز ی چھ کٲشیرِ یُس غضب ژھٹ کڈان تہٕ یُس ناوِن کرٕ کہٕ ناد کرناوان چھُ، پنڈتاچھُ تمیک حال (undertone) منٛز کران، مگر سُہ چھُ تمہِ وِزِ کاشُرتہٕ روزان تہٕ بٹہٕ تہٕ۔ سُہ چھُنہٕ بٹہٕ مُسلمانٕنی ہنٛزِ وٕنلہِ منٛز پننہِ نظرٕ ڈلہٕ ژھنان۔ یہِ نارٕ مُہل دزان خبر کمہِ تیوٚنگل بالہِ منٛز۔ اَتھ منٛز گوٚ بٹہٕ پننہِ ژانٛگجہ تہٕ مُسلمان پننہِ پتجہِ پٔتھ ہیتھ گیر۔

اُکِس پینہِ پننہِ پنڈِ پُرن ترٛاوِنی تہٕ دگ تھاوِنی ...... "واپسی" افسانس منٛز چھےٚ شوٚبھاوتی پننہِ لرِ گوٚ برٕونان تہٕ اَتھ وُچھونہٕ اُچھ بخشان۔ عام کاشُر مُسلمان تہٕ گوٚ پننہِ حسابہٕ گرفتار۔ تَس پینہِ کٲشیرِ اَکھ وشال قبرستانک روٗپ یختیار کران وُچھنی۔ تہٕ پننین لرِ بن منٛز مہرِ نین ہنٛز بے ستری پٔتھ اُچھ وُمنہٕ۔ بٹہٕ رٕ ددوٗ رگوٚ ہتھ غریب الوطنی ہنٛز کرٛایہ منٛز بُرتہٕ یِوان۔ مُسلمانس بنےیہِ پننہِ کٲشیرِ اَکھ بڈ بڈ بم کلہ ہیر طبکھ۔ پنڈتا چھُنہٕ سارنے زاوی جارن وٲتتھ ہبکان، مگر یوٗ تانی ووتمُت چھُ، تُم چھِ اَمہِ عذاب عظیم تہٕ سرونا شکی مُعتبر تہٕ ناطر فدار وِہی خطاٗ وِتھ تھاوی ہتی۔ تُسُند بیان چھُ پننہِ زمینہِ منٛز پڑاٹنہٕ آمتس بٹس تتھےکُنی بہان، یوٗتا گرہے منٛز تلہِ تُلٔن گوٚھن واُلس مُسلمانس ٹھیکھ چھُ باسان۔ زبر چھُ یہِ زِ یہِ چھُنہٕ پنڈتاسُند زورٕ کمہِ نومُت ول یا ژھل، بلکہ تُسُنٛز بےریاراِیہ ترٛایہ ہُند بےپھرٕ وُک اِظہار۔

یِمہِ سوٚمبرنہٕ ہُند افسانہٕ پڈر چھوٗت، کھوٗت مےٹاڈرتہٕ باسان چھُم زِ واریاہ پاٹھک تہٕ کرن اَتھ پَسند۔ پڈر چھوٗت چھُ حیوانی اصلُک محاورٕ مگر یہِ چھُ افسانن پٔتھ تہٕ یہِ بہان۔ اَمیک عنوان چھُ دراصل اَمیک اند۔ تہٕ اندس واتتی تھےٚ چھےٚ عنوانچ برجستگی کتھ کران۔ یہِ کتھ چھےٚ پیچ ترٛجہ پرمیرلمیہ ہندی پاٹھی۔ اُکِس

غاڑ اِنسانی زۄ زاۘ ژیانے دانٛد ہنٛدِ زبِ بوزناونہٕ آموٚ جنٛس یانے (Sex) تہٕ تناسُل چھُ تخلیقک اُمن ...... امیک رازتہٕ تہٕ امیک سازتہٕ ...... امیک واکھ تہٕ تہٕ امیک وژن تہٕ ۔ پنٛڈ تاہَن چھُ جان زبرپاٚٹھی بوومُت زِ ییلہِ زۄ زاۘ ژن رنگ تہٕ رس کس اتھ مانسرورس ستیٚ واتھ ژٹنہٕ ییہ تِمن چھِ زنٛدگی منٛز سبکلی زیوان تہٕ ووندس منٛز ٹھونٛٹھ یِوان ۔ ییلہِ دانٛدس بالہٕ کران چھِ، تَس چھُ سورے ووپَس گژھان ۔ تَسنٛد بن نوٚمن سیٚدن سادَن لفظن منٛز چھِ تسنٛز زِندگی ہنٛز کرٕ ہٹھ دگ تہٕ تمیک (Paths) زن بکہٕ دِوان ۔

پڈر چھوٚت آسن کیاہ ہیکہِ ہے اَمہِ کھوتہٕ بوڈ گاٚیلہ بزوٚنٹھ اُنتھ ۔ ییمہِ بےٚ مزٕ زِندگی کھوتہٕ اوس شراکہٕ ستیٚ مرُن بہتر ۔

یہ سطر چھےٚ افسانہٕ کس عنوانس سانہٕ کنٛڈل بتیٚ ہش لاٚ کتھ چمکاوان تہٕ مانے دِوان ۔

یہ چھےٚ ژکہِ اِنسان ہنٛزے کتھ ۔ نتہٕ مرکرہن دانٛد بیٚترِ کتھ ۔ اتھ چھےٚ اکہِ حِسابہٕ آٹو بیوگرافیکل (Auto Biographical) پُچھ ہیوٚ تہٕ موجوٗد ۔ شاید چھُ لیکھن وٲلی اِنسان سُنٛد صیغہٕ ورتاونس اَمہٕ کنۍ پوٚت ہیوتمُت ۔ زِ کتھ واتہٕ ہے واتن واللبن پانس (سنٛدی پانہٕ) پیٹھ ۔ تہٕ سون سماج تُلہِ ہے اتھ پیٹھ پڈر چھتیٚ آژ نگرٕ تہٕ حالانکہ یُہے سماج چھُ فاشن ٹی ۔ وی کین ننیٚتھ ننن بدنن تہٕ تِمن ہنٛد بن شانٛد ارسنن دوگنن وُچھت زیون ٹاس تہٕ راتن ڈاس کران ۔ پننہِ زبٲنی منٛز ییٚتھ پزرٕ ژالنہٕ خاطرٕ گژھِ واریاہ تخلیقی جُرأت آسُن ۔ بحر حال یہ چھُ کاشرس منٛز اکھ کُنیٚ افسانہٕ ییمہِ آیہ پنٛڈ تاہن وُٹھ دنٛدن تل

تھاوِتھ زاآوی جن کتھن وکھنے چھنے کرہن ۔ تمہِ کنی ماکرن اَتھ نصاب بناون وآلِ

چوکی درتہٕ پسند ۔ یہِ ہیکہِ طالبہِ علمن تام کینہہ ابدی پزر کاشرِ پأٹھی واتہٕ ناونک تاز

کائل بنتھ ۔

یہِ بزونٹھے عرض سپد یمن افسانن منز چھنے کہاوژن تہٕ محاورن ہُند گتہٕ

جار ۔ یمن منز مے واریاہ سأدروار باسے یہِ ۔ اَمہِ علاوٕ چھِ یمن منز مُدے گنڈتھ

ماملہِ بیان کرنچ واریاہ مثالہ تہٕ ۔ مثلن اَکھ لوکٹ موکٹ نمونہٕ ۔

"ڈلی ڈلی دِژن کوکرس تصف ، تہٕ اونن شِنس پتھ ۔ ہون آو تہٕ بیوٹھ

بزونٹھ کنہِ شِنس پتھ ۔ شینس پتھ ووزل داغ وچھتھ اوس سُہ انہہ رارے کران،

لوٹ گلہِ وان تہٕ تسندہن اَتھن ہنی اَچھی نتہٕ ناوان ۔ اَتھ صبرس میوُلس بوس بیترِ ۔"

یژھ ہشہ مثالہ چھِ بسیار ۔

یہِ مجموعہ چھُ کأشرِ چہ گامہ زبأنی ہُند مُستند (Authentic) انہار بنتھ ۔ تہٕ اَمہِ

کنی چھنے اتھ پننی اَہمیتھ ۔ افسوس زِ بڈس کولہ راوس پتھ زنگہ آبس منز تزآوِتھ بہتھ

کأشرِ نقاد بیترِ چھِ پننو وتارو تہٕ وہستارو ہیؤ رگردن ثلتھ کأشرِ زبأنی ہنزِن نوہن پنجن

تہٕ بسی تیین کُن کیے پہن نظر ثلان ۔

**محمد یوسف ٹینگ**

وزارت روڈ، جموں

30-03-2003



# ڈُوٗنۍ گُل

مہشر ناتھ تہٕ رامچند آسۍ ہٕ بٲے بارٕنۍ۔ مہشر ناتھ اوس زیٹھ تہٕ امہٕ سبہ اُبسس پیٹھ زِ وٲنۍ کام مٕتہٕ۔ نٔون تیل اَنُن، وٕژھس لور پھیٖر کرُن، کھاندرس دوژھبوس پیٹھ گرٛژھُن، یِمے کامہٕ آسہٕ تسنٕدِ مٕتہٕ۔ یِمہٕ کامہٕ آسہٕ نہٕ دوہٕ دوہس یادو بے آسان، اَوے اوس نہٕ زیادٕ پہن یِلے آسان تہٕ باقیس وقتس اورٕ یور پھیران تہٕ سارنٕے نِش واتان۔ سارۍ آسۍ اَمِس شناخاوٕنۍ کران۔ "رٕت اِنسان چھُ "تم آسۍ ونان۔ "اَکِہ بی دوییہ دوہٕ چھُ خبر ہیوٚان۔ ژٕ چھُ تون رامچند۔ منحوس بلاے۔ نَستہِ سیٚدٕ ے چھُ پکان۔ گرِ پیٹھ کھاہس تہٕ کھاہہ پیٹھ گرٕ۔ کتھ کرنس چھُس قسم"...... مگر زانن وٲلۍ آسۍ زانان زِ زمیندارۍ چھُ دوکھہٕ کار۔ یُس تل روٗٹُن لتس چھِنہٕ نہٕ کلہٕ پھرِنس فُرصتھ آسان۔ دَیان زمیندارۍ دِژے یِکھ جُٹھن، تمو ہیوٚت شامن وُدُن۔

رامچند ن ہیوٚت نہٕ زانہہ وُن ۔ فُرصژ سان بہنس تہٕ آس نہٕ زانہہ موقہٕ ۔ دہ ہہ کلن ژون پہرن اوس کھاہس پٹھ آسان ۔ گرا سگ چاژن ، گرا لو لوٗنی ، گرا ژرِ راچھ ، گرا انہٕ مُرن واجن نیلہٕ تھوتھ بژن ، گرا بیچ دِنی ، گرا فُٹراوُن ، گرا بیر کڈنہٕ ، گرا بیر لدنہٕ ، انہٕ گتہٕ آسس توٗرے گژھان ۔

رامچند ن کوٚر نیتھر ۔ حالاتھ بدلے یہٕ ۔ سُپُد یہٕ ژ خانہٕ دارنہٕ خاطرٕ صابنہٕ چانژ ، نالان چینژ تہٕ واسلیل بیترِ انی تمٕ گرِکس برداشس پٹھ ۔ اکہٕ دوہہٕ لٹہٕ کوٚر مہشر ناتھن درگذر ۔ مگر ییلہٕ یم خرچ چلہٕ ژنی روٗ دی تس گیہٕ کن کھڑا ۔ تمٕ کرنو وانہٕ وول برداش دیُن بند ۔ کتھ لُج زنانن اتھہ ۔ تموٗ زیٹھ رووہس بُہرِ کٕ بابہٕ ہُندکن ۔ بزِنن نژکن ۔ ماے موجبتس لُج منز باگ بیر تہٕ چھیکرس پوٚکھ بیوٚن نیژن ۔ مُشکلن دزا کھا کھوٗری یہٕ وٕیہٕ ۔ ہمسایَن لُج کتھ اتھہ ۔ تموٗ پژ ژھ بیوٚنے بیوٚنے ۔ "کیا ساَ تو ہز دزاییہ وابیوٚن ۔"

"آں" رامچند ن وونگھ ۔ "زنانٕ تل ژوٚژن ۔ لیہاز اوس بیوٚن نیرنے رٕت ۔"

"داش نداش بآ گرووا؟" دینہٕ کاکن پژ ژھس ۔

"داں زمین بآ گروو ۔" رامچند ن ووٗنس ۔ "پننہٕ وابہہ کروس محنتھ ۔ سژ وزِ گاوچھنہٕ کانہہ پلالہٕ کرن ، دودس چھس ساری وومید واررو زان ۔"

لُگہٕ ویوژ آسی دونوے بآے اکھا کس ستی کتھ کران ، مگر اندری اندر آسی اکھا کس ژرژان ۔ مہشر ناتھ اوس سوٗنچان ژِ رامچند س تن نہٕ زچن نال اتھہ ۔

گژ یک سودا سلف اَنُن، مرُن زیوٗن، اَشناوٕ شناوس نش واتُن کوٗتاہ وق چھُ کھوان۔ ووٗنی تریٚس فِکرِ مہشر ناتھ کتھ تپالہِ اوس لگان۔ ژرِ دودتانی اوسُس گرِ موہیاروزان۔ ووٗنی وُچھ گرس واتیا کِنہٕ زمیند اَری۔ یتھر پاٗتھر دژ اوتہٕ تاٗردِژن نہٕ بیوٗن نیرنس۔ راچنٛد اوس سوٗنچان زیٚتھ اَستھ تھوٗن زنانہِ ہٕژرِن کتھن کن یۄ تانی نشرِنہٕ آو۔ کاٗماکاٗراداوسُس نہٕ کانٛہہ، صرِف اوس مسایہِ ژٕ ثان، سالن گوٗھان تہٕ ناس کران۔ ووٗنی تریٚس فِکرِ زمین کماوُن کیاہ گوٚ ییلہِ پاد پھلنس تہٕ رب ژوٗرٕ کھوڈس اَژیٚس۔"

دویمہِ دوہہِ دژاو مہشر ناتھ زمیند اَری کرنہِ۔ واریاہ کاٗلی پوس ڈوٗرِس وُسن۔ ہٕژ ین گرنس دگ، کمر گوس دوٗگُن تہٕ زنگہٕ گٔیس لژھل ہشہِ۔ سوٗنچن وُشنہِ پانٛکی دِمہِ شامن کھوٚرن ژُکر۔ گرِ ییٚلہِ ووت خانہٕ دارِنٛی آیس لولہِ سان برٛونٛھ کُن۔

"یِموآسہِ کیٛنٛہہ ترُشاٗیاوٗ رشاٗیاٗری ہٕژ۔" تمہِ ووٗنُس۔

"کیاہ ترُشاے؟" تمی پرٛژھُس۔

"گاڈٕ باسے یِم" تمہٕ ووٗنُس۔

"ادِ گاڈٕ؟ گامس منٛز کتہِ گیہِ گاڈٕ پاٗدٕ"

"ژٕ کیاساٗ وَنان۔ مےٚ چھاوٗنبرٕ چھمبی ژھُنٛی ہٕژ"

"اَنہِ ہٕژ آسنکھ، بہٕ کیاہ زن کرکھ"

"مےٚ نہٕ ساٗ ووٚنُے نہٕ تتھ پتھ۔ مےٚ ووٚنمے اوٚ تانی یۄ ژھنس نہٕ زانہہ گاڈٕ

انہٕ۔ بیٚون نیرتھ کیاہ آیس وتہٕ۔"

"ژتہٕ اَڈ زِ ہے"

"ازگوٚ ژھ پٔزی شہلٕن آسُن۔" تمہٕ ووٚنُس۔" مگر آسُن تہٕ بیہ"

"مےٚ چھےٚ دوہس کرِ پھیرِ ہٕز۔" تمٕ ووٚنُس۔" اورٕ تہٕ چھے لوگتھ بکواس۔ بیٚون نیرنہٕ باپتھ کٔڈتھ کن۔ وزِ ایہِ بیٚون، ووٚنی چھے جسدٕ چ ریہہ۔ یہِ یمن خوش کرِ تہٕ کرن۔ ژھیتھ پھُٹتھ آس گرِ چاپہِ کھوس چمہٕ۔ سُہ کتہٕ۔ اورٕ یوٗ وُنے لوگتھ دلہٕ وانژن۔" مہشر ناتھن پھیرُ بُتھ بیٚنِس طرفس کُن۔

"بٲے سُند چھے نہٕ برداش گژھان" تمہٕ ووٚنُس زُرٕ کرِ دِتھ۔

"کیاہ ہے برداش" مہشر ناتھن دِژ تھٕد کٔرِ کھ۔

"لوتہٕ کرسا" تمٕ ووٚنُس گلی زٕ گنٛڈِتھ ہزلہٕ سان۔" گژھ اَپارِ کنے چھے۔ دُپس غلطی ہبا گیم۔ بھگوان بخشن، ژتہٕ بخش۔ بیٚنہٕ ہمو یکہٕ وٹہٕ۔"

"نہٕ چھکھ ڈیٚنجہِ تٔلی نہٕ ڈیٚنجہِ پٹھی" مہشر ناتھن ووٚنُس ژکھہ سان۔

"دِمٲغی۔ بہٕ چھس تھوٚکمُت۔"

"مےٚ اُس پٔے ژٕ پوشکھ نہٕ کٲنٛسہِ ژٕ پوشکھ مےٚ۔ میٚون چھکھ نازوٚ راوار" تمہِ ووٚنُس لوتہٕ تہٕ گیہِ یل دِتھ چاے لاگنہٕ۔

مہشر ناتھ اوس کمرس منٛز گُنے زوٚن۔ مغز اوس ژاپان۔ فِکرِ ی اوسُس نہٕ تران زِ غوصہٕ اوس سازنانہِ پٹھ، کِنہٕ بٲیس پٹھ، کِنہٕ پانس پٹھ۔" گاڈٕ رنہٕ چھے نہٕ کانٛہہ بٔڈ کتھ" تمٕ سوٚنٛچ۔" مگر اَزی کیاز۔ گونا بیٚون نیرنس گوتاون ٹوک خوش۔

خیال اوسُم أندرِ کِنی آسبس پھیران تہٕ تتھے ماحول رزِہنا ٹھنڈ گڑھِ یہ ونہٕ پیٖہِ نہٕمو

یکہٕ وٹہٕ۔ تتھ بجایہِ چھُ خوش۔ زنان تہٕ چھس نہٕ سبد بو پدبو۔ اَمی ژون گرس ززر۔

وُنیکھ تانی چھکھ جان وُٹھنی کرہو۔ پھل موٗٹھ آسبن وقتہٕ ناوقتہٕ کِنتھ ژھُنی ہوٗ۔ بہٕ

اوسُس نہٕ کُنہِ سنان۔ ہرِ دِ بٔرے یہ داں کُٹھا۔ اسہِ رے زنان اُس پھوترا پھوترا

کڈان۔ تہٕ زانبس گورِ گردن، مُنان کیاہ اُس تہٕ کِنان کیاہ اُس۔ میانہِ زنانہٕ

دِتُن نہٕ زانہہ کنٛزِس تل ینہٕ۔ دَپان اُسس ژِ چھہم ہَش یوٗ تانی اوٗنُن سارِ ہے

پھش۔"

مہشر ناتھس اُس زِ مینچ فکرِ زیادٕ تنگ کران۔ بیٲلس اُٹھ ترِ کھ پانہٕ لاگنی

باسیوٗس کوٗہہِ مٔنزِ دوٗدِ کول اُنگی۔ مہنیوِ رُٹن اوس بیا کھ کلہٕ دود۔ یوٗ تانی نہٕ تس نفرسٕتی

سٕتی پکہِ توٗ تانی چھنے نہٕ کام نیران۔ تُسنٛد تہٕ پوشا کھ چھُ طلبہٕ علاوٕ۔ کاہَن آنَن چھنے گوٗر

دالِی پاو پہوان۔ مہشر ناتھس گو دوہ ٹک تھکُن مُشتھ تہٕ ژوٗرِ نظرِ دِژِن راچنٛدنس کمرس

کُن۔ تتہٕ اوس ژونگ دزان۔ ہایہِ بغٲراوس تازٕ بور گاہہِ ژھٹان۔ راچنٛدس اُس

بتہٕ ژادربڑ وُنٹھ کنہِ وہرِ تھ تہٕ تیسنٛز آشنٛنی اُس بتہٕ سیٖن ژادرِ پیٹھ واتہٕ ناوان۔ سوٗ اُس

گژایہِ ماران۔ کتھِ پیٹھ اُس اُسُن تزا وان زن اوُسن پھڑ کھ تزِ وومُت۔ مہشر ناتھ

گو دِلملوٗل۔ تس مُٹھ بوٗچھِ تہٕ وُشنہِ پانٛکڑ کی۔

دویمہِ دوہہ بیٲلہِ راچنٛد عنبد ردوتھ تس پیٖہٕ نظر کوٗٹھس بڑ وُنٹھ کنہِ آنگنس مَنز

تازٕ ڈونگلِس پیٹھ۔ "یہ کتہٕ سنا آو راتھ کیُتھ کُھستھ۔" تمی سوٗنٛچ۔ میٖژ اُس تازٕ کھُنی

ہوٗ۔ کتھ آیس سمجھس مَنز۔ یہ چھنے بٲے صابنی کارستانی، تس موٗٹھ بتھ چھلن۔ زنانہٕ

کوٗرٕن آلو۔ ڈۄنی گُل ہوونس۔ سۄ گییہِ حیٲران۔ کالہٕ اوس تمہِ ژیرِ ژھٕٹ ووٚنی

تژ وۄمُت تمہِ وِزِ اوس نہٕ اتھ ڈۄنی گُل۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گییہِ پریشان۔ نہٕ ژینیکھ چاے

نہٕ آکیکھ کانہہ کٲم کرنہٕ۔ ڈۄنکلیک قضیہٕ گوٚ صبحٲے شوٗرٕ۔

"مےٚ اُس نہٕ خبر زیُتھ اَستھ کرِ یہِ یُتھ پتراتھ۔" راجہندن ووٚن

اُکی ہے۔ اکبرڈارتہٕ علی بٹ اَنہٕ ناوِن۔ ڈۄنی گُل ہوونکھ۔ پننہِ کوٗٹھس تانی اوس وٕلی

قدم گٕنزراوٕن تہٕ ہاوتھ دِوان زِیہِ رٹہِ سٲرے کوٗٹھس تَل۔"

"یہِ چھےٚ مہشر جوٗنی غلطی ...... سبٹھاہ غلطی ......" علی بٹن ووٚن۔

"اُسی سمجھاوون یہِ چھا شایانہٕ، یہِ کرِ نہٕ پٔتر۔ تابہ حال چھو توٚہی بٲے

بارٕنی۔ گوڑٕ ونو کیاہ راتھ تانی اُسرِ اُکی ہے لیچہِ کھوان تہٕ اکی نالہٕ پھبرن

کڈان۔"

"توٚہہِ لٔج وٕ ناسٲ خبرٕ ے؟" اکبرڈارن پرژھکھ۔ "توٚہہِ ما اوسوٚ ہا پتھ اشد

بیترٕ کھیوٚمُت۔"

"خبر ہساٚ مزار مینٛز ما چھیچھ راتھ کیٚت۔" راجہند نِ زنانہِ ووٚن۔ تمہِ ہینٛز

کوٗٹھس اٗندی اٗندی سام زِ تاز مینٛز ما چھےٚ چھکِتھ۔

"توٚہی ونیوٚس" راجہندن ووٚنکھ۔ "اگر یہِ ڈۄنگل کڈِنہٕ تیلہِ تژ اوٚبہ کوٗٹھ

تہٕ اُکی ہے تہٕ بسہٕ گنہِ جایہِ دوٗرِ۔"

"دوٗرکوٚت سٲ گوٚ ھکھ۔" اکبرڈارن ووٚنُس۔ "زوٕ وِ خاطرٕ چھاژٕٹ نالہٕ

کڈان۔"

"نہٕ بوزُن گو غضبہٕ خوداے۔" راچمنٛدن ووٚن۔ "دوپنس پوٚشاکھ نے ژولُکھ تہٕ نا۔"

مہشر ناتھس گیہٕ نادس مگر تمیٚ اُس صحاے دگ تھوٚہٕ۔

بیپہٕ دوہہ اوٚن برادری سہٕ صحاے نادِتھ۔ دوپہس ڈوٚنی کُل کڈُن تہٕ بیپس کُنہٕ جایہٕ رُدُن۔ سہٕ ووٚتھ درجواب اُسنٛد بزن چھُ میانہٕ جایہٕ پٔتی کٔنی، مے کوٚڈا۔ اَتی چھُ پھوٚمت۔ اگر یتھی کُل بھمو کڈنہٕ، تیلہٕ چھُ سارہے تہراج تھوٗن گُرتھ۔ تہٕ گُرِتھ اتھتھ واتہٕ نامےٚ زمینہٕ ژوٚپ۔ ڈوٚنی کُل چھُ مےٚ پنٛنس ژھس منٛز۔"

کتھ زیٹھے یہٕ۔ پٹوٲری آو اَنہٕ۔ جریب آیہٕ لاگنہٕ۔ گوڈٕ آو ڈوٚنی کُل مہشر ناتھ نِس ژھس منٛز، مگر پیٛلہٕ دویمہٕ لٹہٕ جریب لاگِکھ یہٕ دزا و راچمنٛد نِس ژھس منٛز۔

"یہٕ ہساٗ گیہٕ ژرٹھ۔" مہشر ناتھن ووٚن۔ "گوڈٕ آو ڈوٚنی کُل میاٗنس ژھس منٛز تہٕ پتہٕ دزاو اُسنٛدِس ژھس منٛز۔ مےٚ چھِیم ژھل تزان فِکرِ۔ مےٚ چھےٚ نہٕ اَتھ ہیٚتی برابری۔" یہٕ وٕنتھ دِتُن یل تہٕ ژول ہورٕ کُن۔ تسنٛز ہٹھ درمی بز وٕنتھ کُنہٕ چلوٕ وِنہٕ برادری کینٛہہ، تم دزا یہٕ اکہٕ اکہٕ۔ راچمنٛد گو وارٕ پریشان۔ مہشر ناتھن کوٚر ازتزامو ہُتھ اپنے بھٲیس ہتو رنہٕ فِکری کیاہ کرٕ۔ ڈوٚنی کُل ژٹُن نٔے جُرم آسہٕ ہے، سہٕ تھوِ ہس تبرٕ ہیٚتی پھلہٕ گُرِتھ۔ مگرتس آسہٕ ہےٚ اَتھٕ وُنہٕ لاگنے، مہشر ناتھ ژٹہٕ ہے پرچہٕ۔ تتھس باٗیس پیٹھ کُس بھروسہٕ کرِ ہے۔

چھیکرس گو رامچند دِیُنہٕ کاکس مشوٗرٕ ہیٚنہٕ۔ دوٚپنس ڈوٗنی گُل کوٚ ڈنہٕ بأے صأبُن کیٚنِہہ، ووٗنی کیاہ کروس۔"

"خبر چھم، تمیٚ ووٚنُس۔ اوترٕ دِژمس نظرا سبزار چھُن کوٚ رمُت۔"

"ووٗنی کیاہ کروس" رامچندن پرٛژھُس۔ "برادری ہُند فأصلہٕ موٗنُن نہٕ قطن۔"

"میأنِس جأنی بس مَنز چھُ یِی یوان زِ یتھ کُنہِ تمیٚ رُوٗ تِتھے کُنہِ ژھُنُن ژٕ کڈِتھ۔"

"مےٚ آو سمجھ۔" رامچندن ووٚنُس۔

سُہ آو گرٕ۔ دوٚہلی تھوٚوُن ڈُ گاڑِتہٕ بیلہٕ چہٕ وُچھِتھ۔ راتھ کیٚتھ ییٚلہٕ سأری شوٚنگی۔ سُہ ووٚتھ بتہٕ دٔب چہٕ غنبدرِ مَنزٕ ے تھوٚد۔ ڈوٗنی گُلس کھٔنی میٚژ أندی أندی تہٕ موٗلو سان اوٚنُن پرٛأٹِتھ۔ یہٕ دِژُن مہشرناتھنِس آنگنس مَنز دأرِتھ۔ کھوڈُپرُوٚن تہٕ شوٚنگ۔ أز پیٚنِس گوب غنبدر۔



# کھانٛدر

چۄنی لالن مۄکلووِی ۔ ایس ۔ سی کٔرِتھ ۔ تسنٛدی مأڈلی شامہٕ لالن سۄنٛچ زِ گرس مَنٛز چھنہٕ زنانہٕ مۄرا کانٛہہ ، تہٕ شۄٹھس چھُ پہٕوان دوٚہے اَتھہِ بُتھ زالُن ، ووٚنی کیاز کرِ نہٕ چۄنی لالس کھانٛدر ۔ اَکھ روزِ بر ووٚتھ ۔ دوٚیم واتہِ چایہِ کھوس ، بتہٕ میوٚنٛڈ بڑ وٚنتھ کُن ۔ تس اُس خانہٕ دارٕ ٚنز دوٚیمہِ پپنہٕ سور گہٕ واس گُمژٕ تہٕ تنہٕ پٮ۪ٹھ لوٚگ انٛدرٕ ربرٕ گُنٛنے زوٚن ۔ تمیٚ کٔڈ ساتہٕ ٹیکنٛز ۔ ربتھ تارٕ گیہِ ٹیکٕ نہِ موزنہٕ کانٛسہِ ۔ اڈَبو ووٚن نیچُو چھس پۄ رُمت لیٚو کھمُت ، اَتھ کانٛہہ شک چھنہٕ ، مگر نوکری چھُ لگنے ۔ بوزَو یٮ۪لہِ نوکری لگہِ ۔ تاتو دبالا شود ۔ کینٛہہ آسی عجیب دلیل ونان ، لڑکہٕ چھُ پوٚرمُت لیٚو کھمُت ، سُلہ ژیری ما لگہِ نوکری ، مگر چھُ گُنٛنے ۔ نہٕ چھس مأج ، نہٕ بوے نہٕ بیٚنہٕ ۔ کوٚر چھےٚ نٕز تہِ پانَے اَنٕز تہِ پانَے ۔ گُنٛز ہٕٹ چھےٚ نہٕ دانس تہِ دزان ۔ یہِ گوٚ صحراوس منٛز گل رُوٚن ۔

"لُکھ کم منطق چھِ ونان۔" شامہٕ لالن سوٚنچ۔ "اَز تانٛی کُس کھوٚت دیہ کرنس لوٚر ہینتھ۔ نچوٚ چھُ کُنے۔ تمہٕ ستیٚ کیاہ گو۔ نہٕ چھُس کانٛہہ پرٛژھنس، نہٕ لونچہٕ لمنس۔ یوسہٕ کوٚر ریوٚرہیہٕ، راج کرِ۔ یژھو بےہوٚدٕ کتھوٚ چھےٚ واُلنٛج دزان۔"

مگر قسمتن دیُت لرِ پھرٕن۔ چوٚنی لالن دیُت بنکس منٛز انٹرویو، تہٕ تس بنیہٕ نوکری۔ بنکہٕ چہٕ نوکری اوس یژتھ تہٕ تنخواہ ژوٚر۔ روٗتس راتھ بدلےیہٕ حالاتھ۔ یِم راتھ تانٛی شامہٕ لالُن ناد بوٚزِتھ بژیڈی اٚسی کڈان، تمو ہیوٚت تسندِس بژاندس پتھ ڈبکہٕ گژھن۔ کینٛہہ گیہِ ٹیکنٛز رلاونہٕ بغاٗر کھاندر کرنس پتھ تیار۔ "یِم موحبتھ چھِ کران، تمن کوسہٕ ٹیکنٛز چھےٚ رلاونہٕ یوان۔ سوٗرے چھُ پُٹن شک۔" تم اٚسی ونان۔ شامہٕ لال بنیوٚ ویوٚتھ دارتہٕ شریف مہنوِ۔ یِم تسندِس ناوس اٚسی گُتھ کڈان تمن ہیوٚتن وونٛی رُتے رُت بوزنہٕ یِن۔ چوٚنی لالن گن آسُن ترٛ۔ ین ریتن اوس شامہٕ لالَ یہٕ کتھ بوٚزی بوٚزی بُتھی کنٛز آمُت۔ بُڑلہِ اوس نالان۔ وونٛی اُس کمچس دن اٚتھِ۔ سُہ اوس ترٛ۔ ین ریتن ہُند قصاص یژھان ہیوٚن۔ اوٚ تانٛی اوس ژھانڈان شریف کوٗرا گژھِ آسنٛز، وونٛی ہیتنٛز دودس گنٛڈی ژارِنی۔ یوسہٕ کوٗر میٹرک پاس اُس آسان، تس اوس ونان بی۔ اے گژھِ آسنٛز۔ یوسہٕ بے۔ اے اُس آسان تس اوس ونان نوکری گژھ آسنٛز کران۔ تس اوس یاد پیوان سُہ کمہٕ تاوِ اوسکھ کوٚ ڈُمت تہٕ کرٛژھلو دمُت۔ سُہ اوس ازتمی آیہٕ واپس تولان تہٕ تہنٛزِ لاچاٗری حظ ٹلان۔

اُخر واُژ ٹیکنٛز پھیران پھیران کاُشی ناتھُن گرٕ۔ سُہ اوس ہاکھ بتہٕ کبھنہٕ وول۔ کوٗر اُسس بی۔ اے پرٛ ہو۔ پرٛاعمن ہندِ توٗعلہٕ اُسس بیٗالس باہ ترٛ کھ تہٕ

باغہٕ ٹکرا۔ تِم تہٕ پنٕنس اَتھس منٛز۔ گۄن رچھنہٕ خاطرٕ اوسُن مھنیو تھوٚمُت۔ مگر تس آسی زٕ قوٗنٛج۔ اَکھ یہٕ زِ تسنٛدِس ہٕہرٕ سُنٛدی ہٕہرن آس کرتانی مرگ پھرنس پتھ وازگی کرِمٕژ، یَتھ کینٛہہ نفر شاہد آسی تہٕ یُس کاشی ناتھس پتہٕ نیٖنو۔ یِو دوٚے وازگی آسن پتہٕ ژٕ اوٚمتہٕ وونی اوس بجا، مگر ناوٕ لگن گوٚ نار لگن، سُہ کوٚت ژلِہ ہَس اگر سُہ تل پاتال تہٕ وسہِ ہے۔ اَچھ ژھٕٹھ آس وُنہٕ دوٗرِ دراز آشناون واتان۔ دوٚیِم اوس کوٚنڈ پہن۔ مُچھ ژیہہ ہے، روپے بچاوٕ ہے۔ تسنٛزٕ کنجوٗسی آس مِثال۔ اوٚے آسی لُکھ ونان زٕ لٕرٕ اپوٚنٹکھ چھِس۔

گوڈنیک قوٗنٛج کوٚر شامہٕ لالن درگذر۔ "یِہ کُس رِشتہٕ چھُ۔" تِمی سوٗنٛچ۔ "ہٕہر سُنٛد ہُہر۔ سُہ گوٚ ناران بان۔ تسنٛزٕ ژھٕٹھ چھےٚ نہٕ تیٚژا کاشی ناتھس پیٚژا تسنٛدِس ہُہرس چھےٚ۔" تِمی دیُت پانس تسلا۔ مگر تسنٛزٕ کنجوٗسی ہُنٛد بڈیوٚس خدشہٕ زِ پوٚتُس گوٚ ژھ نہٕ ہاوُن نیٚژھ۔ پتہٕ کُس جائیگیر رٹِس۔ یہٕ کتھ وَنٕزٕ تہٕ آس موٗیوب۔ تِمی سوٗنٛچ زِ بےٚ شوٗنگھی پاٹھی گژھ تہٕ مُشکلایہٕ ہٕبتھ۔

علل صُبح پیوٚ شامہٕ لال تور گوژھتھ۔ سُہ بیوٚٹھ نبرٕ کنہٕ بوٗنہٕ تل کولہٕ بُٹھس پیٹھ۔ کاشی ناتھس سوٗزُن ناد۔ سُہ آو تِھی پھٹان گلی زٕ گنٛڈِتھ تہٕ روٗدتس بزٕ ونٛتھ کنہٕ دودنی۔

"نمسکار رِمہارا۔" کاشی ناتھن وونُس۔ "توٚہہِ کتھ کٔنی کرٕ ویپاری اَز دیا۔"

"گاوا ہم مٔلی ہٕیٚنٛز۔" شامہٕ لالن وونُس۔ "اوٚے لوٗگس ویپاری۔ اَتہِ سوٗنٛچُم توٚہہِ تہٕ ہیٚمو وخبرا۔"

"رُت کٔر رٔو ۔" کاشی ناتھن وونُس ۔ اَندری کنۍ بیوٗتھس نہٕ تِسند وُن ۔ تَمۍ کٔر رُوٗٹھن بالکہٕ مُجار ۔

"گرٕ چھاوارے ۔" تَمۍ پرٛژھُس ۔

"ترٕٛ کُس چھُ" شامہٕ لالن وونُس خنٛد ہنا کرِتھ ۔ "یا بہٕ نتہٕ چوٗنی لال ۔"

"گاو آسہٕ ژھانڈان ، ہیٚز وونا"

"تیلہٕ آسہٕ ہم ستۍ ۔" تَمۍ وونُس ۔ اتھ جوابس پٮ۪تھ گو خوش ۔

"یِنہٕ کرو مولوم ۔"

"دٔچھ کُس غم ہیوٗتھ ۔" شامہٕ لالن وونُس ۔ "ستھن سوداہَن چھا جلدی کران ۔"

"یُسند بہٕ ونان چھُسو ، تس چھےٚ زبر گوٗری گاو ۔" کاشی ناتھن دِژس زورٕ زیر ۔

"زبر آسہٕ ستۍ کیاہ گو" شامہٕ لالن وونُس ۔ "پھرٕ یہٕ تہٕ گوتھ آسۍ ۔ تَمِس اُسۍ ژن سونہٕ ہنز نالہِ یار ، پھرٕ یہٕ آسہٕ نہٕ صِفتھ کیاہ چھُس ۔"

"کہیں نہٕ" کاشی ناتھن وونُس ۔ سہٕ لوگ پننہٕ جایہٕ سوچنہٕ زِ شامہٕ لال ما چھُ کانہہ دٔلتھ مٔلتھ کتھ ونان ..... سونہٕ ہنز نالہِ یار ...... پھرٕ یہٕ ...... اَتھ کیاہ مطلب چھُ ۔ تس آو خانہٕ دارنہٕ ہُند خیال تِکیازِ سہٕ اوس نہٕ دٔلتھ کٔتھن ہُند مانے ہکان ژٲرِتھ نہٕ اَسِس ہینہٕ دنٛچ کانہہ خبرا ۔ پھرِ پھرِ اوس گرٕ گن نظر دِوان ۔ [illegible] تسنز آسہٕ چھا خبر [illegible] باخبر نہٕ [illegible] تی [illegible] کینہہ [illegible] ۔

اَندری کنۍ اَیِس سونٛچان [illegible] ما [illegible] کہنہ ۔ [illegible] ہند ہیوٗل چھا گولِمُت ۔ [illegible] نہٕ [illegible] ژھاے [illegible] پیٹھ گرٕ ۔ [illegible] دیا ۔

"مہارا اَندر رأژو" تمہٕ وونُس دنٛدٕ تو ڈٲوی ۔ "سون دارتہٕ کرِو پوتر ۔"

"تیٖژ افُرصتھ کتہٕ چھم۔" شامہٕ لالن وۄنُس۔ "دپان چھس مرٕ ہا گرِ کُس تھوٗن۔ کُنۍ زۄن چھس ارہٹس لۄگمُت۔ اوے چھس سوٗنچان نوشہِ پاواانن یتھ دوٗہس بَر روزِ دوتھ۔ نتہٕ کمہٕ ناوٕ چھےٚ چوٗنی لالس نیٖرتھ گمژ۔"

شُترن تہٕ بدن "تمہِ وۄنُس مرنک لفظ بوٗزِتھ۔ تس باسیوٚ شامہٕ لال عام اِنسانا ہیوٚ۔ صرِف ما آسہِ کأنٛکی پہن۔ تمہِ ستی پینٛہِ نہٕ کانٛہہ فرق۔ یہ چھُ زاہہ پھبرلن یُس دوٗہہ پتہٕ دوٗہہ ژھوٹان چھُ۔ کینٛژن چھُ خمیرٕ مژ کاکیٖر۔ مگر پننٕہ نبن بچن کنۍ چھِ رٕتی آسان۔ یتھبن موقن پیٹھ اِستعمال سپدن واجنۍ زبان اُس سوٗرٕتی پأٹھۍ زانان۔ تمہِ وۄنُس۔ "تہنٛد سایہِ گژھِیکھ ہتس وٕرِ یُس موٗجوٗد روزُن۔" یہ وۄنِتھ دِیُتُن دٕم تہٕ تسنٛدِس بتھِس گنٛڈُن مُدیے زِ آیامیوٗن وُنُن گوسا سیوٚد۔ تسنٛدِس بتھِس پیٹھ ییٚلہِ شُتھے مژٕ ہش باوتھ وُچھنۍ، تمہِ سنٛبول پان۔ دوپُنس۔ "پکِو گرٕ اُژدِ یتھ بنٛدُھتھ آو، تتھ گوگرٕ اَژُن، بوٗٹھ کڈُن، تہٕ اُسۍ خوش کرٕنی۔"

"ییٚتتھ چھےٚ پان ہناوسان تہٕ بییٚہٕ چھُ بونہِ ہجار۔ نہٕ چھےٚ مُچھِ نہٕ موٚہو۔" شامہٕ لالن وۄنُس۔ وٕنتھ دِژن اکھ نظر کولہِ، اَکھ بونہِ تہٕ اَکھ تس۔ "اَز ییٚک کھاندر چھُ بنیومُت پأٹھۍ۔" "سہٕ گوٚونان۔" "اَز چھِ بیڈ، صوفہٕ تہٕ کم تانۍ چیز دِوان، یم اُسۍ زانوٚہے نہٕ۔ مے چھےٚ یمن ہچہِ کھنٛجن ہنٛز نفرتھ۔"

شُرس پننِس کیاہ شوٗبہِ نہٕ۔ "کأشی ناتھ نہِ خانہٕ دار نہٕ وۄنُس۔ "یم چھِ از کل ییٚتی عام زِیمن نہٕ شب درِشاند آسہِ، تم تہٕ چھِ دِوان۔"

"گوٚ یم چیز چھکھ دِنۍ۔" شامہٕ لالن سوٗنٛچ پانس ستی۔"

" مگر بہٕ چھس ونان کتہٕ آیہٕ یِم چیز ۔" تس آیہٕ کأکی گی وۄتلتھ ۔ " لُکھ چھِ بےٚ منتی لالچی ۔ پرٛأنی اُسی ڈبہٕ ہورا، تولسی یا مُنسا دِوان۔ یُتھ وقتہٕ سختی اِنتھ ہیکہِ ہے تہٕ ڈھل وقت کٹاوِ ہے ۔ ازچھُ پینڈ ولم، نیک لیس، بیٚیہٕ قودرتھ زانہٕ کیاہ کیاہ ۔ بہٕ چھس حأران یِم چیز کتہٕ آیہٕ ۔"

"ازکیاہ وِژھ ، بیٚیہٕ ذوٗ نٛیمِ۔ ازنیہٕ گرد نی ۔ بہٕ ساری چھیِ کران" "گوٗ بٕقایہ گو ۔ " شامہٕ لالن وۄن پانس سۭتی ۔

"اڈی مہارا چھِ ہیوٚن تہٕ پن تأنی دِوان ۔" تِمی وۄن کتھِ وارٕ واش کڈنہٕ خأطرٕ ۔ " یہٕ چھےٚ ناحأنچ کتھ ۔ اکی گرن دیُت سرتلہ دوکھل تأنی ۔ حأران گوس ۔" یہٕ کتھ نہٕ وِے شامہٕ لالس تہٕ کأشی ناتھ نہٕ زنانہِ ۔ شامہٕ لالس گیہٕ کن کھڑا تہٕ کأشی ناتھ نہٕ زنانہِ گرٕ رِنس توٗج ۔

کأشی ناتھ نہٕ بیقل عقلہِ ترٛیوٚ وفکرٕ زِ شامہٕ لالس چھنہٕ ظأہرا داج بیٚترٕ پسند، مگر زنانہٕ ہنٛز توجہ گوکو پتہٕ ہیوٚ، تہٕ فِکری تو رُس ز، تِمی کر کیا ہتانی غلطی ۔ کتھ سنبالنہِ خأطرٕ وۄنُن ۔ " یہٕ مہارا تو ہی ڈنوتی کرو ۔"

اَتھ پتھ گرٕس خانہٕ دار نہٕ خند ہناتہٕ دولہٕ ترٛ اُونس نظر ۔

شامہٕ لالن وُچھ ۔ سُہ گو ہنا پریشان ۔ " کأشی ناتھ چھُ پرٛزی کنجوٗس ۔" تِمی سوٗنچ ۔ " کو بس لتھ ما گیس کارگر ۔"

" پینس شُرس کیاہ گری زِنہٕ ۔" کأشی ناتھ نہٕ زنانہٕ وۄنُس ۔

کأشی ناتھس اوس نہٕ ووٚنی بُلکل پلہٕ پیوان زِ شامہٕ لال چھا داج ژھانڈان رِکنہٕ نہٕ ۔ سُہ گو تزٚین تہٕ ترٛواہن ۔"

" کتھ سپز نہٕ صاف ۔" شامہٕ لالن سوٗنچ ۔" کأشی ناتھ چھُ کنجوٗس ۔ تھف کرنہٕ خأطرٕ گوٚ ھبس کانہہ کتھ اتھِ لگنی ۔"

تأنی وۄت دودِ سماوار بونہِ تل ۔ کھلہٕ بوٗنہِ ہواہس ژھٕٹ گرگلی دودن مُشکہٕ ہنا ۔ شام لال اوس صُبحن گرِ فاقے دژ امُت ۔ مُشکہٕ ستی لوٗگس معیا دس ودکھر ۔ مگر وٗ زتھونہٕ خأطرٕ رُود دودس "نہٕ نہٕ" کران ۔ "مےٚ گوٚ ھِ ژیر ۔" تٕمی وۄن ۔ کأشی ناتھ نہِ خانہٕ دارنہِ تجُس نہٕ تھف ۔ تس اٚس خبر دودس چھُس مأل مگر کأ کرِ آسنہٕ سہٕ کھارِ پانس پپرس کھنڈس مُجرح ۔ سورُی زکھوس ہبتھ بڑونٹھ کنہٕ کھڑا ۔ ہمسایہٕ دژ ایہِ کولہِ پپٹھ ۔ تٕموٗ وُچھ کأشی ناتھنٕ زنان دوپر نفرس کھوس ہبتھ درٕ درٕ کران ۔ تٕمو کوٗر یکدم اخذ زِ کھاندرُک جھنجھٹ چھُ ، تہٕ ٹھہرے یہٕ تماشہٕ وُچھنہِ ۔ شامہٕ لالس زن وأجکھ وٗقر ۔ زیادٕ مزاحمتھ ہیچن نہٕ کٔرتھ ۔ کھوس روٗٹن تہٕ اکس بزٕ ژس منزیٕ ان دود چیتھ ۔

دودموکلأ دِتھ دوتھ سٕہ تھوٗد ۔ دوپُن "نخ ژیر گو ۔ گرِ چھُنہٕ کہنے ۔" یہٕ وٗنتھ تٕو رکولہِ اپورتہٕ دژ اوگرُکن ۔ کأشی ناتھ تہٕ تسنز خانہٕ دارنی دژ ایس پتہٕ پتہٕ ۔

"یہٕ مہارا چھو شریف کوٗر ۔" کأشی ناتھ نہِ زنانہِ وۄنُس پوٚتُس ۔ "اَز تأنی زٕ چھ اَسہِ ، وونی چھو توٚبہٕ زٕ چھنی ۔"

"یمن چھُس بہٕ رچھن" ۔ شامہٕ لالن وۄنُس اَسنا کٔرتھ ۔ بہٕ چھُس چایہٕ کھاسکھ تہٕ پتہٕ میٖنڈک مألکھ ۔ باقے گرِ بار چھُ یہنٕدٕ ے ، مےٚ چھا اٚس کہتھ نٕین ۔ بہٕ ٹُس چھُس" ۔

"ہُز خدمتھ چھکھ گوڈ کرٔنۍ۔ تو ہے یے بب چھو وکھ"۔

"یتیلہِ مے کرمس آسہِ کرنم خدمتھ۔ اگر نہٕ آسم کانہہ کیاہ ہیکہِ کٔرتھ۔
ہورے تہٕ گُرک باتھ، دارے تہٕ دنگ ہاپُتھ"۔

کاشی ناتھ نہٕ خانہٕ دار نہِ کٔر رژِ کُنچہِ ژھوپہ۔ آخر ووننس۔ "تیلہِ سوزی وا اَکِس دۄن دوہن تانۍ شِنچھ۔"

"اَن" "تمہِ ہووکلہٕ ستی تتھ کٔنۍ زِ یہ تو رنہ فِکرِ تمہِ اَنکار کۄرا کِنہٕ نکار۔

گرٕ واتتھ اَکِ دۄ نوے ذری منس منز پھران تہٕ ژوتران گُمۍ کیاہ ووٚن۔

شامہِ لائِنز کنۍ اَس نہٕ کتھ صاف گمژ۔ کاشی ناتھنز زنان چھے رٔژ...... مگر کاشی ناتھ، سُہ نہٕ چھُ اور نہٕ یور۔ "بہٕ کیاہ مجبور چھس۔ خبر کیاہ سوچ اَمی کاشی ناتھن۔ یہِ ہا آسی سکندری طالع چون تہٕ تہٕ کو رہُند تہٕ اگر بہٕ مانہٕ ہے۔ بہٕ کیاہ مجبور چھس بہتر چھُ تانۍ کتھ ژٹھ دِین۔ بنان چھُ اَمہِ کھوتہٕ جان تان بنہٕ۔ آخر کٔشیر چھِنہٕ کاہے گر۔"

کاشی ناتھ نہٕ زنانہٕ تہٕ باسیو وکتھ رۄزِ دُلہِ مُلس منز۔



# کال

اَسہِ اٲسۍ کھاندرس نٔو رِتھ گمتۍ۔ سوٲس ئِستی گوبہِ کھۄژِ رۄزان۔ اَتھ اٲس سو خوش۔ مگر ووٚنۍ اٲسو گوبے ئِتھ۔ ڈاکٹرو ووٚن بچہِ زِوٕ گژھنہِ وِزِ۔ ژٕ مازِوٕ ہے راتھ کیٚنتھ، یہِ زن پرٛسنس منٛز عام پاٲٹھۍ سپدان چھُ، تہٕ بہٕ گژھہ ہا چورتہٕ، مےٚ نیہِ سو بڑٕ وٕنتھے ہسپتال۔

ہسپتال دٲتھے ساٲوِکھ سو بیڈس پٮ۪ٹھ۔ زیوٚٹھ مُلاحظٕ کوٚر ہَس۔ یڈ سور ہس۔ ہلین دیُت ہس ژٕلِ۔ بُلڈ پرٛیشر وُچھ ہَس تہٕ ایکس رے تُلہٕ ہس۔ نٔرسہٕ آسہِ ٹھپ ٹھپ کران کمرس منٛز اژان تہٕ اَسہِ کینٛہہ وننہٕ بغٲرٕ ےلس اِنجکشن کران۔ یہِ سورُے زن اوس تیٚز تراوِتھ مشینہٕ ہِندی پاٲٹھۍ سپدان۔ ڈاکٹرو کوٚر مشورٕ۔ بہٕ بُلو وہَس اندر۔ دوٕ پُکھ بچہِ چھُ دولہٕ آمُت تہٕ اپریشنہٕ بغٲر چھُنہٕ چارے۔

گنہِ سوٚنچنہٕ کرنہٕ وٲرٲے دِژ مےٚ پٔنٕنز رضامندی۔ بہ کرنووٚنس کینٛژون فارمن دستخط، یم مےٚ اَمہِ وِزِ پٔری نہٕ۔ ژٕ نفر آیہِ سفید ایران لٲگِتھ اتھن منٛز بوتلہٕ، ربر ٹیوٗب تہٕ شٔوٗنہٕ ہیتھ۔ تِمو لوگ سٹینڈ تہٕ تس کھوٗر کھگلہٕ کوٗز۔ تِم نیرتھ رٕوٗدی اُسی کتھہٕ کران۔

"بہٕ چھس نچوٚ یَوٚ ھان"۔ تِمہِ ووٚن۔

"بہٕ چھس کوٗریٚوٚ ھان۔" مےٚ ووٚنس بٔلی کتھ رٹنہٕ خاطرٕ۔

"مےٚ وودت یہِ سوٗرے وق نچوٚ منگان۔ دشہِ چھم تھوٚہِ مۆ۔" تِمہِ ووٚن وُٹھن گُمجار کٔرِتھ۔

"نچوٚ ے گوٚ ژھ زیوٚن۔" مےٚ ووٚنس۔

"ہمدردی نہٕ۔" تِمہِ ووٚن۔ "ژٕ روز پتنس منگنس پتہٕ بہٕ روزٕ پتنس وُچھو کُنٛد مُراد گوٚ ھِ پوٚرٕ۔"

"ٹھیکھ چھُ۔" مےٚ ووٚنس۔

باسان اوس تس اُس نہٕ پژھ یوان زِ تس اوس شکمس منٛز بچہِ پلان یس اپریشنہٕ ستی سبر اوس نیرُن۔ سو اُس بڑ دلیر تہٕ اپریشنگ ناو بوٗزِتھ نہٕ گابرے یہِ نہٕ آیس بتھس فرق۔ یہ اوسُس اتھ پیٹھ خوش۔

"زنان چھےٚ بچس ستی کنٛڈ نہٕ یوان۔" تِمہِ ووٚن ہنگہ تہٕ منگہ۔ "ژٕ سوٚنچ زِ سوٗرے آرام، آزادی تہٕ قرار چھس راوان۔ یہِ حال گوٚ ھتھ چھےٚ زنانہٕ بچہِ ہنٛز تژ شاروزان۔ بچس بغار چھس زِندگی اَڈٕ لیچ باسان۔ اَکھ زٕ پین گیہِ جوانی چھس چھکرِ نہٕ یوان۔ کِنہٕ نہٕ؟"

"اَٲن" مےٚ ووٚنُس ۔ "قوٗدرتَن چھےٚ اَمِچ تھبتھ تِتھے کٔنۍ مُناسِب زانٛۍ ہیٚو۔ اَتھ کیٛاہ ونو ۔ وونۍ گوٚو بہٕ چھُسے وادٕ کران زِ بہٕ رٔچھن ژٔ بے ستی ستی ۔"

"بیٚیہِ ہمدردی" ۔ تَمہِ ووٚن وُٹھہٕ گُمجار کٔرِتھ ۔

اَمہِ وِزِ ژاو کمرس منٛز ڈاکٹر ۔ سُہ آو تیز تیز قدمو ۔ گوڑٕ دِژن گلہِ کوز بوتلہِ نظر، یوسہٕ ژٕ کس تل اُس واتنٛۍ ہیٚوٛ ہیٚو ۔ تٔمۍ کڈٕ شوٗن، بوتل وٲژنی سٹینڈٕ پیٹھٕ، بیٛا کھ کھاٲرِن تہٕ مےٚ کٔن پھیٚرِتھ ووٚنُن زِ مُشکھ دِنہِ وول ڈاکٹر چھُ پکان...... تِتھے سُہ واتہِ، تِتھُے گرداپرٛیشنٕچ تیاری ۔ یہِ وٕنتھ دڑ او نبر ۔ مےٚ ووٚنُس نہٕ کہیں ۔

"قوٗدرتھ چھُ اَتھ مالس منٛز اَسہِ زیادے ٹوٚٹھیوٛمُت ۔" تَمہِ ووٚن ڈاکٹر کمرٕ منٛزٕ نیرِتھ ۔

"تٔہنٛز فراخدلی بوز ۔"

"آہ! ژٕ فراخدلی چھےٚ ۔"

"ژٔے چھےٚ ناپسند ۔"

"پسند ناپسند چھُنہٕ سوال ۔ ژٔے چھےٚ ناباسان یہِ چھےٚ نااِنصاٗفی ۔"

"بہٕ چھُس نہٕ ہمدردی ئلِٕ کہِ موحبتھ کران" ۔ مےٚ ووٚنُس ۔

"خبر چھم" ۔ تَمہِ ووٚن ۔ "اَدٕ بے چھبس دِل کھولان" ۔

"ژٕ ہیکٕکھ کیٚنٛہہ تہٕ وَنِتھ" ۔

"بیٚیہِ کیٛاہ چھم وَنُن ...... اَکِس گنٹس تانۍ آسہِ اَکھ نوٚو فرد دُنِیاہس منٛز آمُت ۔ سُہ بدلاوِسون دُنِیا" ۔

اَمہِ وِزِ ژاو گوڈنیک ڈاکٹر بینہِ کمرس منٛز۔ تٔمس پتہٕ پتہٕ ژایہِ ہٕ نفرسٹر یچر

ہیتھ۔ ڈاکٹرن وۄن مُشکھ دِنہِ وول ڈاکٹر چھُ آمُت تہٕ اپریشن سپدِ وُنی۔ مے باسیو و

سوٗرے رتھ کھوٗت مے واُلنجہِ گن تہٕ بُتھس باسے زن تیتہٕ بہا۔ مگر مے رٕٹ زورٕ

قرارٕ چ باوتھ زن تہٕ اپریشن موموٗلی کتھ اُس۔ تس کٔڈکھ گُلہٕ کوزٕ شوٗن، تہٕ وۄن ۂس

سٹریچرس کھُسن۔ تمہِ مون نہٕ۔ سو پیٛچ پانٔے اپریشن تھیٹرٕ کس دراوزس تانی۔

دروازس نِش وۄنُن مے پنہٕ ژٕ بانبر کھ۔ اَکہِ گنٛنگ مسلہٕ چھُ۔ پتہٕ آسہِ سوٗرے رتے

رُت۔ مے ترٲوِس تھف یلہٕ تہٕ سو ژایہِ اندر۔ درواژٕ گو بند تہٕ اَندی پٔکھی گیہِ سنہٕ

ؤنی ژھوپہٕ۔

عجیب گرٲس۔ تس اوس اَندرٕ کنہِ یتمہِ دِتمہِ تہٕ بہٕ اوسُس نیبرٕ کنہِ وق

گساوان تہٕ ورنڈاہٕس اورٕ یور کران۔ "تس آسکھ یِڈ پھٔہہ منٛز"۔ مے وۄن پانس

۔ "تہٕ بہٕ چھُس نیبرٕ کنہِ بے بس۔ پزتھ کاںٛسہِ چھے پٔنٛنی خارٲ خرس پانسے وترٲونی

پیوان۔ نوٗن ریٛتن بے قرٲری تہٕ چھیکرس ژٹ کیپٹ۔ پانس ووت نہٕ مے اَکہِ

مس والگ اِذانٕ۔

مٔژی گوس بہٕ دژ وازس نِش تہٕ ژربنہِ کنٛی دِژم نظر۔ اندر اوِس نہٕ کہیں

اندر اژِتھ - پیٹرلِنہٕ بتراٲنہٕ بٲر اوسے بنہٕ ہیٛاہ - یوٗ تانی کمانہٕ

بوزنہٕ یوان۔ یہِ اُس ناوٲجب مجبوٗری زِ ژھیکہٕ یکھ نہٕ بیمارس ستی اورٕ شیچھ کٔڈ ہے،

تو تانی اوسے ژے برداش کرٕن۔ کم اَز کم ٹیپہٕ سوٗنس تانی اوسے پزارنے پزارن۔

مٔژی نیر کانہہ تہٕ دنہِ سو بیایہِ تہٕ نیچوزاس۔ اوہ! سو کاژاہ رٕژ شیچھ آسہِ۔ یلہٕ بہٕ بینہِ

ژرنہِ کنٛی اوسُس ؤچھنٛچ کوٗشش کران درواژٕ منٛز راوُن گو۔ مے زن گو نبض

رۄزِتھ۔ یہِ اوس بیٚاکھ ڈاکٹرٕس مےٚ یوٚر اَتھٕ وِزِ اوس وُچھمُت۔ تس اُس چانٛسس نِش دٔج الوَند، تیز تیز قدمو دژاو ٹھپ ٹھپ کران یوٚ تانٛ ڈٔرنڈ اہَس نبر دژاو۔ ٹھپ ٹھپ گو وارٕ وارٕ سۄت تہٕ اُخرس گو بنٛد۔ مےٚ ہیوٚک نہٕ تس کِہیں پرٛژھِتھ۔ حالانکہِ بہٕ پوٚکُس تیز تیز قدمو ورنڈ اہَس کِس درواز ِس تانٛ تس پتہٕ پتہٕ۔ درواز مُژرنہِ وِزِ دِژمےٚ اندرٕ نظر مگر اَندرٕ اوس پردٕ وہرِتھ تھٔوِتھ۔ پتہٕ کنہِ بیٚاکھ کمرٕ اوس تہٕ یتہٕ اپریشن اوس سپدان۔ نہٕ رۄزمےٚ پتہِ پانٛچ نہٕ وقتُچ خبر۔ وق زن اوس ٹھہرِتھ۔ مےٚ باسیوٚ ییہِ گوٚتمہِ وِزِ چالوٗ ییلہِ بچہٕ سٕتۍ ودن کرٕ کھ اندرٕ گیہِ۔ اَکھ اُس بجےٚ مژ۔ مےٚ کوٚر شُکُر تہٕ بیٚیہِ دِژم ژرٕنہِ کِنۍ نظر۔ اندرٕ دژاو نہٕ کانٛہہ شیٚچھ ہیتھ۔ نہٕ آو کانٛہہ وننہِ دقت کیٛاہ اوس۔ "شاید چھِ ٹیبن ہتۍ آورۍ"۔ مےٚ سوٗنٛچ۔ " مگر کانٛہہ گوٚژھ توتہِ نیرُن۔ سائنس مُلکس منٛز چھُ نہٕ کانٛہہ چیز اسیوٚد۔ "بہٕ ہیوٚتنس وولُن۔ غائبی پریشانی تہٕ خوشی ہنٛدی رلہِ مِلہٕ خیال ہیٚتِنۍ مےٚ یِنۍ۔ وق زن ٹھہریوٚ وبیٚیہِ۔ سوٗنٛچم دروازس دِمہٕ لتھ تہٕ اَژ اندر۔ مگر کوٚرُم نہٕ کِہیں، صرِف رۄدُس اَکہِ کوٗنہٕ پیٚٹھ بیٚہِس کوٗنس گتھ دِوان۔ کاش کانٛہہ نیرِ ہےَ نبر تہٕ مےٚ ونہِ ہے تسنٛز خاہش گیا پورٕ۔ بہٕ بیوٚٹھُس بینٛچس پیٚٹھ۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ کھُلیوٚ درواز۔ بہٕ ودُھس بینٛچہٕ پیٚٹھ تھوٚد۔ تہٕ لاریوٚس دروازس کُن۔ تورٕ دژاو اکھ اسسٹنٹ۔ دروازس پیٚٹھ ٹھہریوٚو۔

"توٚہۍ چھِو بمارس ستۍ۔" تمۍ پرٛژھ مےٚ۔

"اُں۔ اَدِ کیٛاز؟" مےٚ پرٛژُس۔

"ژکڈبۆٹھ تہٕ اژھ اندر"۔

مےٚ کوٚڈبۆٹھ تہٕ ژاس تس پتہٕ پتہٕ ۔

سۄ ٲس بیڈس پٮ۪ٹھ ساوِتھ۔ اگر سۄ اَمہِ وِزِ تازٕ ٲس لگان، مگر تسنٛدِس بُتھس پٮ۪ٹھ ٲس تبدیلی آمٕژ یوسہٕ تھکنہٕ سٍتۍ پھٮ۪ٚے یِوان۔ تٔمِس اوس نہٕ حبسا ہوشا کہیں۔ کمرس منٛز ٲس اناستھیسیاہٕچ مُشکھ۔ گوڈنیک ڈاکٹر اوس تس لرِ کھڑا اتھس تھف کٔرِتھ۔ بٔنم ؤٹھ اوس منٛزی منٛزی ژاپان تہٕ چوٗنٹھ ژومراوان۔ ٲخرٕ تٔمۍ اوٚیہ پھتر۔

"مےٚ چھُ افسوٗس اَسہِ ہیوٚکھ نہٕ کہیں کٔرِتھ۔" تٔمۍ وۄن غمگین ہٮ۪ٹہِ۔

"کیاہ! کیاہ!" مےٚ ژٕج بےٚ وایہِ کٔرٕکھ نیرِتھ۔ زن تسنٛدۍ لفظ بۆزِتھ تہٕ ٲسہٕ مےٚ بۆزۍ مٍتۍ۔ مےٚ زن آو کلس دب تہٕ ہیوٚتنس گیرُن۔

"تہُنٛد مطلب چھا...... مےٚ ہیوٚک نہٕ۔ "موٚیہِ" لفظ زبوِ کڈِتھ۔ تم ٲسۍ ژھوپہٕ کٔرِتھ لاشہِ وُچھان۔ کٔدٕ بزٕ ونٛتھ ژایہِ سو پکان پکان اپریشن تھیٹرٕ ئ۔ کٔدٕ پتہٕ ٲس تسنٛزٕ لاش مےٚ بزٕ ونٛتھ کنہِ۔ سۄ ٲس تتھ نوقطس اپور ترٕمژ یمہِ پتہٕ اِنسان نہٕ چھُ ہبکان حرکتھ کٔرِتھ نہٕ کتھ۔ "لاش" مےٚ بیوٚٹھ نہٕ کیٛنٛہہ یقین۔ پیٛتۍ ہے ژھوٚٹس وقتس منٛز ٔکس ہیکہِ جوانس لوکچارٕچ پُٹھِچ بوٚنٛنٛج شکھتی مُہتھ۔ مےٚ دِژ تسنٛدِس بُتھس بیٚیہِ دارٕ نظر آیا یہِ چھا پٔری لاش۔ "نہٕ" مےٚ ووٚن پانس۔ "یہِ ہیکہِ نہٕ ہرگز سَپدِتھ۔ یہِ چھےٚ مُشکھ دِنہٕ سٍتۍ بےٚ ہوش۔ یہِ ہیکہِ نہٕ مےٚ ترٛاوِتھ۔" مےٚ کٔر تسنٛدِس تھٕٹھ اتھس تھف یُس داکٹرن پتھر اوس ترٛووُمت۔ نبض اوس بنٛد۔ نٔر زن ٲس یورٕ ےلاگھ۔ مےٚ ترٛاوٕ یلہِ یہِ گیہِ بون الونٛد۔ نٔرسہٕ تُج تہٕ تھوٚن بیڈس پٮ۪ٹھ شیٹس تل۔

ییلہِ سو نمبر کڈٕ کھ داے آیہٕ مے کورِ پننٕۍ ھاہتہ تہٕ گرٕن مے حوالہٕ۔ تِمس اوس دوا مُشکھ۔ أچھ آسس ؤٹھ۔ مے آیہٕ أشہِ ٹارۍ برِتھ۔ مے آو ونہٕ زِ لاش گژھ جل جل نمبر کڈنہٕ یِنۍ۔

یہِ سپُدن اوس تہٕ سپُد۔ اَکھ موردٕ تہٕ اَکھ زندٕ ہتھ ووتُس بہٕ گرٕ۔ تِتھے بہٕ آنگنس منٛز ژاس، ہمساین ہُنٛد اَکھ ہجوٗم آو ژٕستھ۔ وُچھان وُچھان گو لگہٕ ارساتھا جمع۔ "أمِس کیٛا سأ گو؟"، "یہِ کتھٕ کٔنۍ مویہِ؟" صُبحٕ وارٕ کارٕ اُس یہِ وارٕلُی کتہِ پیوٚس؟"، "تقصیر! تقصیر!" یَمے گتھٕ گیہٕ مے کنن ژٕ وپأرۍ۔

تِیتس کالس واُ ژِپٕٹ۔ سو آیہِ پوٚشو ستی سجاونہٕ۔ منترن ہنٛزِ گرٕٛ نو منٛز آیہٕ سو پچہِ پیٹھ ساونہٕ۔ بہٕ پوٚگس بزٕ وٹھ پہن، بُتھِ پیٹھٕ تُجمس موے زوٗ ج، سوزن اُس مِژ نبٔدرٕ۔ بُتھ اوٚسُس پُرسکوٗن۔ یڈٕ ہنٛدِ کھشُک اوٚسُس نہٕ رژھ تہٕ اثر۔ سفید أدرِس جامس پیٹھ اوس رتہٕ داغ گرِ پتھ گرِ پھہلان تہٕ اورٕ وُچھان۔ بہٕ اوٚسُس أنٛدرۍ کنۍ یَژھان تس گژھی تِتھے کٔنۍ اتی تھوٚنی۔ میوٚن روٗحانی عذاب گژھ وُچھنۍ۔ مگر تسُنٛد آخرۍ سفر گو شوٚرو۔ ہے وٚتھ۔ ژٕبلہٕ ژٕبل گیہِ۔ پٕٹ آیہِ اتھن کٕبتھ ٹلنہٕ، پتہٕ نکھن پیٹھ۔ ہجوٗم دژا وپتہٕ پتہٕ۔ وُچھان وُچھان واُ ژٕ سوکولہِ اپور۔ بیٛا کھ گٹہٕ تہٕ تس أس سوٚرٕ بنہٕ گمژ۔

لُکھ دژا یہِ پتمن گرن۔ بچی واُ ژبیٚنہِ میانہِ کھونہِ منٛز۔

شام سپُد۔ اَنہِ گٹہِ ہیٚژ پکھ واہرنہِ۔ ماحوٗلس زَن اوس زژ ول بیٚوٹھ مُت۔ بہٕ بیوٚٹھُس أ.کس کوٗنجس منٛز دٕ ہکبن واقن پھیرٕ دِوان۔ لبہٕ آسم کھیٚنہِ یوان۔

غاٗلبن اُس کھاند رپتہٕ یہِ گوڈنٕچ راتھ ییٚلہِ سو گرٕ اُس نہٕ ۔ تسندِس سالس تانٛی اُس نہٕ رسأے ۔ سو اُس موٚ کلے ہٕز ۔ اند بلتھے ۔ وونٛی اگر کینٛہہ اوس ئہ اوس تسُند یاد، کمرس ءٚتی ییٚتھ سو بہان اُس، چوکس ءٚتی ییٚتھ سو بتہٕ اُس رنان، آنگنس ءٚتی ییٚتھ سو سیٚن ژارنہٕ اُس بہان ۔ یہِ یاد اُس ڈنہِ ساٗدروارتہٕ مے اُسی بڑانٛتی گوٚھان زِ سو چھے ڈالہِ یوان تہٕ کمرن منٛز غاٗب گوٚھان ۔ یہِ ژٕژل پوٚت منظر اوس فلمہِ ہنٛدِ شیشہٕ لاگٔتھ پاٗٹھی اکہِ طرفہٕ یوان تہٕ دویمہِ طرفہٕ نیران ۔ بہٕ اوسُس اُتھی خیالس سٔنتھ زِ بچی گیہِ ہُشار ۔ گرِ پتھ گرِ تیز یوٚ وتسُند وڈن ۔ گوڈنیتھ کوٚرنہٕ مے تسندِ وونک پرواے، مگر ییٚلہِ تمہِ تالس پٹھ تال تھوونہٕ ، مے تھوٚسو پتھر پانہٕ ووتھُس دود وُشناوِنہِ ۔ دودس آیہِ گرٕ کھ کھنڈ زیادٕ ۔ مے پوٚو پھوکھ دِی دِی اکھ اکھ چمچہٕ شہلاوُن تہٕ لتس اُسس ترٛاوُن ۔ تمہِ چوٚنہٕ سیٚو دسیوٚد ۔ اوٚڈ گوٚ پڑاژوٚ کنٛی، اوٚڈ نستہِ کنٛی ۔ گٔٹھ گٔیس ۔ گٔٹھ گوٚھتھ ہیوٚتُن زورٕ زورٕ وڈن ۔ یوٚتا زورٕ زِ کرٛیکہٕ زٕ پانٛژھ دِتھ لوٗگس ہوٗٹ ۔ کرٛیکو تلہٕ اوس باسان سو چھے ربتہٕ ہشٕز ۔ مجبوٗر گوٚھتھ ژٕٹ مے تھوٚ دٔتھتھ تہٕ للہٕ ناٗوم یوٚتانٛی رسہٕ رسہٕ سنٛبلے یہِ ۔ پہٕری کھٔنڈ پیٚیس نبندٕر ۔ مے ترٛوو پھرٛ کھ ۔"

بہٕ اوس نہٕ کانٛہہ مُستقل حل ۔ بہٕ کأنٛپیوٚس زِ ییٚلہِ سو بیٚیہِ ہُشار گوٚھ ، تمہِ ساتہِ کیاہ کرٕ ۔ مے اوس نہٕ بچہِ رچھنک کانٛہہ تجربہٕ ۔ نہٕ اوسُم تاب ۔ مے اوس ہسپتالس منٛز لتس ووٚنمت زِ بہٕ رچھن ۔ یہِ عملاونک موقہٕ زن ژھُنٛکھ مے ہلمس منٛز ۔ نٔچی لوٚگ بیٚیہِ وڈن ، امہِ خیالہٕ گوٚس سخ پریشان ۔ عقل ویا پے یم نہٕ کُن ۔ "بہتر چھُ بہٕ ڈچھن دودٕ ماٗج ۔ "مے سوٗنٛچ ۔" مگر گامس منٛز اوس دود ماٗج میلنٛی بوٚنہِ مُہل تاٗرن ۔ کوٚتاہ رُت

آسہِ ہے اگر نہٕ یہِ نداخرٕ آسہِ ہے۔ گُنٕے زۆن کیاہ کرس۔ اَکھ اَکھ پہر کرِ، یہِ قیامتھ، یتھٕے ہُشار گوٚھ۔ اگر تسیٕ ستیٚ موٗمژ آسہِ ہے، کوٚسہٕ فرق پیٚیہِ ہے۔ کأتیاہ بچہِ چھِ ماجہِ ستیٚ گوٚھان تہٕ دُنیا چھِ توتہِ پکان۔"

اٰخر آیہِ سو وِزِ ییلہِ سو ہُشار گیہِ۔ مےٚ اوس دودٕ وُشنووُمت تہٕ ژادرِ تل تھوٗومُت۔ اُدیٚ اُسنہٕ گلی جورا چھِتیٚ۔ مےٚ ترٛاوِس زٕ ژورکاشہٕ بیٚیہِ۔ تمہِ کٔری بڑیڈی۔ بیٚیہِ ہیوٚتُن پھشیاہ پھشیاہ کرُن۔ کم زیادٕ دود چوٗن۔ اَکہِ لٹہِ لٕلہٕ ناوٕ مےٚ بیٚیہِ تھوٗ وُتھتھ۔ تس پیٚیہِ بیٚیہِ ننبدٕر۔

عجیب خیال وُتھی میأنس دِلس منٛز۔ "یہِ چھا پَوی سانہِ موحبتٕچ نِشانٕی کِنہٕ یہِ اُس کال بٕنتھ آمِژ۔ بٕہ نموٚس تسنٛدس بُتھس وارٕ سام ہیٚنہٕ خاطرٕ، زن تس زاوِ لہِ قلمہٕ ستیٚ ڈکبس لیکتھ اوس۔ اٚچھی وُتھ اُس سو ماجہِ ہنٛدِ انہارٕ۔ وُٹھ اُسس پوٚشہِ وُتھر ہِوی نوٗزُکھ تہٕ بُتھ پوٗنی ہیوٚ۔ یتھ موصُم شُرتہٕ یژھ دوہلیٚ ترٛٹھ۔ مأج نین۔ امی نیہِ۔ اتھ منٛز چھُ نہٕ کانٛہہ شکھ۔ کاش یہِ آسہِ ہے نہٕ زامژ ے۔ یہِ چھےٚ مہا کال۔ سأرِ ہے گوتلگھ پٹھ۔ اوہ! "یتھٕے اُمی خیالن! اَکھ وانا کھ سوٗرتھ تختیار ہیٚیوٗ کرٕنی، مےٚ گرتس اَکہِ لٹہِ بُتھس بیٚیہِ نظر۔ سو اُس مس ننبدٕر۔ تس کیاہ خبر اُس زِ تسنٛز ماجہِ کوٚسہِ ودل گیہِ تہٕ بٕہ کیاہ اوسُس تس متعلق سوٗنچان، سو اُس جذباتو بغأر پرٛتھ کُنہِ نِشہِ بدوٗن۔ بُتھِس منٛز اوسُس نہٕ رژھ تہٕ ترٛ وشر۔ نہٕ یہِ ہیکہِ نہٕ کال اُستھ۔ یہِ اوس کرٕدے الٰہی۔ بٕہ چھس باکھیومُت زِ یُتھ خیال چھُم یِوان کأڈی ڈٕلم...... سبٹھاہ کوشش کٔر مےٚ ذہنہٕ منٛزٕ یہِ خیال کڈنس، مگر یہِ اوس پھِرِ پھِرِ واپس یِوان۔ کرٕ وُٹھ وق، غمناکھ،

یُس بیٚیس کٔنہِ چیزس ستۍ دیان لاگنہٕ اوس نہٕ دِوان۔

"یہِ حقیقتھ مانُنس کیاہ حرج چھُ زِ یہِ آیہِ کال بنِتھ۔" مےٚ سوٗنچ۔ "یہِ چھےٚ ٹاکارٕ کتھ۔ اَمہِ بغأر کینٛہہ سوٗنچُن چھُ مُشکِل۔ یہے چھےٚ تلخ حقیقتھ۔ پننہِ کأم کرٕنۍ تہٕ وونۍ چھےٚ قرارسان شوٗنگِتھ۔ اوہ! بہٕ گوٚژھس نہٕ پاگل گوٚژھُن۔

راتس گرٛتمہِ ڈرنبنٛدرے، زن سو پننہِ کأم کٔرِتھ مُطمین آس۔ نبنٛدٕ رمنٛز چیین زٕ ژورچمٕچہٕ دوٚدٕ کرٕ، ژھوٚپہٕ دھوپہٕ کٔرِتھ۔ بہٕ اوسُس شُکُر کران زِ نبنٛد رِگیہِ نہٕ ہُشیار۔ یہٕ ٹُلہِ ہے عالمہِ بالا۔ مےٚ تہٕ مامارِ ہے۔ مےٚ اوس تُسنٛد ہُشار گوٚھنگ اہرٕ ہیوٗ بہتھ۔ نہٕ ماأسس دوٚہس کرٕ یکہٕ دِنہٕ ستۍ تھکاوٗٹھ گٔمٕژ۔ ہُشار گوٚھنس تہٕ شور لاگنس سُمبھ أُسس نہٕ ہیکھتھ روٗزمٕژ۔ اَدے شوٗنچ۔ مےٚ آسہِ ڈُنہِ یٚمے خیال یِوان۔

صُبحن یٚیلہِ بہٕ وۄتھُس بہٕ گوٚس گوڈٕ تسنٛدِس بُتھس نظراہ دِنہِ۔ تس آسہٕ گیٚنہِ سنے ہمٕژ۔ اکھ ژھاے دِش أُسس بُتھس پیٹھ پھیران۔ غمگین آس لگان۔ مےٚ زن گیہِ تمہٕ ساری خیال غأب یمہٕ مےٚ اوٚ تانۍ پأراوس کوٚرمُت۔ دِلُک حُباب آم نیرِتھ۔ بہٕ گوٚس تہٕ ڈبکس کورمس میوٗٹھ۔ تمہِ موٗراوِ اُچھ تہٕ مےٚ کُن روٗزمٕدے گٔنڈِتھ۔

"نہٕ ژٕ چھکھ نہٕ کال"۔ مےٚ وۄنُس بیاکھ میوٗٹھ کران۔ اُچھن منٛز پیر یوم اوٚش۔



# کلہٕ دود

دسمبرُن ربتھ اوس۔ راتس پیٚیہِ شینہٕ ہنا۔ صُبحن ییٚلہِ نبند رِژھ سردی ہٕنز لہر اَس چلان۔ شینہٕ ستیٚ اَس یہِ وارٕ ٹھنڈ گژھان۔ اگرچہِ سفید شینہٕ ادس خوبصوٗرتھ لگان، مگر ژٕ کر بکھ نہٕ پسند لیف ترٛاوِنی تہٕ ترِ منز بُتھ چھلنہِ نیرُن۔ یژھ ہِےٕ ترِ منز آیہٕ کاد ووسہِ۔ تم اَسی اٲکس لنجہِ ووتھان تہٕ بیٚنِس بہان، ٹادٹاوکران تہٕ گوٚلے مژن لنجن ڈٲنن دِتھ شین پوڈرٕ کی پاٹھی پھتر داٲرِتھ دِوان۔

رحمان ووٚتھ ژیرِ نبند رِتہٕ آو بُتھ چھلِتھ۔ کٲنس پٹھ گوس پننہِ آنگنک ہوٗن زنگن منز کھوٗنکھن ژھٲلِتھ نظر۔ تس اوس جُز پٹھ شین زن اوس شینک اکھ حصہ بنیوٚمُت۔ رحمان ییتھے نکھٕ ووٚتس تمی کوٚڈ کھوٗنکھن زنگو منزٕ نیبر، کلہٕ تُلن تھوٚ دتہٕ رحمانن ڈٲرٕ بوٗ زِتھ روٗ دبیٚیہِ ییتھے کنٕ اٲرکِرتھ۔ رحمان ژاوسیٚدُ ے اندر۔

طلبہٕ مَنٛز اَژِ تھےٚ وۄن تٔمۍ زوٗنہِ ۔ "سبر چھہٕ اَز مہریر ۔ تِرٛ ستی دوٗدُس ۔ چاے کٔرِتھ نے ونہِ ؟"

زوٗنہِ اوس چاے بتہٕ سُلی رونمُت ۔ وونی اَس کلس ژٕج گنٛڈِتھ اَکھِ کُن کلہٕ ترٛاَوِتھ ۔ تمہِ تُل کلہٕ تھوٚد ۔ دوپُس ۔ "چاے چھےٚ کٔرِتھ دانس پیٚٹھ وُشینرس ۔ گوٚڑ پانے ان تہٕ چے" ۔

"ژےٚ کیاہ خاٚرے چھیا ؟" تٔمۍ پرٛژھُس ۔ "مےٚ دوٚپ وارِ مُٹھی پیالا لاگکھ پاکس ۔ اَز کھموٚ ترِ منٛز مسالہٕ رژھا ۔"

"بہٕ چھس زٕ دِوان تہٕ ژےٚ پوےٚ مسالہٕ کھیٚنس مأل ۔"

"ژےٚ کیاہ ہے خاٚرے چھیا ۔"

"کلس ہا چھم دود ۔"

"اَدی تانی ےٚ وارِ کارِ اَسکھ ۔"

"کیوٚ ہو وارِ کارِ اَسس ۔" زوٗنہِ وۄنُس کلس دوٚیو اَتھو تھف کٔرِتھ ۔ "صُبحن وُژِھس مران زُوان توٚملہِ سیر رننہِ ۔ مےٚ دوٚپ اگر نہٕ بہٕ ووتھ یمن شُرٛ بن لگہِ کرٛاٹھ کٔرِتھ فاقہ تہٕ یِم بیچارِ بہن لُکہٕ چانٹن وُچھنہٕ ...... کیاہ وارِ کارِ اَسس ۔ کلس تھف کٔرِتھ رونٛم بتہٕ ۔ زن اوٗسم زٕ نیران ۔ یوٚ تانی بہٕ مرٕ ژٕ ونکھ زٕ چھس نیران ۔ ژےٚ کیاہ چھےٚ پتہٕ ژھن تم گِینہٕ ہندی پاٚٹھی کھکھرِ کٔڈِتھ ۔"

رحمان گو جواب بوٗزِتھ روٗزِتھ ۔ پتہٕ تم الفاظ گیس ترِتھ ۔ دوپُس ۔ "کلہٕ دادِ ستی نا ےٚ موٗدِ اَز تانی کانہہ ۔ زبان چھےٚ ہلہِ گنٛڈنی لایق ۔ وُنکرِ جوابن سمب چھےٚ رٕ ژٕ

ہیکتھ۔"

زٕنہِ وٕنُس نہٕ کہیں۔

"نٲے ونکھ تیا کیاہ دلیل چھے۔بہٕ ماچھس فرِشتہ بیتر۔سُے پرٕ ونُے دود چھا کنہِ ژھٹھ بیترِ چھےٗ لجِ مٕو۔"

"اَکھ دوہا گونہٕ مےٗ کلہٕ دأدِس۔ترٕ ے رتھ گیہٕ۔ژٕ نے گوٗھی پزتھ وِزِ کھٕلِتھ مُج ہاوِنی۔"تمہِ وٕنُس أہنہٕ رارے کران۔

"شربتھ تہِ چینتھ تہٕ زمادِ تہٕ گرِتھ۔تہِ چھیا خیال۔ژٕ نے چھے نہٕ مویہ واچ فرق گژھان۔وونی کیاہ زن کرٕ بہٕ۔یم شیرٕ شربتھ چھِ چانہِ خأطرٕ آب۔مےٗ چھُ باسان یہِ چھُ نہٕ دودیہِ چھےٗ پزٕی پأٹھی سیتھ۔غفار چچن تے وٕ ن۔"

"اَز چھےٗ نم کھوٕ رمینگ پوٕ رٕ ئٕمُو۔"تمہِ وٕنُس ہنا زمتھ۔زن چھم اتھ کٕو ران۔اوٚ تانی أسس زڈنیران۔بہٕ تہٕ أسس یہٕ زأنتھ تہِ زأنتھ وٕ تھان۔ وونی یٖیلہِ دگ چھس کران زن چھُ مینگہِ کیٖل دِوان دأرِتھ۔دپان چھبس مینگ ژھنہٕ بن ژٕتھ۔"

مسالہِ کھینگ شوق گو رحمانس غأب۔پُشہِ آیہ،کامہِ دوہس ٹاپھ۔سہٕ اوس سٕو۔وندس مَنزٕ أسس نہٕ کأم آسان۔زیادٕ اوس پزانبن پلون پچہِ پھیرٕ کران۔

تمٕی مٕوراٗو دأر۔ترٕ بھشنگ ژاو اندر۔ہوٚن اوس تمی آیہٕ بہتھ۔"شاید ما چھُ ترٕ ستی شہلو مُت۔پزٕی چھےٗ شینہٕ بلایا ہمُو۔"تمٕی وٕ ن۔"حکیم چھُ پانژھ میل دٕور۔گوڈٕ گیس نہٕ تسندِ یلاجہِ ستی کانہہ فرکھا۔توتہٕ پزٕ ژھوس کیاہ ونہِ ہے۔کینہہ نہٕ

کھوتہٕ اوس ناٹھیکھ ۔"

"اوتہٕ پیٹھ اوس دوٗر ۔" رحمانن ووٚنُس ۔ "ژےٚ کوٚ ڈُتھ نہٕ اُسہٕ ۔ یتھ طفانس منٛز کوٗت گژھو ۔ مےٚ چھُ باسان ہوٚن موکلیوو کنس پیٹھ ۔ اَز گژھِ وتہٕ پیٹھ اِنسان مکھری ۔ رِکنہٕ ژٲسکھ پزاران شیٚن پیٚنس ۔"

پٔتم لفظ بوٗزِتھ زن لوٗگ زوٗنہٕ وارِ کیٖل ۔ "ژےٚ ہوٚس اجھلس کیاہ ووٚنہٕ زِ ۔ ہوٗنی وِشکہٕ ۔ مےٚ اوٚ ناز ورِملی ۔"

رحمانس آو نہٕ آگ باگ کیاہ کرِ ۔ زوٗن اُس انہہ رارے کران ۔ اکھ سبیل اُس ۔ کالہٕ اوس پیر صاٗب غفار چھِن آمت ۔ اگر کالے آسِہٕ نہٕ دژ امُت ، تیلہٕ سمکھِ ۔ رحمان گوٚ نہٕ کالہٕ اوٚ موکھ ہٕدی یہٕ ماپیٖم دیُن ۔

رحمانن لوٗگ پلہور تہٕ شیٚن مانڈان ووت ہمسایُن ہُند ۔ پیر صاٗب اوس کوٗنجس منٛز لیف ڈکھ تھوٗتھ بِہتھ ۔ چاے اُسن چیٚھنہٕ ۔

رحمانن گرِس سلاما بند یکھا ۔ پٲنٛز دآدی کانگر باوٗنس ۔ پیر صاٗب اوس اٗندری کنٛز ڈنی دِوان زِ آیا کالہٕ اوسا رحمان حاضرِ سپدمُت ۔ یِیلہٕ یقین گوس زِ سہٕ اوس نہٕ ، تمی کوٚ ڈ زنگن واش تہٕ ڈبکس کھاٗرن وژہٕہٕ ۔

"یِیلہٕ سٲلاب چھُکھ سری پیٹھی گژھان ، اَدِ چھِ مےٚ نِش واتان ۔" یہٕ ووٚنتھ دِتُن دم زن تمی دآدِس اوس دوا لوٗبمُت ۔

"ژپری پھن واتہٕ بہٕ توٗری ،" پیر صاٗبن ووٚن گرِ کھنڈی ۔

"بچھہٕ گٔژی عصٲ متا سہب زدنکھ" رحمانن ووٚنس ۔

"یہ اَس نا حض لو کچارس گبوان۔" غفار بٹن ووٚن مٔنزی پیر صأبس ٹُن۔ "تو ہیٚ کتہٕ آسو اَسُند گبوٚن بۆزمُت۔"

"یہ تیٚیا سأۓ ہے کیاسأ بوزناوِ ہے۔" پیر صأبن ووٚن۔

"ٹھیکھ حض گوٚڈہ گوٚہنی۔ تو ہیٚ تہٕ بوزِ ناوِو۔" غفار بٹن ووٚن۔ سہٕ اوس پٔنٛنی کٔنیز زوٚنہٕ ہنٛدی تأریف تہٕ سفأرش کران۔

" کھانٛدرٕ پتہٕ حض ترٛ وُن گبوٚن۔" رحمانن ووٚنُس۔

"وولہٕ سأ۔ نتہٕ کو سہٕ لوٚ رہتھ چھس بہٕ۔" پیر صأبن ووٚن۔

شامن آو پیر صأب رحمانُن گرٕ۔ ژھٕرِ اَسن ہیٚژ ہژ میلنہٕ۔ لیف اَس پیژا مالہٕ زِ یہ اَس ژأنگی گاشس تہٕ کرٛہنی باسان۔ رحمانن ژس تیز تیز گزٛا کہٕ ہنٛز کپر چھل تہٕ لیف تھٕوٚن کوٚنجس مَنٛز پٔتی کٔنی ڈکھس۔ ڈٕلی ڈٕلی دِژٕن مِرمنٛز کو کرس تھف تہٕ شینٛس پٔٹھ نیوٚنس کھش گٔرتھ۔ ہوٚن آو تہٕ بیوٚٹھ بزٕونٹھہٕ کنہٕ شینٛس پٔٹھ۔ شینٛس پٔٹھ وو ژٕل داغ وُچھتھ اوس سہٕ اَنٛہہ رارے کران، لوٚٹ گِلہٕ وان تہٕ تسٛند ین اَتھن ہتی اَچھی نژٕناوان۔ اَتھ صبرص میوٚل تس بوس بیٚترٕ۔ بأتے ژوٚن رحمانن اندر۔ زوٚنہٕ لوٚگ سہٕ چارٕ کس کمبر گنٛڈنس، تہٕ دامبرٕ نوسرِ تپاونس۔

پیر صأب اوسہٕ زانہہ رحمانُن گرٕ ژامُت۔ سہٕ اوس رحمانس تٔسنٛد ضوروٚ رنہ موسوٚس گوٚمُت۔ اَز اَس زوٚن بمارتہٕ سہٕ اوس سوٚنچان خبر سیٚتھ ماچھس۔ رحمانن زأج بُتی تہٕ تھٕوٚن تارس پٔٹھ۔ منٛڈوس گو ساسہٕ گاش ہیوٚ۔ پیر صاب روٚد ژھوپہٕ گٔرتھ منٛڈوس سام ہیوٚان۔ اَکِس کوٚنجس منٛز اَسی ڈاٰ کرتہٕ شُپ۔ بیٚنیس

داں کھار کھنڈ ڈیرں۔ دارِ ین آسہٕ ژاُنگجہٕ، یمہٕ نبصفہٕ آسہٕ پوشان۔ پلو مشین اُکس دارِ پٹھ۔ بیٚیہٕ اوس نہٕ وُچھن لایق کانٛہہ چیزا۔ "راتھ چھےٚ تِتھٕ تِتھٕ کتاوٕنی۔" پیر صاٗبن سوٚنچ۔

بتہٕ کبھتھ کڈی پیر صاٗبن چنٛدٕ منٛزٕ زٕفتی لہٕ۔ یِم پلہٕ ناوان ووٚنن رحمانس۔ "اَکھ گوٚھٕ شوٗنگنہٕ وِزٕ زالن تہٕ بیا کھ دزٕ وٗنہٕ گجہٕ ژھٕنُن۔ وارٕ وارٕ بنٛیس ایحسان۔" پیر صاٗبن کرِ نہٕ زیادٕ کتھٕ۔ رحمانہٕ اَتھ کتھِ زِ زٕوٗنہٕ گوٚ ژھ شفابخُن ووٚنُس زِ خوداکرِ سہلے۔

شوٗنگنہٕ وِزٕ ووٚن پیر صاٗبن زِ سہ شوٗنگہٕ کُنےٚ زوٚن۔ رحمانس پیٚو واپس طبہٕ منٛزٕ وُسن بیٚیتہٕ باٗقے باٗ ژاُسی شوٗنگتھ۔

صُبحن آو پیر صاٗب صُبحاےٚ بُتھ چھلِتھ۔ تمہِ بُلوو رحمان۔ چنٛدٕ منٛزٕ کوڈُن شرٕ اکہٕ پُچ۔ مُزٕ روٗن تہٕ دروازس نش وٗاتِتھ ٹھکُن دروازس پٮ۪تہٕ کنٛز لبہٕ۔ باٗری تھےٚھ آسہٕ وٗستھ۔ تلہٕ کنہِ دزٕ ایہٕ کاکٕذٕ تلم ییتھ نیٚجہٕ تہٕ ووزجہ میلہٕ سیتی لیکتھ اوس۔ پیر صاٗبن ہوور رحمانس۔ دوپنس، "یہٕ ژھنی زٕ زاٗلتھ۔ اَدٕ گوٚھِ امیک اثر پٮ۪تی۔"

رحمان گو تاٗویزٕ وُچھتھ بےٚ بنٛگہٕ۔ سُہ گو حاٗران پیر صاٗبن ییٚنتھ شراپُچ ٹُھک، تِ نےٚ دزٕ او تاٗویزٕ۔ تس اُس خبر زٕوٗنہٕ آسہٕ نظر گمٕژ تہٕ نظرٕ سیتی چھُ سوٚرٕ بوٗن گوٚھان وُڈتھ۔ مگر یہٕ اوسُس نہٕ وہمہٕ گمانس منٛزٕ زِ کاٗنسہٕ آسن جودگری متی۔ "یہٕ کمہٕ آسہٕ تھوٚومُت۔" تمہِ سوٚنچ۔ نہٕ چھُم کاٗنسہٕ سیتی اُگرن باٗگرن، نہٕ رٕنجش تےٚیے تھوٚو تہٕ کمٕ تھوٚو۔ ہمسایَن سیتی چھس نیمہٕ کرٕمنہٕ پکان، وقتس پٮ۪ت پلو امہٕ یٕمہٕ بغاٗرشیرٕتھ دِوان۔ تاٗویزٕ کےٚ تھوٚو تہٕ کمہٕ تھوٚو۔ خبر پیر ساٗبن ....." تمہِ بیوٗک نہٕ امہٕ بزٕ وٕنتھ کُن

دہانہٕ مَنٛز کینٛہہ کٕڈِتھ۔

پیر صأبن کوٚر راشد ازٕ رحمان نس دِلس مَنٛز کم مرٕ پھیرٕ چھہِ۔ دوپنس "رٕتی لُکھ

تہٕ چھہِ تہٕ ناکارٕ تہٕ۔ رٕتی یوٚ تانٛی نہٕ آسن افتابہٕ کھسہٕ نہٕ۔ ناکارٕ یوٚ تانٛی نہٕ آسن رٕتمن

گُس پزٕ ژِھ۔ فلأنی گامس مَنٛز کٕڈی مےٚ دوٚن گرن تأویزٕ۔ فستأنی گامس مَنٛز ژین

گرن۔ اَتھ گُن گوٗڈِ نہٕ گوٗھُن۔ تِہنٛز کأم چھےٚ تأویزٕ کرٕنی۔ سأنی کأم تم بے اثر

کرٕنی۔ نیکو نیک کر بدلبہٕ پانٛے۔"

رحمانن سوٗنٛچ پزٕژھس۔ "تمن اوسا کانٛہہ بیمار؟ تأویزٕ کٕڈِتھ بلے یا۔"

مگر تس زن بیوٚٹھ پأر تہٕ تمٕ ہیوٚک نہٕ اُسہٕ کٕہیں کٕڈِتھ۔

چاے چیتھ وۄن پیر صأبن۔ "وۄنی نیرٕ بہٕ"

"بتہٕ کھیتھ حٔس نیر کھ" رحمانن وۄنُس۔

مگر پیر صأبن موٗن نہٕ کینٛہہ تہٕ سوٚ دزٕ او۔

تس اوس نیرنہٕ وِزِ کینٛہہ ہدیا دیُن۔ رحمانن دِژ وو گوٚش۔ مگر شِکس لد تے

لاگہِ ہے تہٕ کوٗتاہ۔ تمٕ مۄ رو وو گانس بر۔ اندرٕ کوٚڈُن چھرٕ ڈیگ۔ پیر صأبس بزٕ وۄنٛھ

گُن اُنتھ وونس۔

"وۄندٕ چھُ۔ چندٕ چھُ چھونٛے۔ گرٕ اکھ چھُ اندرٕ گُن کانٛگرٕ تپتھ بہان۔ لہٰذا

چھُنہٕ نوٚنٛ پلوٚن زیادٕ لور۔ مگر نہٕ گوٗڈِ درویش، نہٕ حکیم گرِ ژھورے کڈُن۔ یہٕ چھُ موموٗلی

نذرانہٕ۔ زۄن گوٗڈِ ٹھیکھ۔ بہٕ کرٕ بیٚیہٕ تابعدأری۔"

پیر صأبن گُر کٹس نظر اہ۔ سُہ اوس ترٕ ستی چھوٚنتھ پوٚمُت۔ نبر مہٕ ژھٹہٕ ستی

گٔیس وارٕ ڈنن۔ یِرٕ وال گٔیس کھڑا۔" کھٔج تۯ کھاتہٕ مُتھٕ تۯ کھ جورا کھیٚیہِ، اَدٕ گوٚڑھِ قوربانس لایق۔" پیر صاأبن سوٗنٛچ۔

"اَکھ کتھ یوسہٕ مےٚ پھرِ پھرِ دِماغس مَنٛز چھےٚ یِوان۔" پیر صاأبن وۄن۔" سو وَنے۔ وننہٕ بغاأر پٔزے نہٕ۔ زٕ نہِ چھُ اوسمُت گیوٚنک شوق۔ یہِ شوق چھُس کھاندرپتہٕ یکدم بنْد گومُت۔ یہے چھُ پھُٹھٕ ہُتھ اُمس میٚنٛگہٕ مَنٛز بنْد۔ یہِ یوٚ تانٛی نہٕ نبر نیرِ توٚ تانٛی اَندِ نہٕ کہیں۔ ژٕ کرتہٕ ہتھ تدبیر۔ اُمس پیٚیہِ اَخرس گیوٗن۔ باأقی گیہِ ہٕنٛز مرضی۔ میوٚن فرض چھُ وۄنُن، تہُنٛز کاأم چھےٚ عمل کرٕنۍ۔" یہِ ؤنتھ ڈژاو سہٕ غفار بٔٹن پتہٕ۔

رحمان گو کٕتھ تھف کرِتھ پتہٕ پتہٕ۔

سہٕ پھیوٚر ریوٚت دوپنس۔" کُھ چھُ میوٚن امانتھ ژٕ نِش۔ خبر بہٕ کوٗن لگہٕ، کپاأرۍ لگہٕ۔ یُتھے سو گہٕ تیاّر گوٚڑھِ، یہِ واتہِ ناوتن میوٚن گرٕ۔"

رحمان آو کھُ ہیتھ واپس۔ سہٕ تھوٗن بیٚیہِ گانس مَنٛز۔ زنان بوزناأون پیر صاأب نہِ کتھ۔ سو رٕوز بوزان تہٕ وۄش ترٛاوان۔ پانہٕ واأنۍ کوٚرُکھ اُڈِس گنٛڈس بحث۔ زٕ نہِ وۄن تمہِ کوٚر خبر کرگونس لاہ۔ ووٚنۍ اَسس ہٕنٛس تہٕ چرٕبی کھٔسو ہٕو۔ تہٕ دُنبند رِس سُمب اَسس نہٕ ہیکتھ تہِ۔ رحمانن وۄنُس ژٕ نےٚ کتھ ریڈیو سٹیشنس چھےٚ کھُسُن۔ گامس مَنٛزے چھےٚ گیوٗن۔ ازماونس چھُنہٕ کانٛہہ حرجہٕ۔

گوڈٕ نہٕ کیٚن دوہن لٔج محفِل رحمانہِ گرٕ۔ زٕ نہِ گیوٚ نعت شریف ؤنہِ اوسُس ہوٚٹ زاأ ویٚل تہٕ یلہٕ۔ تیمۍ نعتِ شریف بوٗز، تمس آو سرٕ ڈرتہٕ دوہس رۄد

ہُنگر اوان۔ رحمانس بڈیوو چاے، کھنڈ تہٕ ژوچن ہُند خرچہِ۔ مگر یہِ مسلہٕ تہٕ گوحل۔ محفِل آیہِ اَکہِ اَکہِ دوہہ اَکس اَکس گرس پھالناونہٕ۔ گوٚتھ اَس زوٗن گژھِ ژ گٹہٕ نبندٕ رکران تہٕ رحمان اوس سوٗنچان وارٕ وارٕ چھس فرق گوٚھان۔

سو گنیاَر سَپُد۔ وتہِ گیہِ یلہٕ۔ رحمانن گٔرکٹس رَ زتہٕ صُجاَے دژ او مرمرس پیٹھ پیر صاٲبن۔ تو رووت پیٹھنس۔ برنہٕ ژاو اندرَ کٔھ تھوٗن آنگنس مَنٛز گنڈِتھ۔ پانہٕ گو دروازس نش۔ ٹھک ٹھک کوٚرن تہٕ تورٕ دژ اس مہنٛیوٗ۔

"پیر صاٲب کتہِ چھُ؟" رحمانن پرٛژھُس۔

"کیٛاہ کری؟" تمیٚ پرٛژھُس۔

"کھُ چھُم اوٚ نمُت۔"

"ژ اوٗن ییتیٚ۔ سُہ واتہِ ژ پری پھس۔"

"کوٚت چھُ گومُت" رحمانن پرٛژھُس۔

"سُہ چھُ ہیڈ وٕنی ہسپتال گومُت۔ بچہِ اوسُس ڈیوٗل پھن۔"

"کر چھُ گوٚمُت؟"

"صُبحن" مہنوی وَنُس۔

رحمان گو روٗزِتھ۔ "سُہ چھُ پانہٕ گوٚمُت ہیڈ وٕنی ہسپتال۔" رحمانن سوٗنچ۔ "پیرتہِ کری زیٚم یاَری ییتہِ پانہٕ آسکھ حاٲران۔" جلدی مَنٛز آس نہٕ آگ باگ کیٛاہ کرٕ وونی۔ کھُ اوس فاقے تمیٚ گر میاپہٕ رارے۔ رحمانن دِژس نظر۔ دوپنس ونہٕ میٛہ چشمہٕ تہٕ دیُت میٛہ پیر صاٲب بلایہِ۔ ژےٚ حبس پوٗتھ مےٚ کیٛاہ چھُ کرُن۔"

یہِ سوٗنچھ پوٚک کٔنس کُن ۔ میٲنِہ مَنز کوٚ ڈُن گۄدُوم تہٕ کھٕ ہیتھ دژاو ۔

رحمانن ژھُن کھٕ کٔنِتھ ۔ اَتھس پٮ۪ٹھ یِیلہِ پاٚنسہِ پیوٚس، دوٚیمہِ دۄہہ دوٚت زوٗن ہیتہٕ ہیڈٕ وٕنی ہسپتال ۔

زوٗنہِ سَپدی ٹیسٹ ۔ تس اُس شششترٕ چ کمی ۔ تمہِ خاطرٕ دِیُت ہَس دوا ۔

"استغفر اللہ" تمیٚ وۄن پانس ۔" اَساٚ پیٚر تہٕ فُتۍ لہِ کیٚاہ کرہَن شششترٕ چہِ کمی ۔"



# اَنزٕ آنٕی

چِلَے کلان اوس ژامُت ۔ اَتھ کھوٗرأ سۍ نوٗنہٕ پھٕلی ہوی گژھان ۔ یِژھ ہ ترِ منٛز تہٕ اوس سُہ نہہ گٹہٕ و وتھان، کولہِ پٹھ گژھان تہٕ اَتھ بُتھ چھٕلتھ یِوان ۔ اَمہِ ستۍ اوٗسُس مُری دِیا دُم آسنک باس یِوان تہٕ بیٚیہِ اوٗسُس دوہہ رتھ کھسان ۔ یوٚ تانۍ واپس اوس پھِران، گاش اوس ہیوان یُن تہٕ ہارین ژرٛینٛ ہُنٛد چرِ وچرِ واوس کٔرِن گژھان ۔ اورِ یتھ اوس ہنٛد ریوٗمُت آسان ۔ گوڈٕ اوس روت کانٛگرِ سوٗر مازان، جیچِر توٚ و آب کران تہٕ کانٛگر تپتھ دارِ پٹھ تمأ کی داما داما چوان ۔ مُنٛزی اوس ژاسہِ ٹوکھا کران تہٕ تھوکھ نبر لایان ۔ دأراوس اَڈٕ ژھ تھوان ۔ گوڈٕنچ نظرأ سس پنٛژالس پوان یُس شینہِ دستار دِتھ رتہٕ کالہٕ کِہو وندس اَکی آیہِ کھڑا اوس ۔ اَمہِ کیٚن تھونٛگٕن ہُنٛد سنٛبر تہٕ دوگنٛیار اوس تس ژٔیتہٕ وۄ ترِس پٹھ کھٕلتھ روٗدمُت ۔

تمہِ ڈری یہِ پھوٚنہٕ شین کھیں۔ بال آسی رہتہٕ کول سوران ژھٕری گمتیٚ۔ اوٚے آسہٕ یہنٛزٕ وچھ کانہٕ دوٚری بوٚزنہٕ یوان۔ یوسہٕ ترٛاوٕ یوان اُس شین نہٕ اُستھ اُس سوٚخ ٹھنٛڈ تہٕ اُڈی جن تٕرِتھ گوٚھان۔ شینہٕ پنہِ ہُنٛد، شینہٕ پتھو پتھو، اوس نہٕ گٔنی۔ بڑ وٚنتھ ییلہِ سو بول بوش کرہے سہٕ اوس تس ووہوان۔ مگر از اوٚسُس تُسنٛد بول بوش بوزنہٕ خاطرٕ ہول گومُت۔

"شین گوٚژھ ییلہِ پھوٚن" تمیٚ ووٚن پانس ستیٚ۔ "اگر نہٕ شین پیہِ پان پھیری گوٚھن کانہٕ۔ شین چھُ آبادی۔"

سہٕ اوس اُتھی خیالس ستیٚ گومُت، زِ بأنٛگی دزاو بڑ وٚنتھی کٔنی۔ بأنٛگ تہِ اوس تمی وِزِمشید گوٚمُت ییمہِ وِزِ سہٕ کولہِ پیٹھ اوس دزامُت۔ ووٚنی اوس واپس گرٕ گوٚھان۔ اَڈٕ وُژِھ دارِکٔنی دِژٕس تمیٚ کزٕکھ، "ہے وارے چھُکھا"۔ بأنٛگی اوس بڑ وٚنتھ پھن پوٚکمُت۔ سہٕ پھیوٚر ریتھ کٔن تہٕ اتی پیٹھ ووٚنس "اہنسأ وارے چھس"۔ یہِ وٚنتھ دزاو بڑ وٚنتھ کٔن یوٚ تانیٚ دوسہِ ژھایہِ گو۔ سہٕ رووٚدُس نظر نظر دِوان۔

تمِس اوس عادتھ ییم اپأری پکہٕ ہن، تمن اوس اُلی واکھ کران تہٕ خبر اتر پرٛژھان۔ بأنٛگِس ہیوٚک نہٕ خبر اتر پرٛژھتھ۔ تِکیازِ سہٕ ٹھہریوٚ ونہٕ۔ اجنبی لیس ییلہِ وُچھ ہے، تس پرٛژھ ہے "کیٚتِک چھُکھ؟"۔ سہٕ اوس پنہِ گامُک ناو ونان۔ سہٕ ونہِ ہس "ولہٕ چاے چہ"۔ سہٕ اوس "یأری گری نیو وٚنتھ نیران۔ یہِ اوس تس عادتھ بنیوٚمُت۔ یوٚ تانیٚ کامہِ نیرنک وق واتہِ ہس تو تانیٚ اوس دارِ پیٹھ بہان۔ گوٚر اوس واٚحِد نفر ییمِس سہٕ دوہے اوس وُچھان۔ سہٕ اوس بلا ناغہٕ یوان۔ ڈہٕ ڈری

أسِس گمتٕ یی کران۔ یتھ کٔنۍ گاش ییتھ اوس کوہن وُچھان۔ یتھے کٔنۍ اوس گۄرِس تہٕ دوہے وُچھان۔ سُہ اوس صُبحہ چہِ روزمرٕ زِندگی ہُندا اکھا انگ بنیومُت۔ ییمہِ دوہہ نہٕ گۄرِس وُچھِ ہے تمہِ دوہہ اوسُس باسان زِ تٔمِس چھُ بُتھ چھلن اَڈلیوک رۄدمُت نتہٕ کوٚستانی کاٰم کرنے رۄزمِژ۔ گۄراوس بأنگی گرٕ أژِتھ نیران۔ تس اوس آسان دود کٔڈن تہٕ اَتھ لمہٕ وُن دودٕ ژوڈا اوسُس ییتِ آسان۔ سُہ اوسُس دارٕ پیٹھٕ کرٕکھ دِتھ پرٕژھان۔ "ہے دارے چھُکھا"۔ گۄراوسُس جواب دِوان۔ "وارَے چھُس۔ دارٕ تھٔوِ نَے خوداے"۔ سُہ اوسُس حسبِ عادتھ ونان۔ "دولہٕ اَژھ چایہِ پیالا چِہے"۔ گۄراوسُس ونان"بیٚیہِ دوہہ چمہٕ۔"

پٔتٕ مہِ آتوارِ اوس گۄری دودموکلومُت کٔرتھ تہٕ تسنٚدِس چایہِ سالس ژاو اندر۔ تمأ کی دام چون۔ چونٹھ تہٕ معیادٕ وُشنوٚون۔ مگر رۄدژھوپہٕ کٔرِتھ۔ ینہٕ تس عادتھ اوس۔ سُہ اوس نتہٕ اورٕ چ یورٕچ کتھ بوزناوان۔ کأنٛسِہ خاص نفرٕ سُند دوٚل چھلِہ ہے نہٕ، ئلی کہِ سأرِے پیٹھ اوس پننی راے ترٛاے باوان۔ باضے اوس زنانن پیٹھ تبصرہ کران۔ کوسہٕ زنان بیٚیہِ زۄ چھےٚ تہٕ کوسہٕ لیہِ ہنٛز چھےٚ۔ تِکیازِ تس اوس پرٕتھ گرس ییتِ واسطہٕ پیوان۔ سِیاستس پیٹھ اوس زیادٕ تمہِ کتھٕ ونان، ییمہٕ اکِہ چاژٕہِ پیٹھٕ بیٚنِس چأنٛژس آسہٕ واتان یا یمن أسی پأدل نیٚو زچھِ ونان۔ دَپان اوس فلأنی تہٕ فِستأنی لیڈر سمکھے یہِ سالس پیٹھ۔ نالہٕ مٔتی کٔرِتھ، یکوٹہٕ کھیٚو کھ چوکھ۔ نبر نیرٕتھ لأجکھ لگن ہاونہٕ خأطرٕ سوٚے دژالی ہر۔ اوَے اُسی لُکھ تس زورٕ ترٛ ونگ دِوان تہٕ کتھٕ کرناوان۔ کتھٕ پرٕش اُس تس۔ ییمہِ دوہہ نہٕ کُنہِ پیٹھ تبصرٕ کرُن لایق کینٛہہ آسہِ ہے تمہِ دوہہ

دنہٕ ہے گاوٗن ہنٛز شیٚچھ۔ "گاو رچھنۍ چھےٚ کرٛ ڈٕٹھ" سہٕ اوس ونان" کھۄج کوٗم تہٕ
گاسک مول چھُ اسمانس ستۍ کتھ گران۔ مگر دود رٕوٗد دود ہیوٗ۔ تتھ کھوٚت نہٕ۔
کینٛہہ دود چھم دوزُم گوہان۔ گاوٕ گیہ بأچھنۍ تہٕ بیٚیہٕ وارٕ وارٕ روٗٹن دود ییلہٕ زن
کھیٚن کھیٚیہٕ برابر۔ آٹہٕ توٗ نا چھُ لاران۔ مُشکلی چھس کوٗمب پکہٕ ناوان۔ اَسہٕ نسأ
رٕوٗ دِیٚیہٕ کانٛہہ کار۔ نتہٕ کُس ژھُنہٕ ہے بلایہٕ یَتھ کارس۔"

مگر تمہٕ دوہہ رٕوٗ دسہٕ ژھوپہٕ کٕرتھ۔ تمۍ وُنۍ نہٕ گاچھ نہٕ سیاستچ نہٕ گاوٗن ہنٛز
شیٚچھ۔ صرٕف رٕوٗ دہوپ تہٕ دوپ کٕرتھ زن اوُسس دودٕ ژوڈٕ سی پوٗمُت۔

"بوز ناو شیچھا خبرا" تمۍ وُنُس وولسناونہٕ خأطرٕ۔

"کیاہ شیچھ ونے۔ وقت بدلیوو" تمۍ ووٗن۔

"ژےٚ توٗ ریا ازٕ فکری" تمۍ ووٗنُس۔

"فکرِ توٗ رُم بڑ ونٛتھ۔ حأران چھس ژٕ بدلیوٚ کھنہٕ۔"

"کیاہ بدلیوٚس نہٕ؟"

"ژٕ چھُکھ وُنہٕ تمی سوندٕ رِہندٕ شانٛدٕ۔"

"کیاہ بدلُن گوٚ ژھُس" تمۍ ووٗنُس۔ "پٔتن کاریانے زمین دأری
گوٚ ژھ ساتر اوٗن۔ ژےٚ تر ووتھا دودٕ کٔتن۔ ژٕ چھُکھ ناوُنہٕ گُپن پانے یلاج گران۔
کڑال چھِ نابانہٕ تھٕران۔ یٔتہٕ کوسہٕ فرق آیہٕ۔ میأنۍ کٔرنہٕ کانٛہہ۔ اَن اکھ کتھ سبز۔
چیناوانہٕ ،ٹریکٹر تہٕ نبندٕ دوا آو۔ یَموٗ ستۍ گیہ آسأیش مگر پڑ ون لذتھ نیوٗن۔"

"ژٕ وُ چھ کتھ گناہس گوکھ۔" گوٗری ووٗنُس۔ "میوٚن وٕنن اوس زِ ژٕ چھُکھ

دُ نہِ دارِ پیٹھ تِھے کُنۍ بہان۔"

"دارِ پیٹھ چھس بہان۔" تمۍ وۄنُس۔ "اَتھ مَنز کانٛہہ شک چھُ نہٕ۔

جاے چھم پننۍ دأرتہٕ چھم پننۍ۔"

"مگر تھۄتھ چھکھ ناکران۔"

"کس؟"

"کس۔ نتہٕ چھے ناخبر کس چھُ گژھان۔"

"تھۄتھ گژھ ژٕدرس۔"

اَمہِ وِزِ گو تُسُند توجہٕ اَڈِ وژہِ دارِ کنۍ نبر۔ زٕ غارزأنۍ جوان گیس وتہٕ پکان درٛینٹھی۔ اجنبی وُچھتھ ہیۆ ے یَن دأریلہٕ تژاونۍ تہٕ تمن پزژھُن۔ کِتھۍ چھوتہٕ کوٚت چھوٗ گژھُن۔ مگر تمو مینہِ لانپہٕ تہٕ أچھی ٹِٹہٕ وہرس مَنز ترِ کولہِ اَپور۔ سُہ رۄد وُچھان یۆ تانۍ تِم اَڈۆنس ورِ گہلُس اندرژایہِ، یُس أکس زِٹھس پتھس پیٹھ پھہلتھ اوس۔ اَتھ گہلُس متلق آسہِ عجیب وغریب کتھہٕ مُروج۔ کینٛہہ اُسۍ ونان اَتہِ چھِ دۄہلی لوٗٹرِ ژنان آسان تہٕ کینٛژن اُس پۆتی کوکرِ بوزنہٕ یوان۔ یِمہٕ آسہٕ پژانہِ کتھہٕ تہٕ وونۍ اوس وقت بدلیوٗمت۔ وونۍ نہٕ اوس سُہ گلی گُنبر نہٕ سُہ کھوژُن۔ اَتھ أندۍ أندۍ اُس وتھ اَکہِ طرفہٕ ورکھبتھ چھمبس ہیۆ رکھسان تہٕ بیٛیس گامس کُن گژھان۔ ژواپأرۍ اُس ژھوپہ۔ نہٕ گو کُنہِ سورنہٕ ستھ۔ زن ییہِ ورِ گہلی تِم نِنٛگلِتھ۔ تس رۄد اِظطراب یِم کوٚت گیہِ۔ ورِ گہل زَن بنیوٚ وپُر اسرار تہٕ تتھ مَنز اُسۍ تِم خبر کیٛاہ ابساوان۔ سُہ رۄد توٗرۍ کُن مُدے گنٛڈِتھ۔

پۄ ری کٔنۍ کھۄت سرٕ یہِ ۔ صُبحٕ چن ساۓ رواز ژن منٛز دِژ کوٚہ تینتالسوٚ ڈنگہٕ تہٕ تم شوٚلے یہِ ۔ تم زن آسی سارٕے کٔشیرِ نظر تھٲوِتھ ۔ رٕژِ کھٔنڈ دژا وگلی گہٕلہِ منٛز اَکھ جوان واپس کولہِ تۆ ریپورتہٕ وتہِ پٔتھ وأتتھ آو تسنٛز جایہِ گٔن ۔

"امایم کم چھِ "۔ تمۍ ووٚن ۔

گۄ روٚ تھ تھوٚ د، دارِ پۆٹ مۄ رووٗن، کلہٕ کوٚ ڈُن نمبر تہٕ دِژن نظر ۔ سُہ نفر اوس نکھ ووتمت ۔ صُبح تاپہٕ لوٲس تسنٛدِس بُتھس پیوان یُس دارِ ستۍ بوڈ اوس باسان تہٕ صاف بوزنہٕ یِوان ۔ تتھے گۄرس ستۍ لس أچھ رلے یہِ، سُہ بانبریوٚ وتہٕ یکدم ژوٗنُن کلہٕ اندر ۔ دأ ردِ ژن واپس تہٕ بیٚوٗتھ ژٕ ینس ستۍ ڈوکھ دِتھ ۔

"یم نسأ آسی دوہلہِ نیران ۔ " گۄ ری ووٚنُس ۔ "خبر یوٚ تا ژٕ یرِ کتہِ اوس ۔"

"یم آسی ژٕ نفر ۔ " تمۍ ووٚنُس ۔ "دونوے ژایہِ کلٔبن منٛز ۔ اگے دژاو واپس ۔ "

"خبر بیٚا کھ کوٚت گو ۔ " گۄری ووٚنُس ۔

"یم کم سأ چھِ ۔ "

"نتہٕ آسی نا خبر ۔ "

"تیلہِ پزٕ ژھ ہے ژٕ ے ۔ "

"تھو دأ ربند ۔ بہہ اند رگٔن ۔ "

"ژٕ زن چھکھ زیادٕ ے کھوژان ۔ "

"یمن چھے لبہٕ شیچھ ونان ۔ " گۄ ری ووٚنُس ۔ "ژٕ ے بیٚوٗتھے ناپگاہ ونکھ ییتے

گوٗرٕ ے یوت اوس یمن کُمی وڈن ۔ بہٕ چھُس پرٛتھ گرِس واتنس مجبوٗر ۔ دود چھُم نا کٔژن ۔ " تمی ڈیٛت دم ۔ ڈبکس دِژن پھشا ۔ أچھی وچھن تہٕ کلہِ گلہٕ نوٗڈن زن اوس گنہِ أنکار کران ۔ ٹاکارٕ اوس زِ سہٕ اوس کیٛا تھاۓ سوٗنچان ۔ تمی مۄراوِ أچھی تہٕ گوبیٛیہٕ ونان ۔ " تھی چوٗٹھ جوان چھِ دزاۓ ۔ یِہنٛدِ کھوتہٕ لوٗکٹ ۔ بوٛندوٗق ہتھ ۔ ڈپان گتھوٕستی انٛد یوٗ ونہٕ کینٛہہ ووٗنی گواتھوٕستی گرٛن ۔ آزادی خاطرٕ ۔ ژٕ ے چھےٚ سأرٕ ے خبر، گُلِس ڈوٗل چھُکھ لاگان ۔ لاگتہٕ ۔ مگر یہِ چھُ سألاب ۔ نیٛرتھ گو سأرٕ ے کرِ سمسوٗتر ۔ یہِ مارٕ مارٕ یوسہٕ ژٕ بوزان چھُکھ، تہٕ زبٕ پٮ۪ٹھ ہیٛنس چھُکھ گابران چھےٚ نہٕ مےٚ رژھ تہِ پسنٛد ۔ یہِ کتیتھ واتہِ انٛد ۔ ییٛلہِ کانٛہہ مارٕ گژھِ ۔ تہٕ مارن وول تہِ مارِ گژھِ ۔ اَتھ چھُ نہٕ گنہِ ژھبن ۔ میٲنی کنٛز ۔ مےٚ کوٗرُکھ تنبیہہ ۔ بہٕ چھُس دودِ سیٖرٕ کنان تہٕ شامن اوزکہِ کبھوان ۔ اگر نہٕ یہِ پکہِ، کبھمہٕ کیٛاہ ۔ مےٚ پیٛیہِ عیال ژھُنٛن مأرِتھ ۔ مےٚ چھُ باسان گنہِ جرِگس منٛز نہٕ اُستھ چھُس بہٕ سأرٕوے کھوتہٕ غاٗر محفوظ ۔ بہٕ گُس خاص مہتیوٗ چھُس ۔ میوٗن دارٕ مدار چھُ تہنٛزِ پاپر جاۓلی پٮ۪ٹھ ۔ توٗہی ییٛلہِ وارٕ وتہِ أسواَدٕ چھُس بہٕ تہِ ۔ مےٚ چھُ وہمہٕ انٛژس منٛزس گوٗ ژھُس نہٕ مارٕ گژھُن ۔ بڑونٛٹھ أسی ناسأونان زِ ییٛلہِ کأنٛسہِ پھأسی دِہن اسمانس اوس پھُہان ۔ اگر اَزتہِ سپدِ افتاب چھُنہٕ ڈچھنے ۔ "

" ژٕ کیٛا سأبانبریوٗ کھیوٗتاہ ۔ " تمی وڈُنس ۔ " بتہٕ دادٕ موٗدنہٕ کانٛہہ ۔ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ سبب چھُ سہٕ گران ۔ مےٚ چھےٚ اَتھ پٮ۪ٹھ یَژھ تہٕ پَژھ ۔ وول گوگامن چھُ نہٕ زیادٕ اثر ۔ مُمکن چھُ نوٗسبیل ما آسہِ ییمہِ کھوتہٕ رژ ۔ أخر آزأدی چھےٚ پَزی اَکھ خواب امیک تأبیر گُس ژھانٛڈٕ ۔ اُسی ۔ یہِ چھُ سأنس اتھس منٛز ۔ "

گۆ ری تۆ ووودِش تہٕ بیٚوٚتھ ژھوپہٕ کٔرِتھ۔ باسان اوس تس گوٚ نہٕ تسلا۔

"سوٚرے چھُ اِنسان ہٕندِ خاطرٕ۔" تٔمۍ ووٚن۔ "سُہ اگر نہٕ روزِ۔ یِہ کتھ کیٛت چھُ۔ موموٗلی چیزن پیٹھ چھےٚ سانٛۍ خوشی ڈٔرتھ۔ یہٕ چھُس موموٗلی اِنسان۔"

تانۍ ووت چاین سماوار تٔمن بڑونٛتھ کُن۔ تٔمۍ پھِرِ چاے پیالن۔ اَکھ پلہٕ نووٚن گوٚرِس۔ اَکھ روٚٹن پانس۔ سوٚت پھسکھا تنۍ ڈولنا۔ چاے چیتھ تٔل گوٚ ری ژوٚڈ تہٕ دژاو۔ پتھے آنگنہٕ مَنٛز سبر دژاو، تٔمۍ ہُو را ووداٚ ررژھاتہٕ ژرنہِ کنۍ روٚ دتس نظرِ یوٚ تانۍ سُہ ددسہِ پتۍ کنۍ ژھایہِ گو۔



آفتاب آواو برس تل۔ زن چھاٛون دودا سی۔ کٔٹھش ہیوٚتن پیٚرن۔ سُہ اوس سوٗنچان گوٚرکیاز آو نہٕ۔ گوٚ راوس کتھ کتول۔ یُس کانٛہہ تژ ونگ دِیہٕ ہس تس اوس زاپٹھ بہنان ونہِ۔ سُہ اوس یہٕ ان سوزاٛنۍ ٹوپۍ دِتھ تہٕ ژادرِ پٹ وٚلتھ۔ دوٗرِ اوس پژ زنا ونہٕ یوان۔ اَز آونہٕ۔ تس اوس ددہِ دِشہِ ہٕنٛزِ لیہِ مَنٛز خلل باسان۔

وُچھان وُچھان بدلیو وسوٚرے۔ راتس پھیرن واٛلی آسی ددہلہِ پھیران۔ بوٗندوٚقن کھوٚج زبان۔ لبوٗ سژ گو، موٗژ ہیوٚت نار چھکن۔ اَز باسے یِہ تس پٔنٛنۍ جاے ووٚ پر۔ ساٛرہے گٔشیر باسے یَس ووٚپر۔ دژ وازس ٹھک ٹھک اوس ناگہاٛنی بلایہِ۔ سُہ اوس نہٕ ہبکان وٚنتھ کُس ہتۍ گوٚ ھِ کتھ کرِنۍ تہٕ کس ستۍ نہٕ۔ سُہ اوس اند رکُن بہان تہٕ کُنہِ حالس مَنٛز گوٚ ژھ نہٕ تس کانٛہہ وُچھن۔

"اَز چھنہٕ گوٚ رکُنی۔" تٔمۍ ووٚن پانس۔ سُہ زن اوس تسنٛز سلامتی ہٕند

نِشائی ۔ سخ پریشان گو ۔ خبر وارے چھا ۔ وُنِس تانی اوس آسان آمُت ۔ بزارِ زُون ما گئیس تہٕ سُلی گو دود کِنتھ ۔ مے اوس ونان سُلی اُسی زِ نہٕ نیران ۔ پانہٕ کیاہ زِ نیر ۔ تُسند وقت چھُ گنڈِتھ ۔ تمی وزِ چھس گزا کھ پزاران ۔ خبر اَز کیاہ گوس ۔ اُف ! بہٕ کوتاہ پریشان گوس ۔ ہٹہٕ مٹہٕ ۔ آونہٕ وونی کیاہ گو ۔ سُہ آسہٕ پنُن کار کران بہٕ چھس واہ وبلا کران ۔ ئلی گوس پریشان ۔ میأنہٕ ذیہنہٕ مَنز چھُنہٕ نیران ۔ کتہٕ نیر ۔ یِمہٕ دارِ پٹھ دُچھ مے ذٔہن ؤری یَن ۔ دأرِ گیہ بند خبر گو رما......"

سُہ دزا و نبر ۔ دُنہٕ اوس پنہٕ برنہٕ تل زِ اورٕ آو گستاخی بچہٕ دوران دوران کرِ کہ دِوان ۔ " گو رچھکھ کُلِس الو نذ تز وومُت ۔ "



# ٹری لین

سوأس دوہس گرِکس لوٚہ لنگرس آسان لگتھ۔ بوٚٹھ سومبراوٗن، گاو چاوِنی، چاے بتہٕ رٕنن، کھاہس پٮ۪ٹھ واتُن، بیٚیہٕ لوکچہِ کامہِ یمہٕ گرکٮ۪ن٘ز پھوان چھےٚ آسہٕ تس دوہٕ دوہس آوٕ رتھوان۔

اکہِ دوہِ پٮ۪یہٕ تُسند گرٕ سریہِ ہنٛز پٕژھی باے وأتتھ۔ پٕژھی باے کیٛاہ آیہٕ گرٕک قرار نیوٗن بگأرِتھ۔ تس اوس ٹری لینگ سوٚٹھا لأگتھ یُس تمن دوہن نوٚوُے بازرس منٛز آمُت اوس بدنس پٮ۪ٹھ حد سجان۔ زیبہِ اوس نہٕ یتھ کپٕر زانہہ وُچھمُت۔ کپرن نیوٗنس دِل کڈِتھ۔ بتہٕ کھتھ پٕژھی سو پٕژھی بایہٕ ستیٚ کتھن۔ اَتھ وقتس روٗز تسندِس گرتنہِ پیٛزارس مدے گٔنڈِتھ۔

سریہِ منٛز چھوٚژتی پلوژھنان۔ "زیبہِ ووٚنُس۔ "لاوِ داوِ چھو نیران۔ نتہٕ

گوگام۔ یۆ تانٛۍ نہٕ پلوٕ رٕنہِ، ٹیٖہ لایق تہٕ روزِنہٕ توٚ تانٛۍ چھنہٕ بیٚا کھ بنان۔"

پٕزھۍ بابہِ دِژ پتٕمِن پلون نظرا۔ تاریٖف بوٗزِتھ گیٚس بشاستھ۔ "پلون ووٚنمت مےٚ کرۍ زِ تاہ بہٕ کٕرِتھ شاہ۔" تمہِ ترٛاو اکھ نظر زیٖبہِ ہنٛدٕ بن پلون، یِم پھیٚکِمن تہٕ کوٹھمن پیٹھ رٕیمتۍ اٗسۍ تہٕ ٹیٖہ ستۍ آسکھ ژٕمِچہِ لجٕ مٕژ۔ حالانکہِ بوسہٕ ضرب المثِل تمہِ ۆنۍ تتھ اوس نہٕ زیٖبہِ ہنٛدٕ بن پلون ستۍ کانٛہہ واٹھ۔

"تاہہ کرنس لایق گژھِ آسُن۔" زیٖبہِ ووٚنُس۔

پٕزھۍ بأیِ آیہ جوشس۔ گرتنہِ دامن اتھٕن منٛز رٕٹِتھ ووٚنُن۔ "یہِ چھُ ٹریلیٖن۔"

"ٹرلیٖن؟" زیٖبہِ ووٚنُس۔ تمہِ اوس نہٕ یہِ ناواز تانٛۍ زانٛہہ بوزمُت۔

"اٗں۔" پٕزھۍ بابہِ ووٚنُس۔ "ترٛے ربتھ گیٚس سوٚمٕتِس۔ ہام ہرے لیس نہٕ۔ چھٕلی چھٕلی چھُ سون۔"

"توٚن چھُ۔" زیٖبہِ ووٚنُس اوٚنگجہِ تہٕ نیوٚٹھس منٛز رٕٹِتھ۔

"یہِ گیہِ آبہٕ تھف۔" پٕزھۍ بابہِ ووٚنُس۔ "توٚن اٗستھ واتیس نہٕ ڈٕ ربرس کانٛہہ کپُر۔ نہٕ چھیتیوٚو نہٕ شرٕ وکیوٚو۔ شُپینہٕ کتہِ اوس بنان۔ مےٚ چھےٚ شہر کھارنو ومُت۔"

"پٕزی"۔ زیٖبہِ ووٚنُس۔

"کتھ کپرس چھےٚ نہٕ دُکہٕ گژھان۔" پٕزھۍ بابہِ تھٲوی تاریٖف چالوٗ۔ "تتھ زانے نہٕ بہٕ زانٛہہ۔ چھٕل تن تہٕ لاگ تن۔ زن چھُ آسان امی وِزِ سوٚس نش

اۄ نمت ۔"

اکھ اکھ تاریف بوٗزِتھ گیہِ زیٚبہٕ روٗزِتھ ۔" یا الٰہی یہِ چھا کیُر کِنہٕ جنتُک دۄلت ۔" تمہٕ وۄن پانس ۔" کیاہ زِندگی چھےٚ سریہِ ہنز ۔ دِلُک شر چھےٚ کڈان ۔ گام چھ ہِشکس ۔ ننہٕ وور پکن، ٹیبہ دِنہٕ، دوہس جکھن، بس یی چھ گامُک حشمتھ ۔ یہِ آسہِ ہاسریہِ منز بھاگنز آمو ۔ پلون ہُند شر کڈہا ۔ یِیتہٕ چھ بتس ہیم ۔" تس گو بُتھ الوٗند ۔ پھکس پتھ ژھیوٚ نمت گرتہٕ پوس یادتہٕ پُژھی بابہِ بزونٹھ کِنہٕ گوس ایحساسہِ کمتری پاٗد ۔

پُژھی بابہِ ترتسند دِلچ کیفیت فِکرِ ۔ ژبتھ رچھنہٕ خاطرٕ وونس" صحت گژھِ آسن کیُر بنہٕ خبر کوٚتاہ ۔"

"حسن یژھےٚ شیپن کھسہ بہ انہٕ ناون ضۄرور ۔" تمہٕ ووٚنس ۔

شامن ییلہِ شونگی زیٚبہٕ ووٚن حسنس ۔" مےٚ کُتیاہ لٹہِ ووٚنےٚ گرتی پیزاران تا ۔ بہٕ ژھچس ونان ژھوکُھ بوزان مگر اۄنتھ نہٕ ۔ گرتی چھم پھکین نِش ژھینہ ۔ پیزار چھم تیتتھ ژھیوٚ نمت ییتتھ نہٕ باوِتھ ہیکہِ ۔ ٹیب تہٕ چھکھ نہٕ دران ۔ مگر کس ونہٕ ۔"

حسنس تور فکرِ زیٚبہٕ چھُ پُژھی بابہِ ہندی پلو وچھتھ دِل تنبلیوٚ مُت ۔ ناحقہٕ تہٕ چھس نہٕ ۔ پۆرا وس یی زِتس اُسی پانس تہٕ پسند آمتی ۔ مگر تمی رٹی جذباتھ قوبوٗ ہس منزٕ تہٕ تس ووٚنن اطمیناناہ سان ۔" مےٚ کروٚ نےٚ بہٕ انہٕ نہٕ ۔"

"یہِ شرف چھےٚ نکار کرزِ کھ نہٕ زانہہ ۔" تمہٕ ووٚنس ۔ "ییم چھِ جوانی ہندی دوہہ، بڈتھ چھا شوق روزان ۔"

"رقمایتہِ گوٚژھ اتھس منٛزٕ یُن۔ جواُنی تہٕ بجر کیاہ کرِ۔"

"یِیلہِ غرض آسہِ تیٖلہِ ہاچھُ یِوان۔"

"ہسأمےٚ چھُ غرض۔ ہیٚن اتھس منٛز۔"

"مےٚ یِیلہِ ڈٔج ترٛوٚپ کٔرِتھ زڈ کڈ، ژےٚ زونتھ ھسأ ذی۔"

"پرُس اَنٛج دابنس ژھٹھ، مُشکلی بچوو نفس۔" تمُ وٚونُس۔

"پرُس اَنٛج دابنس ژھٹھ، یُہُس وسہِ نہٕ چھونی، بیٚنہِ ڈٔری یہِ آسہِ بیٛا کھ نیٛاے۔ یِی ووت مےٚ ڈٔری وادن بوزان۔" زیبہِ وٚونُس غمگین ہٹہٕ، زن اوٚش اوسُس تیار ہِنس۔ "لُکھ چھاپلو ائنٛی ترٛاوان نبتھ توٚن چھنہٕ کاںٛہہ روزان۔ ژوٹ ووٹ کٔرِتھ چھِ پلوانان۔ پتھ گوٚژےٚ چھےٚ نہٕ انٛنس غرض۔ ژھوٹ چھےٚ سوٚے کتھ۔ یہٕ اگر ننگے تہِ پکہٕ، چأنِس تلہٕ پِتِس۔" یِی ونان ہیوٚتُن تس اوٚش یُن۔ آواز پھیٚے لیس ہِٹس منٛز۔ تس اُس خبر حسُن ونہِ کیٛنٛہہ جال تال یوٚ تأنی مُشراوِ۔ پتہٕ گوٚ گرٛٹہٕ ژھلکو پأٹھی اَکہِ نوقطہٕ پیٹھہِ بیٚنِس نوقطس لارُن۔ "یہٕ گوٚ آب منٛڈُن۔" تمہِ سوٚنٛچ۔ ووٚش ترٛاوِتھ دِتُن لرِ پھِرُن تہٕ پھیر بیٚنِس طرفس کُن۔

حسُنس گوٚ موسوٚس پٔوی گوٚژھ زیبہِ آسُن تتھےٚ کُرتنی ییٚزار یُتھ پٔوھی بایہِ چھُ۔ یہٕ تہِ ڈُچھ ہا کُنُتھ سجہِ ہس۔ پرٛز ناونہٕ ییٚہِ نہٕ۔ پتٔن ہوٚن ماہِیس لاران۔ تمُ وٚونُس۔ "یہُس ہےٚ اَنٛنے ضوٚ روٚر۔"

"ژٕ ہا چھکھ خألِص ٹرونان۔" تمہِ وٚونُس۔

"ژٕ آزماوتہٕ۔" حسُن وٚونُس۔

"ژٕ اگر ونکھ دانِس دژ اوتو مُل، مےٚ نا ہمہ نہٕ۔"

"وونی کتھِ کئٕ کر کھ ژٕ پزٕ ھ۔"

"پوٚز چھُکھا ونان۔"

"اہانی۔ بلاہ ہے۔"

" مگر تیلہِ ان تہٕ یہے ژلین۔"

"ائے ضوٚ رۄ رانے۔" تمیٚ ووٚنُس۔

حسُن ڈٔنی زبان مگر سۄنچنہِ لوٚگ کتھ انہٕ۔ "دُمرٕ چھےٚ نہٕ پلہِ گژھان۔" تمیٚ ووٚن پانس۔ " صمدی بٹ پزٕ ووزمس مگرتس چھنہٕ ژری لین۔ تس چھےٚ شیطان ٹرتہٕ فلاٗلاٗن۔ سُہ چھُ دُزتہِ، کاہن آنن چھُ گوٚرداٗلی پاو پاوان۔ بلایہِ تمیک تہِ اوس سہلے۔ مگر چھپے نہٕ۔ دپان ڈونٛبن چھُ باو کھوٚتمُت۔ سارنے ڈونٛبن گوٚژھ کپرس ژدن گزن سُمب پاٗنسہٕ ینُن۔ تیلہِ ژھجنہٕ بکھ ہتھ۔"

موقس موقہٕ ییٚلہِ آوڈونٛبن آوچکہٕ مُکہٕ ہتھ روپیہ۔ گرِ کوار یاہ اخراجاتھ، یِم خبر کرپنٛٹھ اُس وہرتھ اُسی، آیہ اکہِ اکہِ بزونٛٹھ گُن۔ سُہ گوسارنے نابد پھوٚل اُسس منٛزتھوان۔ روپیہ ہتس تھوٚڈن چیرٕ گنٛڈ۔

جُمعہ اوس۔ سُہ دژاو گُرتنی پیٚزارانہٕ۔ کاہ بجے دوت بازر۔ سۄنٛچُن گوڈٕ دِمہٕ نمازِ سجدہ پتہٕ انہٕ کپُر۔ دوِ خودابرکتھ کرِ روپیہ ہتس۔ سُہ ژاو مشیدِ۔

نمازِ پرِتھ تتھے دژاو، بازرس زن اوس لگن ہُند یُپ آمُت۔ بزازِ وانن پنٛٹھ اوس جسرٕ، زن اُسی وان یِژ کاٗلی کھُلے متیٚ۔ "پزٕی چھِ نہٕ لگھ اتھٕ پتھر تھوان۔" تمیٚ

سۆنٛچ ۔ سُہ گو اَکِس اَکِس وانِس نظرا کران ۔ وانہٕ وٲلی آسی اَوری ۔ اَڈی چکاو مُکاوکران، اَڈی کپُر ژٹان تہٕ اَڈی پانٛسہٕ رٹان، اَکی وانہٕ وٲلی وُچھ سُہ وانس کُن وُچھان ۔ تٔمی دِژِس کرٛکھ ۔ "وولہٕ ہَض کیٛاہ گوژھ؟" ۔ زنگہٕ پچِس پانٛے وانس کُن ۔ تھرِس پٮ۪ٹھ کھۄت ۔ وانہٕ وول اوس گزا کس ٹری لیٖن ہاوان ۔ ترٛ ہہ روپیہ میٖٹر ۔ تٔمی کۄر حساب ژون میٖٹرن اوس اَکھ ہتھ تہٕ وُہہ روپیہٕ واتان ۔ سُہ وۄتھ واپس ۔ وانہٕ وول اوسُس کرٛکھ کرٛکھ کران ۔

حسُن ییتھ وانس پٮ۪ٹھ گژھُن اوس یژھان تٔمِس اوس تٔمی بڑ وٕنٛتھ کرتانٛی کپُر ہیوٚتمُت ۔ یُس وانہٕ وٲلی شٔہرٕ چھےٚ نہٕ کتھے تس اوس نہٕ پانس یاد زِ کر ہیوٚ تمس بغارِیہ زِ ہُر داوس ۔ ییہے آس تٔمِس ستی زان ۔ تٔمی تھوٚ بآقے دُکانو نِشہٕ اَچھی وُٹھ تہٕ سیٚدٕ ے ووت تس نِش ۔ وانس پٮ۪ٹھ کھۄت ۔ اَتہٕ اوس نہٕ گزا کھاوا کھا کانٛہہ ۔ "ییٚتھ پیٚہ کپُر تہٕ وُچھنہٕ تہٕ چھکاونہٕ تہٕ ۔" تٔمی سۆنٛچ ۔

وانہٕ وٲلی بۆر چلمہٕ گۆراٗ کی تموک ۔ گتہٕ رژھا زاٗ جن ۔ زِ ترٛ ے سۆٹھ مٲرنی تہٕ جیٚچر پلہٕ ناٗون حسُنس ۔

حسن چو تموک ۔ ژاسا واسا گرِن ۔ اطمینان ہیوٚ آس ۔ بزازس وۆنُن ۔

"تلہٕ ہَض جان پٔہن زنانہٕ سۆٹھا ہاو ۔"

بزازن کھۆل جِبلہٕ ہُنٛد تھان تہٕ ڈُلہٕ وان ترٛ وُون تس بڑ وٕنٛتھ کنہٕ ۔

"نہٕ ہَض ٹری لیٖن سۆٹھا ہاو ۔" تٔمی وۆنُس ۔

بزاز وۆتھ تھۆد، ہیٚرِ مہٕ الماری پٮ۪ٹھ وولُن کپُر تھان ییتھ چھوکہٕ کا کنڈٕ لِتھ

اوس۔ دۄیو طرفو ڈِژنس ژٕنجہ جوراتہٕ تھٲو ن تس بٔز وٚنتھ کنہٕ۔

"ژٕ ٹی تو بنواز۔ ییمِک کُرتی پیزار کٔھلی رِ بہو۔" تٔمۍ وۄنُس کپُر چھوکہٕ کاکذ منٛز سلیقہ سان نبر کٔڈان۔

"نہٕ ھٚض مےٚ گۄژھ ٹری لیپن۔" تٔمۍ وۄنُس۔

"یہٕ گوفوم۔" وانہٕ وٲلۍ وۄنُس۔ "نٕو فیشنگ۔ ربتھ کھنٛڈ گوس بازرس منٛز ہمتس۔ ژٕ تھان نیکھ اتھ ووٹھرِتھ۔ ٹری لیپن کھوتہٕ چھے کھٕسِتھ۔"

"مگر مےٚ گۄژھ ٹری لیپن۔" حسن وۄنُس۔

"ڈٕچھ کُس کپُر چھکھ ژھاڈان۔" وانہٕ وٲلۍ وۄنُس۔ "ترپال تتھ چھہٕ دنان ترپال۔ ربتہٕ کالہٕ گرمان تہٕ وندس ٹھنٛڈ گوھان۔ اگر تمبرِ رژھا بہہ لیس، ژٕ نی تہٕ پییس نہٕ اتھِ۔ زن نہٕ نٲلی ادسے۔ وونی پژ انیو۔ گوڈٕ نکمن دوہن ییلہٕ آو، لگوزن لوٚب۔ تھپہٕ تھپھ کرہس۔ از چھس نہٕ کانہہ مازان۔ مگر ژٕ ےآسی اَزی ناوٕ بوٚزمُت۔ تقصیر تہٕ چھے نہٕ۔ از چھنہٕ کانہہ تھوان۔ اگر کانٛسہٕ آسہٕ سہٕ آسبس پژون رُو زِتھ گوٚمُت۔"

"مےٚ گۄژھ سے۔" حسن وۄنُس۔

"صافہٕ ونےٚ، مےٚ چھنہٕ ٹری لیپن۔ ییلہٕ نہٕ وۄتھ لی۔" بزازن وۄنُس تہٕ مۄور اوٚڈ مُتی تھان ہیٛتنی وٕنی۔

حسنس نہٕ تَوگ تھوٚ دوٚ تھن نہٕ یہُن۔ تٔمۍ اوس گوڈنہٕ کُس وانہٕ وٲلس ٹری لیپن ڈٕچھمُت مگر سہٕ اوس دژوگ کنان۔ تٔمۍ ترٲو جچھیر اتھہٕ منٛز ییلہٕ۔ بزاز گو کپُر وٹان

تہٕ تگہِ تھوان۔ "پیٚتہٕ ڈوٗنی کِنتھ آیہِ نہٕ برابر پانٛسہٕ۔" حسٕن سوٚنٛچ۔ "ٹری لین ژھِنتھ کیٛاہ کرِ زیبہٕ۔ کھاہس پٮ۪ٹھ گوٗھیا کِنہٕ بتہٕ رنہٕ۔ یہِ گو تیشہِ لاگُن، تمہِ کھوٚرِ بأنکی پأٹھی یُس وتہِ اتھس کیتھ پیٚیہِ تُلُن تہٕ مٔنزِلس وأتتھ لاگُن۔ یہِ تہِ با کھٹیوٚس۔"

"نسأژٕ وۄتھ کیٛر۔" حسٕن ووٚنُس۔

"ژٕ چھکھ ٹری لین ژھانڈان۔ مےٚ چھنہٕ۔"

حسٕن دیٛت ڈبکس پھشا، نیوٚٹھ تتی لوٚگ ژٕ چھنہٕ طرفہٕ پٮ۪ٹھ کھوٚورِس طرفس رِکھ ہشہِ دِنہٕ، زن اوٗسُس زِندگی ہُند غأرمومۄلی فأصلہٕ عیٖن۔

"فوم اگر نمہٕ۔" تمۍ ووٚن۔ "یہِ زن کوٚرُم نہٕ خانہٕ دارنہٕ پسند۔"

"تہٕ کیٛاہ گو پسند کرِنہٕ۔" بزازن ووٚنُس۔ "تس چھا خبر بازرکتھ جانورس چھِ ونان۔ کتھ چیزَس چھُ چلِے جاو۔ خبر وانس پٮ۪ٹھ آسیا تہِ زانہہ کھٔنٛزِمژ۔ یتھس اِنسانس فِکرِ تارُن چھےٚ چأنٛی کأم۔"

"بنان چھُ فِکرِ تأرِتھ آس نہٕ پسند۔" حُسٕن ووٚنُس۔ "ژٕ رٹہٕ کھاوالپس؟"

"تھانہٕ مَنٛز ژٕتھ چھُ مُشکِل واپس رٹُن۔ یہِ چھنہٕ کانٛہہ نوان تہِ۔"

"اَسأتہٕ مول۔"

"پٔنٛژ چھِ کنان ژےٚ دِموے ژووٚہَن۔"

"ژٕ توٗوہ گُرس۔" حسٕن ووٚنُس۔ "توکلس پٮ۪ٹھ چھم عیٖن۔"

"کوٗتاہ چھےٚ بٔنُن۔"

"ژور میٹر۔"

"نمھ روپیہ گوھن دِنہِ۔ ژٕے نِش زن زٕینہِ نہٕ روپیہ دہہ۔ سہلے چھُ۔ گٔنہِ وِزِ چھےٚ پےوان ژٕ بھ تہِ ہیٚنز۔"

حُسن گو خوش۔ رُت اِنسان چھُ۔ تٔمۍ سوٗنچ۔ ہٕتۍ نِس چھُ دہہ روپیہ واپس دِوان۔

بزازن ژٕڈ ژور میٹر۔ کپُر چھٔلہِ کوٚرُن تاہ، یہِ ہٕرن لفافس، تہٕ لِفافہٕ پِلہٕ نوٗدُن حسنَن۔ تٔمۍ دِتُس ہٕتٕمُن نوٹ۔ دہہ رچن واپس تہٕ ووٚتھ وانہٕ پیٹھہٕ بون۔

وانہٕ پیٹھ وٕستھ ہیٚوٗن تس زنگہٕ نٹہٕ نہٕ۔ "زٕیبہٕ گٔوھ پسند کرٕنۍ۔" تٔمۍ سوٗنچ۔ "تمہِ اوس من بنو ومُت ٹری لیٖنس پیٹھ...... مگر سُہ چھُ دزٕ وگ۔ کپُر تہِ چھنہٕ رُت۔ فوم چھُ اُز یِک فٲشن۔ بزازٕ ئے ووٚن۔"

گرٕ واُتتھ پلہٕ نوٗدُن لِفافہٕ زٕیبہِ۔ تمہِ یِیلہِ کپُر نبر کوٚڈ تہٕ تاہ مُوٗرِتھ وُچھُن گاشس، یہِ اوس نہٕ ٹری لیٖن۔ یہِ تس کالس پژاُرِتھ آونہٕ تس مُراد پوٗرٕ۔ أچھن آس اوٚش۔ تمہِ لوٚدِ لفافس واپس تہٕ دِتُن حسنَن گٔن داُرِتھ۔

پیٚشتر حُسن ونہِ ہَس کینٛہہ سوٗژ ج نبر۔



# مسلہِ چھُ چایہِ پیالک

ژور بجے یہ ۔ لبہٕ پٹھ دِتی گرِ پوٗتُس پتھ ژور صدا ۔ بزٕ ج لالن ٹُل فائیلہِ پٹھٕ کلہٕ تھوٗ د ۔ تِمِس اوس گنٹہٕ زیادٕ گوٗ مُت فائیل پرٕان تہٕ نوٹ لیکھان ۔ وونی اوس کاتھیوٗ مُت ۔ نرٕین زنگن کوڈُن واش تہٕ ڈٕچھنِ کنی پینٕس موہن لالس پٹھ نظر ۔ سُہ اوس وُنہِ قرار سان بہتھ کتھ تانی کا کٕزس پرٕان ۔

"امایہِ کتھ سنیوٗ مُت ۔" بزٕ ج لالن ووٗن پانس ستی ۔ "یہ اوس اوٗ ڈ گنٹہٕ بزٕ ونٹھے آسان کُرسی پٹھٕ ووتھمُت ۔ ضوٗ رٕ وٗ رِچھس جل پھسیوٗ مُت ۔ یتھٕ گو نہٕ بیٚہن وول ۔"

دوٚنوٚ ے اُسی اُکی ہے دفترس منٛز کلرک ۔ دوٚنوٚ ے اُسی ہمسایہ ۔ موہن لال اوس لوٗ گٹ تہٕ تُنٛز کھ ۔ کھزٕ وس منٛز مأہرٕ ۔ یتھ کا کٕزس کھر اوس آسان اُنٛ تتھ اوس

پوان تس مشور ہیٚو ن ۔ سہٕ اوس تتھ ہ دِگ تھوان زِٚود تلنس اَکہٕ رٚبتہٕ وادلگان ۔ اَتھ
عوض اوس تس چایہٕ پیالہٕ بنان تہٕ مقدوٗر موٗجوٗب روٗپیہ دہہ تہٕ بنان ۔ یُس چیز
مُفت بنہٕ امیُک عادتھ چھُ ڈٕلی لاران ۔ یوٗ تانی نہٕ سہٕ چایہٕ کپ چینہٕ ہے تہٕ دوٗہس
روٗپیہ دہہ یا وٗہ چندس ژھُنہٕ ہے تس اوس نہٕ دِلس قرار یوان ۔ یِیمہٕ دوٗہہ نہٕ کہیں بنہٕ
ہس تمہٕ دوٗہہ اوسُس باسان گرِ چھس خراب زنگہٕ وزِ امُت ۔ گوڈٕ نکمن دوٚہن اوس
سہٕ شامن چپراَسِس پانٛژھ روٗپیہ دِتھ تھوان ۔ یُتھ سہٕ تمے پانٛژھ روٗپیہ تس گُرسی
پٮ۪ٹھ بیہنہٕ وزِ اتھس کیتھ تھوِ ہے ۔ اَسۍ چپراَسِس کوٗتاہ معیاد آسہٕ ہے تمۍ گرسار ہے
ژرے ۔ یوٗ تتھ اَگوٗہان اوس پانٛژن روٗپین ہنٛز دلیل اوس بوزان تہٕ شرمندٕ گوٗہان ۔
تس پیوٚو یہ سِلسِلہٕ بند گرُن ۔

اتھ بجایہٕ اوس برٛج لال سادٕ نفرتہٕ موہن لالنۍ طور طریقہ اَسِس نہٕ پسند ۔
مگر اَز چھُ زٕیلہٕ اِنسانٕے یِژھ ۔ لِہازا اوس برٛجہ لال تہٕ تس پیٚر سُندٕ یِژھ کران ۔
"اَز کیاہ سأتیلہٕ زالیا چھیٚ ۔" برٛج لالن وُنُس ۔ تمۍ وٕٹ فائیل ۔ یہٕ تھوٚن
فائیلن ہنٛزٕ تندلہٕ پٮ۪ٹھ ۔ قلم تھوٚن بغلس منٛزٕ تہٕ گرسی پٮ۪ٹھ ووتھ تھوٚد ۔ "نیٚرن چھُ نا
ژوٗرے بجے یہ ۔"

"ژور بجے یا ۔" موہن لالن وُنُس کاکٕز پٮ۪ٹھ کلہٕ تھوٚد تُلتھ تہٕ گرِکن نظر
ترٛاوِتھ ۔ "خبے نسأ روٚدنہٕ ۔ کم چِھ چھا دوٚہس یوان ، زن چھے کھچھٕ پاٹھی کھٕسِتھ
یوان ۔ سارنے چھِن لیکھنس کُن ہوومُت ۔ صِرف چھِ چھِ لیکھان تہٕ داگوتھ
تھوان ۔ دٕکِھ کینٛہہ تامبری چھِ لیکھان ، رژھ نہٕ ...... تیمس چھکھ دفترک وال کُلاک

ژۄرِ نیۆمُت ۔ لیکھان چھُ چۄکی درس ہێیو ۔ چۄکی دٕر چھُ لیکھان بہٕ ہسا اوٚسُس تمہِ دوہہ چھُٹی ۔ یہِ ہسا آسہِ افسرن نیاوٕ نووُمُت ۔ ہیوٚ اُسی کیوٚ ہو کروے؟ پُلسس کر رپٹ ۔ دود تہٕ پۄنی نیرِ علاحدٕ ۔ بێنٛس چھنہٕ چیر اُسی یِوان ۔ اُسبس گرِ کاٗم ۔ رتن وونی یہِ کاکز ( تمی ہوو اونگجہِ ستی میزس پێٹھ دہرِ تھ پٕچھِ کُن ) اُمی چھُ ہۄن ٹلہٕ نوومُت ۔ وونی چھُ اُجرتھ ژھانڈان ۔

"ہۄن "برٛج لالن پرٛژھُس حاٗراٗنی سان ۔

"اٰں ۔ "مۄ دمُت ہۄن ۔

"کتہِ ۔"

"کتہِ ...... کتہِ ......۔" موہن لالن پھِرناو اونٛگج سٕنٛزِ سٕنٛزِ پٕچھِ یوٚ تانی لوٗبن ۔ "دفتر کہِ اِحاطہٕ منٛز ۔"

"یِتھی ژھل چھِ گوٚھان ۔ "برٛج لالن وونُس ۔

"کیٛاہ سا ژھل ۔" موہن لالن پرٛژھُس ۔ "گوڈٕ ہۄنٛس تہٕ دفترس کیٛاہ کاٗم ۔ اگر ژا اومۄ دتیاتی ۔ عجیب اِنفاق چھُ مرِتھ کھوٚت یہِ گورنمٹس ذمہٕ ۔ وونی اگر مۄد ، اسایہِ تٔس مرن مُشکل چھُ نمبر کڈِتھ ژھٕنن ۔ زنگہِ چھس رز ٹکرا گرُن تہٕ نمبر کڈِتھ ژھٕنن ۔ زیادٕ کھوتہٕ زیادٕ لگن ڈٕ ہہ روپیہ ، ہسا پٔنٛژہ تہِ تھوو ہُنٛز ہتھ روپیہ ۔ یہِ گونا لوٗٹھ ۔ اگر پانٛژن منٹن ہنٛز کاٗمہِ ہتھ روپیہ واتہِ ، دوہس کیٛاہ واتیں ۔"

"یہِ ہسا چھے مکرٕ کاٗم ۔ برابر آسہِ ہس ہتھ روپیہ ہیوٚ تمُت ۔"

"اَتھ اُجرتس پێٹھ تٔس پیہ نہٕ کامہِ ۔ اَدے چھِ نہٕ قیمتھ ڈنٛجہِ روزان ۔"

"قسمتھ چھا یِمو چیز وستی ڈنجہِ روزان ۔" بزج لالن وۆنُس ۔ "تمِکۍ وجوہات چھِ بدۆن ۔ تہٕ چھِ کم کم ہُسی غٲب گژھان ۔ ہۆن کتھ جرگس منٛز چھِ ۔ آکاربوڑ اُستھ چھہٕ تم بوزنہٕ یوان ...... مےٚ دۆپ ژٕ کتھ چھکھ سنیوٗمت ۔"

"قطرٕ قطرٕ چھُ سمندر بنان ۔" موہن لالن وۆنُس ۔

"پژٲنی کتھ چھےٚ ، سُندری جہِ دِوان زٲلی ، ہبند وبند ژالان نیرتھ ۔"

"رتکھ نایہِ کاکنٛز ژٕ تہٕ دِہس ہتھ روپیہ ۔ میانہِ اَتھہِ گوٚ ژھنہٕ یتھ انرتھ گوٚھن ۔"

"اگر ژےٚ ونوےٚ ژٕ کوٚتاہ ہیکھ" ۔ وبزج لالن پرٛژھس ۔

موہن لالن کوٚر راسنا ۔ دوپنس ، "جس کا کام اُسی کو ساجھے ۔" یہ کیاہ سأ کرہس ؟ ژٕنٲے ۔ یہ گیہ پٔتھے ہش کتھا موٚز ڈرانون تہٕ بہہ ناوون میانہِ جایہِ ۔ دپوس لیکھ سأ نوٹ ۔ سُہ کیاہ زن کرِ ۔"

"دُنی ووٚنتھ مرُن مُشکل چھا ۔ ووٚنی وۆنتھ جس کا کام اُس کو ساجھے ۔ پژہ کتھ گرو ۔"

"تیلہِ آسہ ہے یہ تہٕ فیلڈس منٛز کأم کران ۔"

"یم گیہ کوٚدِ کٔڈنہِ ۔" بزج لالن وۆنُس ۔ "زودِ دسیا پوس ۔ خأر سلا لیکھ ژٕ یہ دژاس ۔"

"یہ تہٕ ہسأ نیر" ۔ موہن لالن وۆنُس ۔ کاکنٛز وٹان ۔ "پگاہ وُچھو کیاہ لیکھوس ۔ جلدی کو سہٕ چھےٚ ، ہوٚنے چھاتلنہٕ آمت سُہ تہٕ موٚدِمت ، کِنہ کانٛہہ وولکھ

پھاسہٕ پٹھ۔ ہوٚن چھُ تُلنہٕ آمُت، لیہازا چھِنہٕ تَ جلی...... اُسی چھِ یکوٹہٕ نیران، اَز تہٕ نیرو۔ جبہٕ کدل تانی چھِ یکجا۔" یہٕ وَنتھ کوٚر تٔمی ہوٚنی چِتھہ تاہ تہٕ تھوٚن میز کس ڈژا ایرس مَنٛز۔

"اَڈی تو مہاراہ وۄتھس۔" موہن لالن وۄنُس۔

دوٚنوٚے دژا یہٕ دفتر۔ موہن لال بُرِ وَنٛتھ بُرِ وَنٛتھ، بزج لال پتہٕ پتہٕ۔ رتہٕ کاٹلکی دوہہ اُسی۔ تاپس اوس جان اثر۔ سری یہٕ اوس وۄنہٕ ہوگری سرس پٹھ روٹہٕ گوٚمُت۔ خرامان خرامان واتی تم پولوٗ گزاونڈ۔ دوٚیوٚ نفرو اوس بونہٕ ہوس ڈاپھ ترووُمت۔ سالأنی اُسی فوٹوٹلان۔ پبستن جی پتھ ترٛاُوتھ واُتی تم ریگل چوکس مَنٛز۔ چاپہٕ تہٕ کژا یہٕ ہنٛز رلہٕ مِلہٕ خوشبو، اُس ہوٹلوٚ مَنٛز نیران تہٕ ساری چوکس پھہلان۔ موہن لالن اُس نہٕ دوہلہٕ چاے چیوٚ۔ تس اوس چاپہٕ ہُنٛد طلب بُرِ وَنٛتھے۔ خوشبوٗ ستی آلیس ٹٹھ۔ بزج لال تہٕ گو خوشبوٗ ستی روٹہٕ۔ سہٕ اوس سونچان موہن لالس وۄنہٕ چاپہٕ کیاہ چاو۔ تس اُس خبر سہٕ چھُ چانگہٕ، لیس اَگادِ گژھہِ، اُدرٕ زٕٹ ہیوٚ گوٚھبس تہٕ کینٛہہ نتہٕ کینٛہہ خرچ ہیٚیس۔ اگر اکھ چاپہٕ کپ چاوِتمہٕ ستی پیٚیس نہٕ کانٛہہ فرق۔

بزج لال اوس وۄنہٕ سونچانٕے زِ موہن لالن وۄنُس ہنگہٕ تہٕ منگہٕ۔ "چاوَ کھ نا چاپہٕ پیالا۔ اَنٛدرم چھم سانگریٚمتی۔ اَکھ چاپہٕ پیالہٕ تہٕ اَکھ سموٗسہٕ۔ موردن اُسی جِت۔"

"شونبر مال اگرنے دُمری چھِنہٕ چنٛدس۔" بزج لالن وۄنُس۔ تٔمی کوٚڈ قلم چنٛدہٕ مَنٛز مبہر تہٕ خالی چنٛدس کوٚرُن اَنٛدرِم نبر۔ "دُچھ سأژ ماکر بکھ نتہٕ پڈ گژھہِ۔ میانین

چندن ہیلکبھ ژتلاشی گرِتھ۔ ژےٚ وُرِش چھےٚ منگُن تگان، مےٚ چھنہٕ تتھ تہٕ بتھ سمان۔
پاُنسہِ زیٚین چھنہٕ سہل کتھاہ۔ اَتھ گوٚژھ گاٹہٕ جار آسُن، یُس مےٚ چھُ نہٕ۔ ژےٚ چھےٚ
خبر، سارنے چھےٚ خبر۔ اوٚے چھنہٕ مےٚ کانہہ پزٕ ژھان۔ مقدوٗر حسابہٕ چھم کاٗم۔
خوشکھ تہٕ میچستھ واجبنز۔"

"اَز چھس بہٕ تہٕ ژھوٗرے۔" موہن لالن وۆنُس۔ "یہے ہتہٕ روٗپہٕ تنز
چھکِ واُژ۔ تتھ وۆنُتھ ژےٚ یہِ گوز وِپوس والُن۔ سُہ کتہٕ بنہٕ ہانگل۔"

"گرٕ چھُ گوٚژھُن تُتی چمو۔" بزج لالن وۆنُس۔ "یہٕ چھا حکیمن فورموٗدمت
زِ ہوٹلس منز گوٚژھ چاے چینز۔"

"اَز ہسائُج بو چھِ نتہٕ کرٕ ہس شنائے۔"

دوٚنوٕے اَسی ژھوپہٕ گرِتھ رہیگل چوٗکس منز یکان۔ ملازم اَسی دفتر و منزٕ
نیران۔ بازرس ہیٚیِن ہیر بڈٕ نی۔ اَڈٕ اَسی فٹ پاتھن پیٹھ کھڑا کوریٚن نظر تھوان تہٕ
مُسہٕ ژٹان۔ یمن دفترن منز پیٹھی واُنی اوس بنان، تم اَسی پانہٕ واُنی دوہہ چہٕ کارگردگی
پیٹھ تبصر کران، اسن کھنگالہٕ تز اوان تہٕ ہوٹلن سیدان۔ اَڈٕ اَسی ژھوپہٕ گرِتھ نستہٕ
سیٚو دژلان زن اَسی پھاٹکہٕ منز یلہٕ گاٚمتی۔ موہن لالس اَسی واریاہ زانان۔ سُہ ما
کرِ ہے کاُنسہٕ لوٚنچہٕ تھف تہٕ اَژِ ہے ہوٹلس مگر بزج لال اوٚسُس پوٚژھ لاٗدی ہندی
پاُٹھی پتہٕ۔ مگر سُہ اوس وُنہٕ ڈٕ چھنہٕ نظر دِوان زِ تیٚتھ نفر گوٚژھ نموٗ دارتیمس سُہ بزج لال
ہتھ سوار گوٚژھے۔

"عادتھ چھُ وُلتہٕ۔" موہن لالن وۆن پانس...... "بلایہِ چایہٕ پیالہ گے چھُ

عادتھ۔ چرُنک شرابک چھنہٕ۔ چاے چھِ سأری چوان۔ أری تہٕ تہٕ کھٔری تہٕ۔" تمیٚ دۄیِت پانس تسلا۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ گوٚتس غلام محمد ہتہٕ روپیہ نہٕ چھِ وول نظرِ۔ موہن لالن تہٕ وو بزج لال اتی، قدم تُلن تیز تہٕ ووت تس نِش۔ سُہ اوس ہوٹلس گن نظر تھٲوِتھ۔ موہن لالن تھوٚوس اَتھ پتی کنہِ پھیکس پٮ۪ٹھ۔ غلام محمدن دِژ نظر۔ موہن لال وُچھِتھ کوٚڈُن اَتھ دۄ سہ پوٚ سہ خاطرِ۔

"نمسکار۔" غلام محمدن ووٚنُس۔ دۄ سہ پوٚ سہ کران دۄیِت نس نرِ درِ۔ "ژٕ چھکھا وأرے۔"

"وارے چھُس۔" موہن لالن ووٚنُس۔ "وارِ اوسُس یورووٚتُس۔ چأئی ہتہٕ روپہٕ چھِ گیم ڈاکس منز نظرِ۔"

"سُہ ہتھ روپیہ دِوناوی زِ ہے۔" غلام محمدن ووٚنُس۔

"تتھ ہسأ کجِہ پیٚشی رژھا۔" موہن لال ووٚنُس۔

"کیاہ کجِہ پیٚشی۔"

یپتس کالس ووت بزج لال تمن نِش۔ تمیٚ کر غلام محمدس دۄ سہ پوٚ سہ، خبر اتر پرژھنس تہٕ روٚد اکہِ طرفہ کھڑا۔

"ژٕ یہ چھے نہٕ لیٚو کھمُت، ہوٚن نے آنگنس منز ژاو، کپأری ژاو۔" موہن لالن ووٚنُس۔

"یپأری سأری چھِ اژان۔" غلام محمدن ووٚنُس خنٛدٕ ہنأ کرِتھ۔

"ییلہِ کڈنوو کتہِ ترٛ وون۔"

"تتھ کیاہ چھے ژٔنے گرُن۔" غلام محمدن ووٚنُس۔ "کانٛہہ لوکرِ تھوٚ نہٕ دوبرٲتھ، جاے أ سس ہاوِنی۔ نسأہوٚن ٹُلہِ نووٕ سہٕ تہٕ موٚ دمُت زِندے آسہِ ہے تیٚلہِ أس بدل کتھ۔"

"زِندن چھنہٕ کانٛہہ سنان۔ موردن چھِ جنتھ انان"۔ موہن لالن ووٚنُس۔

"أں۔ زِندن سُمنب چھنے نہٕ فُرصتھ۔ موردن گژھِ حساب روزُن۔" غلام محمدن ووٚنُس۔

"ہُتمن نوٹ ہسأ چھے دیُن۔" موہن لالن ووٚنُس۔ "ییلہِ مے کھاندر چھُکھ کوٚرمُت، ہُتمن اوس خرچہِ لگان...... کم از کم کانٛژِ یڈ گژھِ بٔرنی۔"

"آسکھ کُنہِ جایہِ ترٛ وومُت۔" غلام محمدن ووٚنُس۔ "اَسہِ اوس نہٕ مقصد کتہِ ترٛ اون، اَسہِ اوس مقصد اِحاطہٕ منٛز کڈُن۔ پتہ گوٚ یتیتھ تمن خوش کوٚر، تیتیتھ ترٛ ووُکھ۔ پوزے ہٕوٚ زکھ راتسے منٛز اوسُس پھکھ ووتھمُت۔ اگر بیٚیہِ أکس دوہس روزِ ہے تور بنہِ ہے نہٕ اَژُن۔"

"چِھ پیٚیی ہاوُن دوٚر جایہِ ترٛ ووُکھ۔" موہن لالن ووٚنُس۔ "پتہٕ گوٚ ھن سأری پانس پانس۔ اعتراض ییہِ اَسہِ۔"

"کتھ چھُکھ کوٚدِ کڈان۔" غلام محمدن ووٚنُس۔ "دوہے اوسُے ییہے عادتھ۔ ہوٚ ئےٹُلہِ نووِ کُنہِ بیٚیہِ کیٚنٛہہ کوٚر۔ اَمہِ منٛز کیاہ کبھکھ۔ مے گژھِ دِنس شرم، ژٔے گوٚھی رُٹنس شرم۔ ژٔے بَش کانٛژ واتہٕ ناوان گیم ڈٕہہ ڈٕہہ روپیہ خرچ۔ چأنی

چاے چھم تھوٚ ہو ۔ اٲخر نوکری چھم نا کرٕنی ۔"

"چایہِ ژھٕن بلایہ "موہن لالن ووٚنُس ۔

"ہساۓ کیٛاہ چھکھ کران ۔ "غلام محمدن ووٚنُس ۔ "پانژھ ہیٚوٚن بجہِ نہِ ۔ مے

چھُ چایہِ ہُنٛد طلب ۔ اَکھا کھ کپا چمو ۔" تمۍ کرٕ موہن لالس اتھس تھف تہٕ پکہٕ نوٚوٚن

چایہِ وانس کُن ۔ بڑٕ ج لالن ہیٚوٚ نیٚرُن، مگر غلام محمدن کٔرس اتھس تھف ۔ دوپنس ۔

"چانہِ کیہٕ ستۍ ژٕلِیا ژوٚک نیرتھ ۔ ژٕ کوٚت نیرکھ ۔"

تم کھٔتۍ چایہِ وانس ۔ غُلام محمدن منگہٕ نٲوی چالیس تژے کپ تہٕ تژے

پلیٹ سموٗسہ ۔ چاے چوان روٗدی گراسیا ستس دل دِوان، گرا موسمس پٮٹھ تبصرٕ

کران ۔ چاے چیتھ دِتۍ غلام محمدن پانٕسہٕ تہٕ دزٕ ایہِ چایہِ وانہٕ مٔنزٕ نیبر ۔

گرٕ نیرنہٕ وِزِ ووٚن موہن لالن غلام محمدس ۔ "پگاہ ہساۓ دِزٕ دفتر نظرا ۔ ہتھ

روٗپیہ نکھ ۔"



# واپسی

ڈُنبرِ جہٕ وأنٛسہِ ہٕنز جایہِ کوٚر تٔمو راتھ کیٚتھ الوِ داع تہٕ ژٔنہِ ژوٗرِن ہٕندی پأٹھی دژاے گرِ۔ نیرنہٕ وِزِ دِژ سوٚ ماوتی پھِری پھِری مکانس کُن نظر، زن تس ووٚمید أس زِوُنی نتہٕ وُنی پیہِ اَتھ زبان تہٕ تس کرِ آلو زِ مےٚ ترٛأوِتھ کوٚت چھےٚ گژھُن۔ ژےٚ تہٕ مےٚ چھےٚ ونبرِ ہٕنز داس دارِ ژتہٕ مےٚ چھکھ ژٕ بچہِ کھسنس تانٛ امانتھ، لہٰذا پھیر واپس۔ مگر یِلہِ بھوٗشن لالن دروازس قُلُف کوٚر، ہانٛکلہ درسہٕ ہیوٚت، تس گیہِ کھوٚرِ شوٚرِ تسلا۔ أشی ٹأری آلیس برِتھ۔ تس باسیوٚ وگوڈنچہِ لٹہِ زِ مکانہِ اگر میٚنِ، کنبن تہٕ لُکرِ ہُنٛد اَکھ بےٚ زوٗبوٚن چھُ، مگر تس اوس أکس گوٚبرس برابر، گوٚبرٕ ہُنٛدِ کھوتہٕ۔

سوٚ ماوتی اوس خانہٕ دار سُلی موٚ دمُت۔ پژانہِ جایہِ اوُسس ژھینہِ پٔش۔ یتھ اَکہِ دوہہ رِتہٕ کالہِ برمنٛد نمن نارلوٚگ۔ سیٚدِ یہِ زِشرِیُن اوس خبر۔ کتھِ پأٹھی گنڈھک

ڈبہٕ اَتھِ لوٚگُمت ۔ تمہٕ کٔھتی چاے کرنہٕ کانی پٔتھ ۔ چاے کیٚاہ کٔرکھ گاسہٕ لاُوِس دِتھ نار
تہٕ نار روٗٹ لٔخطس منٛز ژھینہٕ پٔشن ۔ ہوچھن لانگن تہٕ گاسس وُژھ ٹسرارے تہٕ اَڈِ
گنٛڈٕ پتہٕ آسہٕ کرٛہنہٕ تہٕ کھنٛڈ گٔنٛٹ دیوار کھڑا ۔ تس پیٚیہٕ نو چاے لٔدنی ۔ کنہٕ زین تہٕ سیر
سارین پانہٕ ۔ تمہٕ کٔرٕ اُس سولبن، پھوچن تہٕ تالوس تِتھے کٔرٕ واقف، یتھ کٔرٕ پٔتنن
شُرین ہنٛدِس بدنس واقف اُس ۔ سو اُس دوٗن ہتہٕ وٕرِش تہٕ بٔڈ پانہٕ اُستھ اُس
وٕرییس منٛز اکہٕ لِٹہٕ خاص کٔرتھ ہیرٕ ژ پٔتھ مکانس ہیر پٔتہٕ ۔ بون تانی لِوتھ ڈوٗتھ
والان ۔ یِیمہٕ سٔتی یہِ گاہ اوس ژھٹان ۔ اَز کوٚرٕ مجبوری اُس زِ تِہُس پلالہٕ کٔری منٛنس
گوٚبرس اُس سو تژ اُوِتھ ژلان ۔ "سو تِتھے پتھ کُن اُس نظر دِوان تس اوس باسان
شیٚر طرفہٕ چہٕ داریمہٕ نیرنہٕ وِزِ بھوٗشن لالن آسہٕ بنٛد کرِمٕژ، آسہٕ مُرژِ ہنٛدی پاٹھی وٹسی
گمژٕ چشمہٕ، زن تٔسی کُن نظر تھوِتھ ۔" کھوٗر اُسس روٗزِتھ گوٚہان ۔ سو اُس
یِژھان پتھ پھیرُن تہٕ جایہٕ منٛز واپس اَژُن، مگر تمہٕ ہیوٚک نہٕ کہیں کٔرِتھ ۔ ژرک
اُس نبرٕ کنہٕ کھڑا تہٕ بھوٗشن لالن اُس ڈُچھل وقت گذارنہٕ خاطرٕ لوژ گروٕٹھ اَتھہِ منٛز
کھاُرمٕژ تہٕ سُہ اوس تمن پتہٕ لِگتھ جلدی کٔرِ ۔ دراصل اُس تس بھوٗشن لالنٛی تہٕ
تسنٛد بن شُربن ہنٛزے فکرِ ۔ بھوٗشن لالُن نیٚچو سوٚنو ییٚمی ژور وٕری اُسی پتھ کُن
تژ اُوی مٕژ تہٕ پنٛژِمِس منٛز اوسُن کھوٚرژھُنمت، اوس شُری لاُزِ پلسہٕ گاڑِنش گوٗمت تہٕ
تمن سِگریٹ اَنتھ دِتھ مٕژ تہٕ اُچھو منٛز پان کوٚڈمت ۔ سُہ اوس ویٚو ورُو دمت تہٕ تس
اوس خطرٕ ۔ تسنٛدی کٔرٕ اُسی ساری پریشان ۔ نتہٕ اُس سُہ ماوتی سبٹھاہ ہمتھ واجینٛ تہٕ سو
روزِ ہے کُنی ژٔنی جایہٕ منٛز ۔ تس اوس ذیہن ونان نیرٕن چھُ جان مگر دِل اوسُس نہٕ

مانان۔ اتھ تذبذبس منز آسی تسندی قدم گنہ یراد بغارٕ ے ژٕ کہ گن ووتھان ، زن ووُنی
اَمہِ بغارٕ چارے اوس نہٕ ۔ یوٗ تانی سوڑ کہ گژھو ، سپُدس پتھ پتھی تہٕ ژرک دژ ایہ توٗ تانی
رۄز جایہ گن نظر تھۄوتھ ۔ وارٕ وارٕ ہیٚژن جاے دوٗرٕ نی یوٗ تانی بِلکُل نظرن ژھایہ گیہ ۔

مگر تس اوس پکہٕ یقین زِ جلدٕ ے پیہِ سُہ دوہہ ییلہِ تم پننس مکانس منز
واپس واتن ۔ "اٗخر پٔنن گرٕ تژ ووا از تانی کانٛسہِ ۔ "تمہِ سۄنچ ۔ "اَچھ میوٗ، گرد کوچہٕ،
ہاکہ وارٕ ، گلی کۄژٕ تہٕ کھاہ کس دِن بیٚنس جایہ سوکھ سان بیہنہٕ ۔ یم چیز چھِ زبنہٕ پتھ پچہِ
تانی ستی ستی ، ییمک ظون اَسہِ روزان چھنہٕ تکیاز ییم چھِ پزتھ ساتہٕ اَسہِ اٗندی اٗندی ۔
یا چھُ اِنسان مران تہٕ یمن نشہِ ژھینہٕ گوٚھان نہٕ اگر ییم زِندٕ زۄس ژھینہٕ گوٚھن ، یم
چھُ سوپُن بنان ۔ غضب تے گوٚھ ، کانہہ نہٕ کانہہ چھُ بھگوان سند طرفہٕ حق تہٕ صداقتچ
کتھ کران ۔ یوٗ تانی نہٕ یتھی اِنسان بُتر اٗژ پتھ آسن سری یہ کھسہِ نہٕ ...... سُہ دوہہ
گوٚژھ یُن تہٕ جل جل یُن ییلہِ بہٕ پننس گرس منز واپس اَژ ؟ پتہٕ نیٚر ہانہٕ زانہہ ۔ یہ
چھُ متی آب یُس از پگاہ نیٚرتھ گوٚھ ۔ پتہٕ کیاہ ، پتہٕ ترٕ بہٕ واپس ۔ ضۄرٕ رۄرتژ ۔ یوٗ تانی
زِندٕ چھس توٗ تانی نیرٕ نہٕ برٕ زانہہ ۔ "

جوم وٗاتھ گیہ تمن کرایہِ کمرٕ خاطرٕ دربدری ۔ اٗخر روٗٹ تمو محلہٕ نمبر اٹھ
گن کمرٕ ییمہِ اپور گنڈی دوچھن ہند جنگلہٕ بغارٕ نہٕ زون اوس نہٕ زاپٔنن ۔ اندر مجلس
منز اوس نہٕ کمرٕ بٔنن سوالے ۔ نمبر بنیوٗ کھ مُشکلی دژ الوٗ دِتھ ۔ سۄ ماوتی اوس بوٗ زمت
یپارٕ ی یپارٕ ی ریل چھے پکان ، تپارٕ ی چھے ڈاکہ زنی بیٚتر بزوٚنتھ آسان ۔ لوٚب
گن کمرٕ آسُن اوس نہٕ خطرٕ نشہِ خٲلی ۔ بھوٗشن لال اوس دوہس اوٗری روزان تہٕ سو

پتھی گانٹھ ہندی پاٹھی شربن راٹھی ۔ سختی ہند بن دہ بن اُس سو کپر ژادرتل تہٕ شونچ ہیو ۔ ازتہٕ اُس نہ کپر ژادر کُنی ۔ قودرتھ اوس تاپہٕ رنگی ڈے گوٗمت تہٕ گرمی اُس دوہہٕ پتہٕ دوہہ خوفناکھ بنان ۔

وُچھان وُچھان گیہ گرمی اَبرداش نبر ۔ تتھے سری یہ اوس پوٗری کنی کلہٕ کڈان زن اوس سارے عالمس کژ ایہٕ منز تلان ۔ سوٗ ماوتی اُس ژھر تہٕ ژھر ٹھ کران ۔ تس اوس باسان یہ چھس بوہر منز لدتھ، پتھ چھم گلس گنڈ کوٗرمت تہٕ بوہری چھہٕ نار کنگس پتھ الوٗند ۔ بڑ وتھ زانہٕ ہے نہٕ سوتژ نگہ بغار روٗ زہو ۔ مگر تژ نگہ وڈ تھ وارٕ وارٕ تھوٗد، گرتنی تہٕ پھیرن دزایہٕ نالہٕ تہٕ سوروٗ زاکس پاٹھ زچہ منز ۔ اَتھ منز تہٕ اوسس باسان شانن مسلہٕ وسان تہٕ پوژھ لارتھ گوہان ۔ ڈہراٹھ منز باسوس نرک چھ یہے ۔ ییمہ وزِ پکھس بڑ وتھ کنہٕ اُس وچھ کڈِتھ یہان تس اُس پئنی جاے یاد پیوان ۔ بڑ وتھ کنہٕ زُلال پان کول، آنگنس نیوٗل دلمُن تہٕ شیر طرفہ بوٗنی، ییمک سایہٕ ربتہٕ کالہٕ اوس دِگرٕ پتہٕ زیٹھان تہٕ سارے جایہٕ تل ہیوان، تہٕ وندس یوٗتا ژھوٹان زن اوس غاب گژھان ۔ سورچ نندرٕ اُس راتس پیوان ۔ اوے اوس مکانہٕ تس راتس سوپنس منز یوان ۔ اکہٕ دوہہٕ پئیس صُبحکہ وقتہٕ ننبدر، تمہٕ وُچھ سوپُن سوٗرے مکانہٕ سالابن ڈ ہتھ نیوٗمت ۔ آنگنس تہٕ پُرنہٕ اوس گاسہٕ آمت کھستھ تہٕ نہ تہٕ اوسُن پتھر تھوٗمت ساوتھ ۔ مکانک نیب نشانہٕ اوس نہ کُنی ۔ سوتتھے ہُشار گیہ تمہٕ کوٗر تژ اہہٕ تژ اہہٕ ۔ بھوٗشن لال اوس نکھے شونگتھ ۔ تمی بوٗزاڈ ننبدرمنز تژ اہہٕ تژ اہہٕ ۔ یکدم ژبوٗنُن تمہٕ چھ کیا تھانی سوپُن وُچھمُت ۔ تمی دُیت لرِ پھرُن تہٕ تژاون ننبدر ۔

پیٹھہٕ پتہٕ ییلہِ گرم اوس ژھٹھ کڈان، کمرٕ اوس کوتہٕ بنان، سو اُس اَکہِ کوٗنہٕ

وٕدھان بیٚہِس بِہان ۔ بجلی اُس کمال گرمس ژھیتہٕ گوہان، تہٕ دُپہرٕ پتہٕ یوان ۔ اَتھ

وقتس اُس سو پاگلہٕ سُندی پاٹھی کمرس گتہٕ دِوان ۔ گرا اُس دٕژوازس نش اَمہٕ بزانہٕ

ڈاپھ تراوان زِ ہوا رژھاماہ ییہ اورٕ ۔ مگر تپاری آسہٕ نارٕ ژنجہِ یوان ۔ پٕشہٕ گوشرُبن

اَژُن نیرُن مُشکِل ۔ تمو ہیوٚتس پتٕھی وٕدٕنہٕ ژھننہٕ ۔ سو اُسکھ کھژنگ ژھنان مے

پتٕھی ماتُری تو ۔ اَخر وٕدھس بھوشن لال، "اہانی ژٕ چھکھ دروازس نالہٕ موت گرِتھ

روزان، وٕدنی یے نیرن تہٕ کپاری نیرن ۔" تمہِ پتہٕ پتٕھی نہٕ سو دروازس نش دُبارٕ ۔

گرمی پیٚنہِ تس ژاہ نہٕ تہٕ آرکھ چھنی، یِ گُری گُری گو رہتہٕ کول ۔ سری ییہِ پھیوٚر ۔
ہوا ہس ہیوٚن ٹھنڈی پھیرٕ نی ۔ سو اُس وٕدنی راتس ننبدر کران تہٕ سوپُن وُچھان ۔
سو پُن وُچھان وُچھان آووٚندٕ ۔ تس اوس کانگرِ ہُند عادتھ ۔ مگر نہٕ اُس تمو کانگر ہتی
اَنی ہۄتہٕ اَنی بھوشن لالن مُلی ۔ ترا اُس ترِتھ گوہان ۔ سو اُس صُبحن مُنیٹ گرِتھ کونس
منز بِہان زن اُسس ماتھر دِتھ آسان ۔ یہ تانی نبرٕ اوس وُشنیر پھیران ۔

تس اُسی وٕدنی گرِ دٕژامتس اُتھ رٹتھ گمتی ۔ اَکہِ دوہہ پیو تور ہمسایہٕ
وُاتتھ ۔ تس اُس ژھانڈان ییس آمُت ۔ تمِ اوس ڈُوٗنی ہتھ شتھ تہٕ باکہٕ بوٗدا
تورِمت ۔ تس آیہِ نہٕ پزٕ تمہِ وُچھا اُتھ رٹتی ہمسایہِ سُند بُتھ ۔ اورٕ چ یورٕ چ کتھاہ
گرِتھ وُژن تمِ زِ جایہِ چھنے اَندر کھونبر پھکلو، سو یے تہٕ ہۄنی ہبڈر آمتی کھٚسِتھ ۔ تور
گُن وُچھنس چھ کھوٗژن یوان ۔ اندر اَژُن چھنے نہٕ کتھے ۔ دُوٗرِ بیہہِ نہٕ مکانہٕ
پٕزٕ زناونہٕ ۔"

"مکانس چھےٚ بأژوٕ ستۍ شوٗب۔" تمہِ وُنس۔ "سُہ آسہٕ پزۍ عجیب تہٕ ہژر زوٗہیوٚ۔ تقصیر تہٕ چھُس نہٕ۔ اُتھ رتھ گٔیس بأژد ورأے۔ سُہ آسہٕ ووٗنۍ جنہٕ بیہہ ہیوٚ۔ یہٕ ہیکہٕ ہاوُ پھٕ تُلتھ اکہ لٹہِ یمہٕ ہاوُ چھتھ، بأژ ورٕوٚس کیاہ حال چھُس۔ شُکر چھُ زبان چھُس نہٕ۔ اگر زبان آسہٕ ہَس خبر کیاہ ونہٕ ہے۔ یہٕ ماگرٕ ہانہٕ تسنٛز شکایتھ تہٕ وبداکھ برداش۔ یٚیتہٕ گوٚژھ آسُن تتھےٚ مکانہٕ۔ رتہٕ کالہٕ ٹھنڈٕ تہٕ وندس وُشن۔ مگر یہٕ کیاہ چھُس یہِ سوٗنچان زن نہٕ تور چھُم ترٕن۔"

"پکھ ترتہٕ مےٚ ستۍ۔" ہمسایَن وٚنُس۔

"یٚیلہِ تَرٕ سأری ترٕو۔" تمہٕ وٚنُس۔

ہیر تھ آیہٕ۔ بھوٗشن لالس تہٕ تسنٛد بن شُر بن نہٕ اوس وٹھ برنک طمع نہٕ پژون چکہٕ چاو۔ سوٗ مادتی ژاد وہمہٕ زِ وٹھ نہٕ برنہٕ ستۍ بنہٕ خبر کیاہ۔ خبر واپس ترٕنس ما پیہہ یٹھ۔

"وٹک ہابَرو۔" تمہٕ وٚن بھوٗشن لالس۔

"یٚیتہٕ نایہ چھےٚ نہٕ برنس سُمنب جاے۔" بھوٗشن لالن وٚنُس۔

"اکوے گڈٕو بَرو۔" تمہٕ وٚنُس۔

"تمہٕ ستۍ کیاہ گوٚژھِ۔ یاتہٕ پوٚ رنتہٕ گوٚ دوٚ رروزُن۔"

"رتھ پیہہ پالنہٕ۔"

"ووٗنۍ بدلاوَ ورتھ۔"

"کیٚو ہو چھُکھ ونان۔ وارٕ گوٚ ھو روزٕنۍ۔"

"یمہِ کھوتہٕ کیاہ گوٚ ھ ۔ بے گرئیہِ ۔ بھوٚشن لالن وݨُس ۔

"یوٚرک موٚنوٚ نہٕ یوٚ تانی یتھ مقامس وٲتی ۔"

"یہ چھُ وہمہٕ ۔" بھوٚشن لالن وݨُس ۔ "وونی پزٕ اَسہِ ییتہٕ کُس ماحوٗلس ستی

رلُن ۔ سٲدر وار پوٚنی ، لوٗن ڈوٗن موکلیوٚ و ۔ وونی گوٚ ھِ یی آو بتھِ تی کوٚر حاصل

کرٕنی ۔"

"کیازِ ۔ اُسی ترٕ ونا واپس ۔" تمہِ ووٚنُس حٲرانی سان ۔

"واپس ترٕن تہٕ موکلیوٚ و ۔"

"کیوٚ ہو چھکھ ژٕ ونان واپس ترٕن موکلیوٚ و ۔ اٰخر سو جاے تہٕ زمین ترٲو

وانہٕ ! نہٕ ! اُسی ترٕ وو واپس ۔"

"ییلہِ سٲری ترٕن اُسی تہٕ ترٕ و ۔" بھوٚشن لالن ووٚنُس ۔

"مے اگر یہِ خبر آسہِ ہے ، بہٕ نیرٕ ہا نہٕ گرٕ ۔ بلایہِ مارہن تے تتھی جایہِ منٛزٕ ۔"

تمہِ ووٚنُس ۔ سو رووٚز پھرس کھنڈس تمُس تتھے گُنہٕ ووٚ چھان تہٕ اَندری کنہٕ اُس گرٕ

وٲتہٕ ۔



# ہسپتالہٕ پیٹھ گرٕتانٕ

پرٛیم ناتھس میج ہسپتالہٕ چھٹی ۔ سُہ اوس یرٛ ھان جل گرٕ واتُن تس أسی شبے دوہہ گمتی گرِ درٛامتس ۔ یمن شمن دوہن بدلے ییہِ حالاتھ یُوٗ تاہ تیز زِ عقل أس راوان ۔ ہسپتالہٕ ڈچھنی کنی کینٛہہ جرٕبہٕ دوٗ ریُس مأدان اوس تتھ منٛز أسی لُکھ سمان تہٕ "ہم کیٛاہ چاہتے آزادی" نعرٕ دِوان ۔ کرٛ کہٕ اوس سُہ ہسپتالس منٛز بوزان ۔ سُہ اوس حأران یمنٛے شمن دوہن رٕتھ کنٛی بدلے ییہِ حالاتھ یُوٗ تاہ تیز ۔ بڑ وٛنٹھ تہِ أسی لُکھ أتھی مأدانس منٛز سمان تہٕ دٛڑِھ وأنٛجہِ "ضوٗ روٗر" تہٕ "ییہ کرٕ تہٕ کرِ بب کرِ لولو" کرٛ کہٕ دِوان ۔ پرٛیم ناتھ اوس کرٛ لٹہِ یمن کرٛ کن منٛز شأمِل گومُت ۔ تم أسی جوأنی ہنٛد ی دوہہ ۔ نہٕ أسس شانٛش، نہٕ بوکوچن کنہِ نہٕ پرٛ اسٹیٹ ۔ سُہ اوس لالہٕ صأبس سٟتی

یٟمس لُکھ ٹاٹھِ نیارسان لالہٕ أسی ونان، نیران ۔ لالہٕ اوس تس ہم سپنہٕ ۔ سُہ اوس

دِلہٕ شوٗد، بِلا تعصب، پزٕتھ کأنسہِ اکار بکار یوان۔ دوٗنوے اُسی اکھ اَکس نِش

کھوان چوان یہِ زن تِمن دوٗہن روش اوس نہٕ۔ اوے اُسی تِمن لُکھ نیشنٕلی ونان۔

دوٗنوٕے اوس گاڑین منٛز لُکھ سوٗمبراونگ تہٕ نارِ دِنگ کیوٗم۔ یِیمہِ دوٗہہ کانٛہہ بوڈ

لیڈر اوس واتن وول آسان، تِم اُسی کالہٕ بٔتھے لگن نِش واتان تہٕ تِمن مأدانس منٛز جمع

سپدنہٕ خأطرٕ ونان۔ طرفاتوٗ پیٹھ اُسی لُکھ واتان۔ سوزٕ اُنی ٹوپہ دِتھ، ژادرِ پچہٕ ڈٕلتھ،

کینٛہہ نہٕ وأری، سیدی سادٕ یِمن دوٗن تہٕ سوادٕ فکرٕ ترنس اوس پہرٕ لگان۔

اَز تہٕ اُسی طرفاتوٕ پیٹھ لُکھ واتان۔ ووڈٕ نٛی چوٗٹھ جوان جیکٹ تہٕ تھدی

تھدی بوٗٹ لأگِتھ۔ اَز اوس نہٕ سوٗمبراونہٕ خأطرٕ کانٛہہ گوٗھان تہٕ اُسی پٕرانی نارٕ کٔنن

گوٗھان۔ اَز اوس سوٗرے کینٛہہ بدلیوٗمُت۔ پٔزیم ناتھ اوس پریشان زِ اتھ ہوٗلی

ہانگٕلے منٛز ییلہِ سُہ گرِ گوٗژھ آسُن، سُہ پوٗ بیمار۔ رتھ کھنٛڈ بزٕ وٕنٛتھ اُسس ہُلس وگ

گٔرِمِژ۔ تشخیص سپد ڈھٕنہِ بوکوچہِ چھُنے کٔنی۔ تِمی کرٕ یہِ حَل وُستھ کوٗشش زِ کُنی

گوٗژھِ دواہ ستی نیرٕنی۔ انگریزی دواہ ستی اُس اکھ بیمأری ژٕلان ڈٕہہ لاران۔ لِہاذا

کوٗرٕ تِمی حکیم سُنٛد ییلاج۔ زمادٕ کرٕنی، شربتھ چیین مگر کُنی آیہِ وٕتھنہِ، یوٗ تانی ماملہٕ

اپریشنس پیٹھ ووت سپد یہِ زٕستھ دوٗہہ بزٕ وٕنٛتھ گرٕنس ہُلس زیادے وگ شامنس

بأگ۔ راتس دِتن چزٕنگ۔ اَکہِ کوٕنہٕ پیٹھ کوٗرٕن بیٛیس کوٗنس۔ تَس اوس باسان

ہُلس اندری کُنی چھُ کیا تھأنی آمُت ژٕھنٛتھ، تہٕ راتھ کٹاوٕنی چھے مُشکل۔ سأری بأژ

روٗدی ہُشار۔ حکیم اوٗنہس گرٕ۔ تسنٛدِ دواہ ستی کھوٗت زیادے رزن۔ ہانٛگل ہبنگٕلی زمادٕ

کرٕنی مگر دگ ہیے یہِ نہٕ۔ تِتھٕ تِتھٕ دزٕ لیہٕ راتھ۔ صُبحن واتہٕ نوٗوبڈی نِچو سوہن لالن

ہسپتال۔

اَکہِ حسابہٕ اوٗسُس ہِکنڈری طالع۔ اول یہِ زِ حالاتھ اُسی اَتھ حدس تانۍ ڈنٛجہِ زِ سڑکن پیٹھ اُس یِتہٕ گوٚژھ جاۂری۔ دویم یہِ زِ ڈاکٹر اوس ہسپتالس منٛز۔ یِیلہِ زن سُہ گوٚژھ آسُن گنہِ جایہِ پریکٹس کران یا کانفرسہِ گوٚمُت۔ بہرِ حال دونوے ستارٕ رلے یہِ نیک برجس پیٹھ، تہٕ داکٹرن کوٚر پزانہِ لِحاظٕ وٕلی اپریشن۔ ژور کنہِ پھٕلی وژالیس۔ زن إٓسن باجرِ کھٕہو۔ وونۍ اوس ٹھیکیو مُت تہٕ گرٕ گوٚھنس لایق۔ گرٕ تانۍ اُسِس تژہ میل۔ پنٛژہن میلن اوس تیل تژ اُوِتھ مگر سڑکہِ پیٹھٕ گرٕ تانۍ پانٛژوہ میل اُسی کچٕر۔ اَتھ خام سڑکہِ اُسی سو کالس منٛز ٹیکسی وٲلی پکس ہلہٕ زِلہٕ کران۔ اَز اوسکھ نہٕ تقصیرٕ ے لگھ چھِ گوڈنیتھ سڑک رٹان تہٕ ژکھ گاڑین پیٹھ کڈان۔ گنہِ جایہِ ہیکہِ گنٛز یتھ تہٕ نوقصان سپدِ تھ۔ پزیم ناتھس آسہٕ ٹیبہِ وُنہِ آمہٕ۔ یڈا اگر مُژرنہٕ یِیہ ہَس، بیٚیہِ اوٗسُس ہسپتال واتُن۔ کیاہ خبر توٚ تانۍ کوٚت آسن حالاتھ واتی ہتی۔ گرۍ فیوٚ ما آسہِ لوگمُت یا ڈاکٹر گرٕ ژوٚلمُت۔

یٚیمہِ دوہہ سُہ ہسپتال دٲخل گو حالاتھ بگرے یہِ افواہہ ہیٚوٚن نارٕ کی پٲٹھی پھہلنہِ۔ افواہ پھہلے یہِ فلأنی جایہِ چلے یہِ گوٚلی۔ فِستأنی جایہِ سپز دون طرفن کھوٚرزٕ ٹھیکٕرِ تھ لڑٲے۔ گرِ دیامُر وِبنیوٚ و زِندگی ہُنٛد اصوٗل۔ وُچھان وُچھان بنے یہِ رٕبشٕر دأر چھاونی۔ قدمہٕ پتھ قدمہٕ پوٚلیس۔ اگر چہ سُہ ہسپتالہٕ اوس مگر تس اوس أندٕ ی پٔکھی بدلے متہِ ماحولُک باس اَنٛدرٕ ےٚ لگان۔ ژٕ ے اُہے نہٕ خبر مے کس ستی پزٕ کتھ کرٕنی۔ سُہ زن گو دم پھٕٹِر۔ سوہن لالس ستی تہِ اوس نہٕ کتھ کران۔ زِندگی ہنٛز اَکھ نوٚ وتھ، پزانہِ

نِشہِ پد ڈن اُس کڈنہٕ یوان۔

یمن دوہن لۆگ منزی منزی کری فیو، تہٕ تمن گو کھبن بجن مُشکل، شُکر اوس ہسپتالس نبر کنہِ اوس کاندریُس ژدچہِ ڈری کھون کھنڈ اوس راتس گرِتھ تھوان۔ تمو اُنی یمے ژدچہِ ڈرِ تہٕ دوہہ کٹاوِکھ۔

داکٹرن بلوو سوہن لال۔ دوپُس۔ "خبر چھوا۔ حالاتھ کأتیاہ بدلے یہِ۔ کانہہ کھینہٕ سامان چھنہٕ میلان۔ یۆتا بمار ٹھیکِن گوژھ تمہِ کھوتہٕ چھُ زیادٕ ٹھیکیوٗمُت۔ حالاتھ چھِ گرِ پتھ گرِ بدلان۔ توہہِ چھو بہتر توہی نیر ِو گرٕ۔ بہٕ چھس نہٕ یۆہان یمہِ یپور بماریٚتہِ رٹُن۔ ہسپتالہٕ چھِ سأری یۆہان گرِ گژھُن۔ تہٕ شُر بن منز ہُن۔ یٚتہِ روزِ نہٕ کہنے، بہٕ چھس پانہٕ ٹنبڈ بن پیٹھ۔ پزیم ناتھنی لبہاوِن روٗتُس ووٗنی روزِ ٹھیکھ توہی گرِ دٹیکسی تہٕ نیرِ و۔"

سوہن لال گو ٹیکسی انتہٕ۔ مگر کأنسہِ ٹیکسی مون نہٕ گژھُن۔ تم اُسی کینژھا حالاتو سبہٕ تہٕ کینژھا کچہٕ سڑکہِ اِنکار کران۔ تمُ دِژے یہِ دوگُن ریٹ۔ توتہِ اندہ ونہٕ کینہہ۔ یُس ڈرائیور یٚیتھ ٹھہرِتھ اوس سُہ اوس نہٕ تیتھ ڈلُن یۆہان۔ بأرِتھ آو سُہ واپس۔

پزیم ناتھ گو پریشان۔ ہسپتالُک چوکیدر بیترِ اُسی بیٚیہِ طرفہٕ نس لٕدِتھ۔ "شال اَژِ ہے گو پھِ لچہ کیاہ کر" "تم اُسی ونان۔ وُٹھوتلی اُسی بدر دتہِ ونان۔ آخر گو ڈاکٹر امبولنس دِتھ مجبور۔ ایمبولنسہِ اوس دون اندرِ تہٕ بیٹھ کمنہ بوڈ ریڈ کراس بناوِتھ۔ اِمو کھِ اوس یہ توژ زِیہِ پکہِ وتہِ سیوٗ دتہٕ اُتھ ستی چھیر نہٕ کانہہ۔

پڑیم ناتھ تہٕ موہن لال کھٔتی پتہٕ کنہٕ۔ کھوٚرن تل تھوٚکھ بانہٕ تہٕ دستر زٕٹ۔ پڑیم ناتھن ونیوٚ دبہٕ بھمہٕ بڑونٛٹھ کنہٕ تکیاہ زِتس اُس واریاہن ستی زان تہٕ واریاہن ستی لحاظہٕ۔ مگر سوہن لالن موٗنس نہٕ۔ دوٚنٛونس تمہٕ دود گوٚری گیہ دود کٕنتھ۔ یہ زان تہٕ لحاظ مابنہٕ سانہٕ خاطرٕ مُصیبت۔

مشورٕ سپد اگر وتہٕ کانٛہہ مُشکل پیش آوتہٕ گاڑی پٮ۪ٹہٕ رُکاوٕنی یا جبرن رُکاوٕکھ، ووتے یوٗت وسہٕ بوٗن تہٕ کرِ کتھ۔ بٲتے کرِ نہٕ کانٛہہ یوٚ تانی نہٕ تس پڑٕھنہٕ پٮ۪یہ۔ خوداے سُنٛد ناوٕ ہیتھ کھوٚت ووتہٕ گاڑِ تہٕ دزٕ اوٚ ترٕہن میلن ہٕنٛدِس سفرس یُس اَمہٕ وِزِ قیامتُک سفر اوس باسان۔

اسمان اوس اوٚبرس تل۔ اکھ دٔہی پرٕ دٔہی، اوس گُلبن دلنہٕ آمت۔ باسان اوس شین پٮ۪یہِ۔ کھٕنٛتش اوس بڑونٛٹھے پیران۔ کرٕفیوٚ اوس صُبحاے تُلنہٕ آمت۔ لُکھ اُسی بازرس منٛز ہالون ہٕنٛدی پاٹھی نیرتھ آمتی تہٕ سبزی، دود، ژوٚٹ تہٕ توٗمل ہیتھٕ مُلی ہیوٚان۔ سپلایی پیٹھٕ اوس اثر ووتمُت۔ یہ کینٛژھا بازرس منٛز میلان اوس، سُہ اوس یا پرٛوٗن سٹاک، نتہٕ کانٛہہ والنٹری اِدارٕ واتہٕ ناوان نتہٕ یم موموٗلی کامہٕ کٔرِتھ پٔنٕن گُذارٕ اُسی کران۔ ژدپٲری اوس لُکن ہُنٛد ہجوٗم تہٕ ریڈ والنٹیر کرٕ ژ کام۔

تمن اوس بازرٕ منٛزی نیرُن تہٕ اصل سڑکہِ پیٹھ واتُن۔ مٲدانس منٛز اُسی کینٛہہ لُکھ دوٚ دوٚ کران۔ سڑکہِ پیٹھ اُس اَتھ سیوٚ دنظر۔ اکہِ طرفہٕ اُسی پُلسہٕ وٲلی پٔنٕنین گاڑین نِش کھڑا، سنگینن بڑونٛٹھ کُن سپر کٔرِتھ، تمن نظر تھوٚتھ۔ دٔنہٕ اُسی تیاری سپدان۔ دٔرِ اوس فکرِ ترٛان زِ پُلسہٕ تہٕ لُکھ دونوے چھِ تھارِ منٛز۔

ایمبولنس دزایہِ روکاوٹہٕ بغٲر بازرٕ منزٕ ۔ باسان اوس لُکھ چھہِ کھنہٕ چینہٕ سامانس ہِتی آوری ۔ تِمن اُس خبر کری فیوٗ گوٚھ گنہِ وِزِ چالوٗ، یہِ کیٚنٛژھا ہتھ ہیکو تہٕ تھوٚو ہتھ ۔ سڑکِہ پیٹھ وٲتِتھ تتھے یہِ ہر ۔ سریہ اندر راٗژنک سڑکِہ گوٚل اوس بند کرنہٕ آمُت ۔ تِم ٹھہراوی پُلسن ۔ اَکی پُلسہٕ وٲلی ہیٚژ اکِہ اکِہ تِمن تِھس سام ۔ ایمبولنسہِ کُرکھ تلاشی ۔ کاکذن کوٚرکھ پرتال ۔ پژیم ناتھ نہٕ بیمارِ ہنٛدی کاکذ وُچھکھ تہٕ اَدِ ترٲوِکھ گاڑی بڑ وٕنِتھ گن ۔

نبر وٲتِتھ اُسی منزٕ منزٕ دانہٕ تھرن پیٹھ ڈٕ پھِرِ نظرِ گوھان تِم اُسی کتھ کران تہٕ اَتھِ بِکلہٕ ناوان ۔ تِتھے ایمبولنس اُس تِمن نِش واتان، تِم اُسی گردن زیٹھہٕ رٲوِتھ، کلہٕ نومراوان، زن اوسکھ شیشہِ دارِکنٛز کلہٕ ایمبولنسہِ اندر ژاٗئن تہٕ اندر وُچھن کس چھُ اَتھ منٛز ۔ کیٚنٛژن توٗر گوڈٕ فِکرِ یہِ چھےٚ ایمبولنس، چھوکہِ لدیا موٗدمُت نفر پکہٕ ناوان ۔ چھوکہٕ لدتہٕ موٗدمتی اُسی عام ہِتی ہتی گوھنی ۔

گام اُسی ہترِ منزٕ شٹھے ہتی ۔ دوسہٕ دیوار، گنٛڈی تارتہٕ عبتھ تٔنگٕلی اُسی موہوٗس تماشہِ بیٚچن ہنٛدی پاٗٹھی کھڑا ۔ دانہٕ تھرن بغٲر گو نہٕ کُنہِ جایہِ نفر نظرِ ۔ اوٚ برن اوس ماحوٗل وارِ چورمُت ۔ کُنہِ کُنہِ گو چاردوے نظرِ ۔ اَکھ ہوٗن آو خبر کتہِ پیٹھ تہٕ دوت سڑکہِ پیٹھ ۔ ایمبولنس وُچھتھ ژاس ہِن پزٕ گوٚتہٕ دوریوٚ ودوٗرتانٕی گاڑِ وِپھرارے کران ۔ ییلہِ زنگہٕ پھُچس، ٹہ ٹھہریوٚو، گاڑِ ڈِژن دوٗرٕ پیٹھِ نظراتہٕ گنٛڈی تارِ تلی ژول ۔ ڈرائیوراوس سائڈ شیشہٕ منزٕ وُچھان ۔ تس آو اُسن ۔

"ہوٗن گو یہے ۔" تِمو وۄن اَسان اَسان ۔ "وُنہِ آسہِ فاقے، مگر دوران

کیٛاہ آو۔" تمۍ بدلوو گیٖر۔ گاڑِ ژٹ تیز رفتار۔ بیٚلہٕ ایکسلریٹرس پیٹھ قرار سان بیوٚٹھ کھوٚر تھٲوِتھ، تمۍ دوٚن بیٚیہٕ "اَکھ کتھ گٔر یَمو ژٔ۔ سینماہالس تہٕ شرابس لاٚجِکھ پابندی۔ بیٚنتہٕ اوسا کم خرچ شرابس پیٹھ۔ دوہہ پتہٕ دوہہ اوس رجحان اٲری گژھان بڑان۔ لوکِٹۍ کالج گوھوِنۍ شُری دُچھہِ مے شامن شرابس مٔژٕ دُت زن اوسکھ الخناص ژامُت۔ تمن دوہن اوسُس بہٕ ٹیکسی چلاوان تہٕ اَدے اوسُم یمن ہتۍ شامن واسطہٕ پھوان۔"

"چینہٕ وٲلۍ چھا پتھ بہان۔" سوہن لالن دوٚنُس۔

" کانٛہہ کھیٚیہٕ زہر تتھ کیٛاہ بنہِ۔ دوٚستن وۄنُس۔

سڑکہِ اُس واریاہن جاین کھٔر دُژھمِو۔ اَتھ اُسۍ جایہِ جایہِ دوب گمتۍ۔

گاڑی اُس لوٚت گوھان، بیٚٹھ کبھوان، اِدِ بۄ ژٹھ کٔن پکان۔

"یمن سڑکن پیٹھ چھے ٹاٚرن کم وٲنس۔" دوٚستن دوٚن۔

بُتھِ آو گام گلیس پیٹھ اوس لگہٕ ارساتھا۔ گاڑِ مَنٛز بدلاٚو ساریِوے لر۔ ادرِنٛلین ہیوٚتُن پھیُرن۔ زِ جوان آیہِ جسمِ مَنٛز نیٚرِتھ۔ گاڑِ دِتکھ اَتھ تہٕ آیہِ نکھ۔

"گاڑی پھِرسا واپس۔" اَکی دوٚن دوٚستس۔

"کتہِ پیٹھ آکھ۔" دوِیم پرژھس۔

"ہسپتالہِ پیٹھ۔" دوٚستن وۄنُس نرمی سان۔

"یم ہا چھِ ہسپتالہِ پیٹھ آمتۍ، دِکھو، نیرنہِ۔" دوِیم نفرن دوٚن۔ یہ ٔنتھ دژایہِ دونوے واپس۔ اِنجن گو چالوٗ تہٕ گاڑی دژایہِ۔ کاٚنٛسہِ گٔر نہٕ کتھ یا تبصرٕ۔

وتہٕ اُسی سارِوے کھوتہٕ مویُوس گلو۔ عبتھ نہٕ لنجہٕ آسہٕ اکھ اکس منز ژاہو
زن اوس زلری زال یوٗرمُت۔ یمہٕ تہٕ اُسی ڈھیرِ ین ہندی پاٹھی کلہٕ تہٕ کلہٕ رلاوتھ
تمن غمگین پاٹھی ووچھان۔

کھاہس پتہٕ آد کھاہ، گُلس پتہٕ گُل۔ سڑک اُس سنسان زن اوسُس
وُتھوار سپدمُت تہٕ ووٗنی اُسس نہٕ خبر کتھ کُنی چھے دراز سپرٕ ہوتہٕ پیٹھی کُنی کُس چھُ
پکان۔ یہ اُس بے رونق تہٕ تُھج ہو۔ بیٖنس گامس منز آیہٕ ترٛے نفر موٹھ ہیوٗ رٹِتھ وُٹھتھ
ہواہس منز لہراوان۔ ووستن تہٕ سوٗہن لالن تہٕ کورتی۔ اکھ تبسم پھہلیو وترین نفرن
ہندبن وُٹھن پیٹھ۔ ایمبولنس روٗز پکان۔

ووٗنی واُتی تمہ سڑکہ ہندِس تتھ موڑس پیٹھ یتہٕ پیٹھ تہندِس گامس تانی کُچہ
سڑک اُس۔ اَتھ اُسی صرف ڈڈ ترٛ اوتھ تہٕ چھکرو اسس جایہ جایہ دوب گری
متی۔ یمنے دوبن پیٹھ پکنس یتی اوس ٹیکسی چیمبر تلہٕ لگان تہٕ تووے اُس ٹیکسی والی اور
گوھنس ہلہٕ زلہٕ کران۔ مگر ایمبولنس اُس ڈنہٕ قرار سان پکان۔

ییلہٕ پژیم ناتھس دورِ پنُن گام نظرِ گو، تس کھوٗ وانج بوٗتھ۔" ووٗنی چھنہٕ
پرواے۔" تمی وون۔ گاڑ بدلوو گیرتہٕ شوٗن شوٗن گران کھوٗ چڑایہ۔ گردِ بھشنگ
وُتھی۔ یتی کنی اوس دوٗرِتانی گردِ ہُند پرد گوھان۔ گامہٕ نبر اَڑدوٗنے اوس کٕنڈل یتھ
تل ہو کھمُت آر اوس وسان۔ اَتھ اپارٕ اُسی لگہٕ ہتھ تار سمے متی۔ ایمبولنس وُچھتھ گیہ
بے چین ہیوٗ ی۔ جسرِ منزٕ آو لالن لوٹُت ہیوٗ نیچو، جاوید بزوٗنتھ۔ سُہ اوس ترٛہ وُہر
جوان زوٗز بتہٕ وول۔ تس اوس ژھوٹ پھیرن ناکی تہٕ کلس گول ٹوپی دِتھ۔ سُہ اوس کن

تژ گر پھن ۔ تمۍ ٹھہرٲو گاڑی تہٕ ڈرائیورس ووٚنُن بون وُسن ۔ ڈرا ہور دولف بون ۔

پریم ناتھن کوٚڈ دار کنِی بلہ ۔ جاویدس ووٚنُن ۔ "جاوید صاؔبا ۔ یہٕ ہا چھس گاڑِ منٛز ۔ مے ہا اوس اوپریش ۔" یہٕ وُنِتھ دِژن لگہٕ ارساتھس نظر یمن سٕہ سارنے زانان اوس ۔

جاویدن دِژ نہٕ تس کُن نظرٕ ، بےٚ شونٛکھی پٲٹھی تژ دوٚن ووستس تھپیر ۔ چوٗرنی گوزورٕ تہٕ تس آیہٕ دوہلی تارکھ بوٗزنہٕ ۔ سأری گیہٕ ہے بنگہٕ ۔ کینٛژو وپھرِ تورٕ کنہٕ أچھی تہٕ دولہٕ رٕوٗ دی جاویدس وُچھان بڑ دٔنتھ کُن کیاہ بنہٕ ۔

سوہَن لالن کر ژھرٕ تہٕ ژھرٹ زِ سٕہ وسہٕ گاڑِ منٛز بون ۔ جاوید اوس تمۍ پرنومُت تہٕ تس أس خبر تمیک لحاظ گوھبس أچھن ۔ مگر پریم ناتھن موٗنس نہٕ ۔

"أمِس چھوٚ ونکنٛن جوٗن ۔" پرٛیم ناتھن سمجھو ولوتہٕ لوتہٕ ۔ "پتا چھا کیاہ کرِ ۔ بہتر چھ بتھِ نہٕ گوٚھنٕے ۔ نتہٕ ہووس مے بتھِ اگر گاڑی تژاونی آسہٕ ہس ، تیلہِ تژاوِ ہے میوٚن بتھ وُچھتھ ۔ یہٕ گوزورٕ پان بلایہِ دیُن ۔"

سأری أسی جاویدس کُن وُچھان ۔

"یِمے کیا سأچھِ اجنٹ ۔" تمۍ ہوو ووستس کُن اِشارٕ کٔرتھ ۔ ووستہٕ رٕوٗد ژھوپہٕ کٔرتھ بڑ ؤنتھ کنہٕ کھڑا ۔

لکو منٛز رلٲونہٕ کأنسہِ أچھی جاویدس ستی ۔ سوٗسرِ گوٗسرِ ہیوٚن گوٚھنہٕ ۔ أڈی درٛایہِ لوٗب کُن کتھ کرنہٕ ۔ سأری أسی سونٛچان گاڑ آیہٕ شاہمتھ ۔ پرٛیم ناتھ تہٕ تسند نیچوٗ5 تدبذبس منٛز زِ نکھے أنی گورنمنٹ ایمبولنس ۔

اَمہِ وِزِ آو جاویدُن زیٚٹھ بوے اکہِ ٹوگجہِ منٛزٕ نیر تھ۔ تٔمی اوس پٔزیم ناتھ تہٕ لالہٕ لوکچارٕ پیٹھٕ وُچھمُت یکجا پکان تہٕ پٔزیم ناتھن اوٚسس سخ لحاظ گوٚھان۔

"ہے دوستا نیر سأ۔" تٔمی وۄن وۄستس۔ "یہ ہسأ چھُ دأ دِی لد۔ تژ اوٚن سأ گرِ۔"

ڈرٛیور نہٕ چھُ بڑونٛٹھ پکان نہٕ پتھ۔ بجلی کوٚٹ ہیوٚ روٗد کھڑا جاویدس وُچھنہٕ۔

"ژے وۄنُے نیر۔" تٔمی وۄنُس بییہِ۔

"نہٕ ھض یہ گوٚھ ما اِجازِتھ دیٚن رِکنہٕ نہٕ۔" تٔمی ہوو جاویدس کٔن۔

"ژٕ نیر۔" تٔمی وۄنُس بییہِ۔

"نہٕ حضی ..... " تٔمی نوٚدد جلپہ اڈٕ ییٚرک۔

"وۄنی ییلہِ یہ وتان چھُے، نیر۔ یِیتھ مہٕ روز۔ میانین أچھن نِش گوٚھ دفا۔" جاویدن وۄنُس۔

ڈرائیورس آیہ نہٕ پٔتھ۔ گاڑِ کھوٚت، اِنجن کوٚرُن چالوٗ تہٕ دزا وبڑونٛٹھ گٔن۔

پٔزیم ناتھ یہ سوہن لال وأتی وارٕ کارٕ گرٕ۔ پٔزیم ناتھنی زنان پییہ اسمانہٕ اماتہِ چھاپوٚ زد دنوے وأتی گرٕ۔

شامن آو لالہٕ ژیری پٔزیم ناتھس نِش۔ اورِ یوٚدوٗئے کوٚرنس نالہٕ موٚت۔ أچھن آس اوٚش۔ "مے چھُ افسوٗس۔" تٔمی وۄنُس۔

"تسأ کٔس افسوٗس۔" پٔزیم ناتھن وۄنُس۔ "جاویدکٔس وۄپرچھُ ژاس

نستہٕ کنٛز ہوا۔ وۄنۍ کیٛاہ کروس نتہٕ چھُ مےٚ یہِ پٔژن بچہٕ۔"

"اَز نسأ چھُ کأنسہِ پیٹھ بروسہٕ۔" لالن وۄنُس۔ "پنٕنِس شُرِس پیٹھ تہٕ نہٕ۔ دوہہ چھُ وہرِ بدلان۔ اَز چھُ یتھ پأٹھۍ، پگاہ آسہِ یتھ پأٹھۍ۔ (تمیٚ ہوواتھ یتی)۔ بہتر چھُ نایم زِ ترٛ سے ربتھ گوہِ جوٗم۔ دپو حالاتھ توٚ تاںٛ ٹھیکھ گوٚھن۔"

پرٛیم ناتھ رۆد کلہٕ لون گٔن ژھنتھ ژھوپہٕ گٔرِتھ بوزان

⟡......☆☆☆......⟡

# کتھ چھےٚ روزان

..

ہیٚر ژھُنٛد دوہہ اوس۔ شوٗبھاوتی تھوٗوأز پٔژن پان زورٕ توٗمُل ژھٹہٕ نس، سبزی ژارنس تہٕ بأتیٚ لوٗکچن لوٗکچن کامین ہٕتیٚ آور۔ نتیٚ بوزَوتس اوس نہٕ کانٛہہ کأما کارا۔ بتہٕ رُنٛن، پَلوٗ چھٔلنیٚ اوس سورُے نوشہٕ مٔتہٕ۔ گرٕ أس اَکھ ووٗٹھ کھاہَس پنٛژھ نوان تہٕ اَکھ وارِمٔنز۔ تتہٕ أسس ییٚژا کأم ز، پن أسس نہٕ موٗکلی آسان۔ ییٚتہٕ أس بےٚ کأری ہٕتیٚ ارِ یوان۔ تس اوس نہٕ ہیٚنیٚن زنانن ہنٛدی پأٹھی دربار کرنس عادتھ۔ اِموکھٕ اوسُس اَز دوہہ پنٛژھٕ پیوان۔

شوٗبھاوتی أس تھٔزتھٔز دلیر زنانہٕ۔ پٔنٛزوأنس أسس نہٕ خبر۔ مَس اوسُس چھیتوٗمُت تہٕ بُتھ اندر رپھن ژامُت ییٚمہٕ ہٕتیٚ تسنٛزنس أس واضع سپز ہٕژ۔ پانٛژھ شُری أسس زأمتیٚ۔ پٔتم شُر زہتہٕ بڑونٛتھےٚ گوٚس خانہٕ دار سورگہٕ واس۔ تمہٕ وِزِ

اوسُس بوڑ نیچو نؠ وُہر۔ سو اُس شُر بن مَنز ؠتھ کنہٕ وِز خوش گف کران زِتس اُس

تتہٕ تاجلی پؠہن اوے دِتن سُلہ گرِ پڑ ر۔ مگر تمہِ گر ہمتھ تہٕ اعتماد سان جدو جہد یو تانی

شُری پھاُنپھلے لیس۔ وونی اُسی ساری پِنِس پنٕنِس روز گارس تہٕ تمہِ کنٛز اُسس ژم

شیٚچ۔

تمہِ اُس بزوٚنٹھ تہٕ سختی وُچھمٕژ۔ لہٰذا ازٕ اَکِس کمرس منز ؠہن تہٕ بأتھ

مُشکلات تُلنی اوس تمہِ زندگی ہنٛدِ کھسہِ وسہِ ہُند اکھ حصہٕ مانٛتھ تتھ ستی سمجھوتہٕ

کوٚرمُت۔ مگر اکھ دگ اٲسس، سو اٲسس گرِ نیرنٕچ۔ یہِ دگ اٲسس وارٕ وارٕ

نوسُر بنان۔ اَندری کنٛز اُس ہر وِزِ کشیر آسان پھیران مگر نہٕ اُس اُچ شِکا یتھ کانسہِ

نِش کران نہٕ باوتھ۔ صِرف اُس رکتھ پٹھ تمہٕ چھ مِثالہِ دِوان۔ یمہِ ستیٚ یہِ فِکرِ

اوس تران زِتس چھُ ذہن توٚری کُن آوُرروزان۔

از یِیلہِ تمہِ ہیر ژہُنٛد بتہٕ کھچو سوروٗز ہوپ تہٕ دوپ گرِتھ۔ تسٕندی نیچو

بھوٚشن لالن سوٚنٛچ، خبر کانٛہہ پو سایاد، چھان پو سایاد یا بیٚیہ کانٛہہ، اوے چھے

ژھوپہٕ گرِتھ۔ تمیٚ لأج کتھِ کُن زورٕ۔

"ژکیاہے چھکھ سوٚنچان۔" تمیٚ ووٚنس۔

"رکہیں نا۔" تمہِ ووٚنس۔

"تہٕ بنہٕ نہٕ۔ کیٚنٛہہ نتہٕ کیٚنٛہہ چھکھ سوٚنچان۔"

"نا رکہیں نہٕ۔"

"کر کتھا باتھا۔ اَمہِ ستیٚ چھُ بوس لوتان تہٕ غم ڈ فاپی گژھان۔"

"مےٚ کم کتھِ چھےٚ کرنہِ ۔"تمہِ ووٚنُس ۔

"کانٛہہ کتھ بوزناو ۔"بھوٚشن لالہِ نوٚشُر بو ووٚنُس ۔

تاٛنۍ اوٚن بھوٚشن لال نہِ خانہِ دارنہِ تہٕ بتہٕ ۔ سوٚ بیٛٹھی بھوشن لالس اکہِ طرفہِ ۔
کمرس منٛز گیہِ خاموٗشی ۔ صرٕف اوس تسنٛدِ بتہٕ کھنٛگ چاپھ چاپھ کئن گژھان ۔
شُرۍ اٲسۍ پزاران سوکیاہ بوزناوِ ۔ تم اٲسۍ تٔسۍ نِش گژھان تہٕ کتھ بوزان ۔
تمن گن وُچھتھ دولسے یہِ ۔ شُربن أندۍ أندۍ وُچھتھ اٲس وولسان ۔ یہے اوس سخت
ہنٛد بن دہن تسٛنٛد قوتھ بنان ۔

"سونچان چھس کتہِ اٲسۍ کوٚت واٚتۍ ۔"تمہِ ووٚن ۔ "کتہِ سون گام کتہِ
جوٚم ۔ اَز آسہِ ہوٚپنہِ گرِ خبرٕ کتۍ تاٲلفہِ در ۔ آسہِ ہَن صُبحہ پیٛٹھ آمتۍ ۔ بہٕ اٲسس تباہ شیٛر
دِش تو ملہِ پھوٚٹرتھوان تہٕ تمن باٲگرِتھ دِوان ۔ اداہِ تو مُل ۔ اَز آسن آمتۍ ۔ کہیٛن
نَے کزال آسہِ ضوٚر روٗ رامُت ۔ تس اوس عادتھ ۔ تتہِ پیٛٹھ آسہِ واپس گومُت ۔"

"تمن چھےٚ خبر ۔"بھوٚشن لالن ووٚنُس ۔

"گوڈٕ اٲسۍ کشیٖرِ دوہے رولہِ ۔" تمہِ ووٚن ۔ " مگر کیٛنٛہہ لُکھ کاٲتیاہ ماہہِ
ہنٛدۍ اٲسۍ ۔ مےٚ چھ یاد پیوان تہٕ باسان چھم پننہِ آلہِ منٛز آلیس ؤستھ تہٕ بوٚنہِ کنہِ پھسے
یَس گنٛڈۍ زالس منٛز ۔ نہٕ چھُ نبر نیرُن تہٕ چھےٚ زبان فِکرِ تران ۔ کوٹُے کاوچھُ
گومُت ۔ أتھۍ پیٛٹھ پیٛیم اکھ ہیرتھ یاد ۔ شُہراہ سداہ ؤری گیہِ تنہِ ۔ توٚہۍ اٲسۍ وِلوٕ کٹۍ
تمہِ ؤری یہِ ووٚنٛگھ وٹھ بٔرۍ زبو گڈس یا گاگرِ منٛز ۔ اَساٚ اَسہِ اوس احمدی کزال ووٚٹھ
انان ۔ سُہ اوس شوٗدتہٕ شہٕل ۔ کُنہِ وِزِ کزہوس آلوٗتھۍ اٲسس پھٹان ۔ وقتہٕ نا وقتہٕ

اوس بکارِیوان ۔ احمدِ نی زنان رحت تہٕ اُس ہُنؤ ہیچ ۔ عجیب کتھ چھےٚ زِ احمدس اُسۍ نہٕ پَنٕنۍ ہمسایہِ خوش ۔ مگر اَسہِ خاطرٕ اوس رُت ۔ تِمن تہٕ اُسہِ اُس بزٕونتھ پٔتھٕ ریز کہٕ مِلہٕ وٕن ۔ احمد اوس مٔنزی ونان اُڈۍ جہِ ہن چھم پَنٕنۍ رَتھ ماز چھم تہٕنڈ ۔ مےٚ آوس ماۓج ونان ۔ اُسۍ تہٕ اَسِس اَتھ پٔتھ تھوان ۔ سُہ اوس وقتہٕ سختی مِہنتھ آیہِ تَن تھوان ۔ یُس گامس مَنٛز ضۆرۆ رتھ وِزِ بٔژن محال اوس تِکیاہ زِ سارنۍ اُس پَنٕنۍ چھِھ آسان ۔ کینٛہہٕ لٹہِ اوس دانہِ ژٕپن تہٕ راتھ کیُت کھوٚت اوٚبُر ۔ احمدس سۆز نادسہ آوٕمۍ وِزاگرکنہِ وِزِ کِنس کشہِ ہے، زنان روزِہس پتہٕ یوٚ تانۍ گرِ کڈِہَس ۔

تسنٛز زنان اُس پیٛز اسیوٚ دتہٕ ساہٕ زِسو اُس مےٚ کتھِ پٔتھ بیقلی ونان ۔ یہِ اُس سو پانہٕ نیارز اَنتھ ونان ۔ مےٚ اوس تسُنٛد بیقلی وُنن خوش کران ۔

مےٚ آونہٕ وارگا گرِ یا گڈس مَنٛز وٹھ بُرنس ۔ سارِ ےوٚن یتھ گامس مَنٛز کڑال چھنہٕ روزان تِم کیاہ چھِ کران ۔ تِمن نِش گژھِ ہیٚچھُن ۔ مےٚ آیہِ نہٕ اَتھ ستۍ برابری ۔ ہیرژ کالہِ لوگُن آژھین شین ۔ صُبح پٔتھٕ شام تانۍ سمیوٚ وتیوٚ تاہ زِ کوٚتھن تانۍ گو ۔ پاڑ پھیری نین ژٕہتھ ۔ گُلی پھیری ۔ ژھیٚیہِ پِشن پہوٚ شام تانۍ دوِیہِ لٹہِ شین ترٛاوُن ۔ ہمسایَن تانۍ گژھُن گو دُشوار ۔ ہیرژ کالہِ اوس احمد ضۆرۆ رسون گرِیوان تہٕ وٕنکُٹُھ تفصیل نوان ۔ سُہ اوس کولہِ اَپارِ روزان ۔ تمہِ دوہ آونہٕ کینٛہہ ۔ "دہو شینہٕ کٕنۍ بند گو ۔ " مےٚ سوٚنٛچ ۔ راتس دِژن بینٛہِ پھٔکے ہنا دأرِتھ ۔ صُبحن یٔیلہِ غبدرِ ؤتھی زن اوس شین ہیرِ بونہٕ سأرے گُنٕے دلو کوٚ رمُت ۔ کولہِ تانۍ گژھنس اُس نہٕ ؤتھ ۔ گوڑ پہوٚ شین پھہہ ستۍ ڈالُن، وتہٕ پود کڈُن تہٕ اَدٕ کولہِ پٔتھ گژھُن ۔ اَز چھُ شین وُچھنک

طمع گوھان مگر تمہِ دوہہ باسیوٚ وکلہِ پانتھ آو۔ بتہٕ کھتھ اُس وٚتھ برٕنچ تیاری کرٕنۍ۔ مےٚ آو نہٕ کانہہ دشرا گڈس منٛز برنس۔ عادتھ چھُ نانا کارٕ آسان۔ کانہہ اَتھ وتھ آیم نہٕ کیٛاہ کرٕ۔ احمدِس پٮ۪ٹھ تہٕ کھوٚم ژکھ۔ مگر پتہٕ آم خیال اگر اَسہِ تہٕ پٔڑون ژھینہِ پِش آسہِ ہے، اَسہِ پیٚیہِ ہے پوٚونس شیٖنس احمد انٕن۔ مرٕن زیوٚن تہٕ اوس تتھے۔ مےٚ لاجہِ کھوٚر دجہِ تہٕ پُلہور، موہن لال تُلم سٟتۍ تہٕ دژ ایٚس شیٖنس منٛز احمدیُن گرٕ۔ کھوٚر اُسۍ شیٖنس منٛز بوڈان زن اُسۍ تلِ پاتال وسان۔ سوگہِ نیٚار رہیوٚ اوس گوٚمُت۔ کلُو ہوٚت شیٖن دِنٕن۔ موہن لال اوس بزوٚنتھ کھوٚر ترٛاوان تہٕ قدم قدم کڈان۔ گرِ پٮ۪ٹھ احمدیُن تاٚنۍ لوٚگ اوٚ ڈکھہِ۔ تہُند گرٕ یٚیلہِ واٚتۍ احمد تہٕ تسنٛز زنان اُسۍ ووٚبٕ کنۍ کلہِ کڈِتھ نظرٕ دِوان۔

"آیہِ ہو۔" رحتہِ دوٚن احمدِس اَسہِ وُچھتھ۔

اُسۍ ژایہِ اندر۔ مےٚ کوٚڈ پُلہور تہٕ کھوٚرٕ دجہِ تہٕ رحتہِ اٟنۍ کانگرٕ۔ کھوٚرٕ دجہِ تھوٚبن بیٛنِس کانگرِ پٮ۪ٹھ۔

"اَسہِ ہٮ۪ گیہ صُبحہِ پٮ۪ٹھ اُچھ پٔتنۍ، توٚہۍ پیہِ وا وٚتھ نہٕ۔" احمد ۍ ووٚن۔

"ژکیوٚ ہو چھکھ ونان اُسۍ یمہِ ہاوا۔" مےٚ ووٚنُس۔ "منٛد چھان چھکھ نہٕ۔ پزتھ ڈرۍ یہِ اوسکھا انان وٚتھ کِنہ نہٕ۔ اَز کیٛاہ زنگہِ روٚٹ گوٚے۔"

"نبی بایکاٹ اوسکھ نا کوٚرمُت۔" احمدۍ ووٚن۔

"ماجہ پوتھرن چھا بایکاٹھ آسان۔" مےٚ ووٚنُس۔

"پٔزۍ اَسہِ چھنہِ۔" احمدۍ ووٚن۔ "یہ اوسُس پننہِ بیقلازۍ سوٚنچان زاگر

وٹکھ تارٕ ژ ماکزٕ کھ واپس ۔"

" کرٕ ہُن شیٖن پسو واژ‍ۍ انہِ ہکھ وٹکھ تہٕ بہ کرٕ ہاواپس ۔اُخر شِنگ تہٕ چھےٚ نا۔"

"مےٚ سوٗنچ گوٗھ ہیٖتن تنوٗ ہ کتھاژ ونکھ احمدی لوگ خودغرض تہٕ اوٗن ۔یہِ چھُ الخناص ۔لُکہٕ موٗت گو انہٕ گوٗٹ ۔اَتھ کیاہ ہیکوٗ کرِتھ ۔"

"ژےٚ ہاچھےٚ ہر پیٹھ کھرٕ ٹاکی کھسان ۔"مےٚ ووٗنس ۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ دوٗن تمیٚ ،"نبی زمیٖن ...... ۔"جُملہٕ ترٕ ووٗن اڈٕ لیوٗک ۔

"زمینس کیاہ گو ۔"مےٚ پرٕ ژھُس ۔

"ہاے بیقلو ۔"رحتہٕ ووٗن ۔"یہِ چھےٚ ونان تہنز زمیٖن چھےٚ نا اَسہِ لاگنۍ ۔"

"اَدٕ تتھ کیاہ گو ۔"

"دپان چھےٚ پانہٕ مالاٗ رِگو ۔"رحتہٕ ووٗن ۔

"تلےٚ مےٚ دِکتھ کرنہٕ ۔"احمدی ووٗن زنانہِ دکہ دِتھ ۔بیٚیہٕ پھیوٗر مےٚ کُن ۔

"مےٚ نبی اوس نہٕ سمان کیاہ ونہٕ ۔ونہٕ تہٕ ژ ماونکھ احمدس چھےٚ کتھٕ آمژٕ ۔ونٕ چھم نہٕ تگان ۔اگر توہۍ زمیٖن پانہٕ لاٗرِگو پیش کش چھےٚ ۔بہٕ دِمےٚ ہیٚکی زٕ ژٕتھ دسبرداٗری لیکھِتھ ۔ دپکھ مےٚ ماچھُ چانہِ زمیٖنگ موے تہٕ لالچ ،نہٕ ہرگز نہٕ ۔"

"مےٚ ہاچھےٚ خبر ۔"مےٚ ووٗنسن ۔

"مےٚ سوٗنچ منس ماتیی گزاے تہٕ ماج اُستھ تُلکھ پگاہ مےٚ پیٹھ اونٕگج ۔"
احمدی ووٗن ۔

"بہٕ زن ہیٚمےٚ ژےٚ زمیٖن ،پتہٕ کیاہ کرس ۔پتہٕ کمِس دِمہٕ لاگنۍ ؟یم شُری کیاہ

کرنس؟" مےٚ ووٚنُس۔

"میٲنۍ چھےٚ نہٕ کانٛہہ پابندی۔" احمدن ووٚن۔

"بہٕ آسہٕ ساوتھ ونٹھ ننہٕ بِکنہٕ زمینہٕ ہُنٛد قضیہٕ ٹلنہٕ۔" مےٚ ووٚنُس۔ "زمینہٕ ہُنٛد قضیہٕ گو برسرِ زمین۔ اگر سو کتھ آسہٕ بہٕ مایمہٕ ہانہٕ یور۔ ڈُنکمن چھےٚ مےٚ وٹکس جلدی۔"

احمدِس آو أچھن اوٚش۔ رحتہٕ گیہٕ گژ۔ تِم أسۍ سونٛچان أسۍ کیٛاژِ گیہٕ نہٕ وٹکھ ہبتھ۔ مےٚ آو پانس اوٚش۔ زن أسۍ أسۍ سنہٕ دقیانہٕ پٔتھ اکھأ بِکس روٗشمتۍ تہٕ ووٚنۍ أسۍ واریاہ کاٗلۍ سمکھے متۍ۔

"ژےٚ ہا اوسےٚ خبر کیٛاہ ژوٚر منٛس مَنٛز۔" مےٚ پرٛژھُس۔

"پرٛژھُن اوس واجِب۔" تمۍ ووٚن اوٚش ووتھراوان۔

"ووٚنۍ چھیا وٹکھ تھوٚومُت؟" مےٚ ووٚنُس۔ "اسہِ ہا گوژھِہ۔"

"تہٕ کیٛابٔ گو چھما تھوٚومُت۔" تمۍ ووٚن۔

"تلانیر ووٚنۍ، نہٕ وٹکھ تہٕ بہٕ ترأوِتھ ڈلۍ ڈلۍ۔" رحتہٕ ووٚنُس۔

احمدِس ژاو زوٗ ہیٛو۔ ژادرِ پٔٹ ترأوِن پتھر۔ بیٛچہٕ بوٚرُن وٹکھ پشانٛڈ کوٚزُن تہٕ شین مانٛڈان وژاوسون پٔتھ۔ رحتہٕ آو نہٕ گرِ قرار۔ تمہِ ٹُل اُتھس کیٛتھ دبگلہٕ تہٕ سوتہٕ آیہٕ پتہٕ پتہٕ۔

گرٕ واتِتھ کٔڈ بچہٕ نوشہٕ آلتھ۔ وٹکھ اند رژأنِتھ کوٚر رسارٕدے ڈُشنیر۔ أسۍ لگۍ ڈُسری ڈُھنہٕ۔ احمدی ووٚن بہٕ تہٕ ڈُھ۔ مےٚ ہیٛچھ نوو کھوٚش ورٕ ڈُھنۍ۔ اَسنا کوٚرُن۔ دوپُن بہٕ چھوا تو ہہ کیٛتاہہٕ مَنٛزلیکھتھ زِڈُسری گوڈھن کھوٚش ورٕ ڈُھنۍ۔

" آسیکھ نا۔ " رحتہِ وۆنُس ۔ "ہنگہٕ تہٕ منگہٕ چھا بنان ۔ "

مےٚ اوٚن قہوٕ تہٕ ژوچہِ ؤری۔ رحتہِ دِتُم سٹووتہٕ منجولہٕ۔ تَمہِ لوگ قہوٕ۔ چائِس ترٛبن پیٚالن ترٛ آوٕن کھنٛڈ اَڈ پاوا۔ چاے چیتھ رٕو دی ژِپر تانی کتھٕ کران۔ پوٚزایہِ وِزِتہِ أسی ہِہتھ تماشہٕ ڈُ چھان۔

اَزپیٚو مےٚ یاد کیٛاہ کیٛاہ رودأسہِ۔

"نہٕ رٕو دا احُمد نہٕ تسنٛزِ زنان۔ "بھوٚشن لالن وۆنُس۔

" مگر کتھ چھےٚ روزان۔ "ماجہِ وۆنُس۔

☆☆☆

# گرداب

رام جی ییلہِ بازرٕ منٛزی دٕراو، کٔمۍ تانٛ تھوٚوتس پتۍ کنۍ پھکیس پنٛتھ اَتھ۔ سُہ پھیوٚر پوٚت تہٕ پتہٕ کنہِ وُچھن ہوکھ زدنگر، مس پریشان گٔرِتھ نفرا۔ تس باسیوٚ دیہِ شکل چھنٕ مےٚ وُچھمٕژ تہٕ یہِ چھےٚ کس تانٛ ستۍ رلان۔ مگر کس ستۍ اُس رلان تس پیوٚ نہٕ یاد۔

"مےٚ اگر نہٕ بژ وٚنت چھُ گٔوھان ژٕ چھکھ نا رام جی۔" تمۍ شخصن وٚونُس۔

"آں بہٕ چھس رام جی۔ مگر ژٕ چھکھ نہٕ مےٚ وُنہِ ڈٕنس تل پیوان۔" تمۍ وٚونُس۔

"بہٕ چھس ناتھ جی۔ چانہِ لوکچارُک ژاٹہٕ بوج۔"

"اوو ...... پیوٚم یاد۔" تمۍ وٚونُس۔ نالہٕ موٚت کران۔ "مگر ژٕ ےٚ کیٚاہ زن چھےٚ مسحہٕ صوٗرتھ گٔمٕژ۔"

"بُجرِ چ تباہ کاری بوٗز۔" تمۍ ووٗنُس۔

"کُس سا بُجر۔ چانہِ وانٛسہِ روٗدنا کانٛہہ۔" تمۍ ووٗنُس۔

"گُنہ جایہِ بہمو۔ کتھ کرو۔"

"اگر ژےٚ فُرصتھ چھےٚ، گرِ گوٚژھو، آرام سان بہمو۔" رام جیٖن ووٗنُس

اَتھس تھف کٔرِتھ گرِ کُن پکان۔

کالجہٕ نیرنہٕ پتہٕ اَسی تمہ ازگوڈنکہِ لٹہِ سمکھے ٲسۍ۔ دوٚنوے گٔیہ اکھا کس

وُچھتھ خوش۔ گرِ واتِتھ ژاے تمہ رام جی نِس کمرس منٛز۔ یہِ اوس ہوادار۔ مسنٛد تہٕ

قالیٖن فرداوُسس وہرتھ۔ ناتھ جی اوس سکوٗل کین دوہن منٛز اتہِ بیوٗٹھمُت۔ از

اوس تمہِ کھوتہٕ سجاوِتھ۔ تمہ پیٹھی تکۍ یَس ٲسۍ ڈوکھ دِتھ۔ رام جی اوس یژھان تس نِش

بوزُن ز، کالجہِ نیرتھ کیاہ کوٚر تمۍ۔ روٗزی ہُند کیاہ سبیلہٕ اوُسس۔ کانٛسہِ ٲسۍ کوٚرنا

موحبتھ، تکیاز موحبتھ اوس تس لوکچاراہ پیٹھ وسہِ تہٕ یہِ اوس ہرو زِتس زبوٗ پٹھ آسان۔

بیٚیہِ تہِ اَسی واریاہ سوال یم رام جی نِس ذہنس منٛز وُتھی تہٕ یمن ہُند جواب سُہ بوزُن

اوس یژھان۔

"یمن ؤری یَن کیاہ اوسکھ کران۔" تمۍ پرٛژھُس۔

"واریاہ کالی سمکھے یہِ اَسی۔" ناتھ جیٖن ووٗنُس۔

رام جیٖن کوٚر نیٖٹھی اوٚنگجہِ حِساب دوٚپنس۔ "باہہِ وِہری۔"

"ٲں باہہِ وِہری۔" ناتھ جیٖن ووٗنُس۔ "یتھ ژلہِ وُنِس وقتس منٛز چھُ یہ

زِندگی ہُند بوڈ تہٕ اہم وقت۔ اکہِ طرفہٕ رُوٗنہٕ زوٗنچ فِکرِ تہٕ بیٚیہِ طرفہٕ جذباتن ہُند

پھش ۔عزرایل چھُ لمان جانس تہٕ شیطان اِپمانس ۔"

"اَں ۔" تمۍ ووٚنُس ۔

" مگر موحبتھ چھنہٕ سالم سانٛس اَتھس منٛز ۔" ناتھ جیٖن ووٚن ۔

"باسان چھم ژٕ چھکھ خبر کٔمۍ اوٚلِکہ تہٕ زٲوِلی مسلن روٚتمت ۔" رام جیٖن ووٚنُس ۔

"موحبتھ چھُ اوٗیُل تہٕ زٲویُل مسلہٕ ۔" تمۍ ووٚنُس ۔ " مگر مے اُس نہٕ خبر یۆتاہ اُویُل چھُ زِ ڈھاے دوہہِ تہٕ نیرنس نہٕ ۔" یہ ؤنتھ گوٚ سُہ سنجیدٕ تہٕ قائلین فردس کُن رۆد مُدے گنٛڈِتھ ۔ رام جی اوٚسُس بُتھس نظر تھٲوِتھ ۔ باسان اوس کتھ تاڈ کتھِ اُسس کوتھ گٔمۍ تہٕ تتھ اوس گھر کڈان ۔ منٛزۍ گیس بُتھس ویکار ہوی یِموٗ ستۍ تسندن جذباتن ہُند ہیجان اوس ٹاکارٕ بوزنہٕ یِوان ۔

"تیلہِ نسا چھنہٕ سہ پۆز موحبتھ ۔" رام جیٖن ووٚنُس ۔ . . . . .

. . . . "دون باژن چھے تقرار آمٕتۍ ۔ یہ گیہ اکھ کتھ ۔ مگر اِختلاف تہٕ چھُ ضۆرۆری ۔ اَمہِ ستۍ چھُ لولس مدریر لان ۔ اَکِس بٔرنٛس سوٚنٛچ زِ سٲری باژ چھِ اکی آیہِ سوٚنٛچان یا سٲرے چھُ گُنہٕ رنٛگ ۔ یہ رُکوٗ حالتھ آسہِ ۔ زن آسن ینِہ جانورٕ یۆت روزان ۔ عقل گوٚ ہِموٚنڈ تہٕ سٲری چیز آسن بے کیف ۔ اِنسان سُند ارتقا لگِہ ٹھٔہرِ ۔ اِختلاف چھُ بدلاوُ ژھاران تہٕ نوٚبن خیالن ہُند خالق بنان ۔"

"گوڈٕ ونتہٕ مے ژے کوٚر تھا کھاندر ۔" تمۍ پرٛژھس منٛزۍ ۔

"اَں ۔ مے چھے خانہٕ دارِنۍ سبٕھاہ نیک خصلتھ تہٕ پُر خلوص تہٕ لولہٕ ہٕژ ۔"

"مگر یتہٕ گیم نہٕ نظر۔" تمیٚ ووٚنُس۔

"سوچھےٚ سمکھنہٕ گمژ۔ شام تانۍ واتہٕ۔"

"مےٚ چھُ ژےٚ پتھ رٕشک۔" تمیٚ ووٚنُس۔ "مگر ژٕ چھکھ بدل آیہٕ سونچان۔ گنہٕ حدس تانۍ چھُ اِختلاف رُت۔ مگر حدٕ نسبر نہٕ۔ پتہٕ چھُ یہٕ چھکراوان تہٕ راوراوان۔" تمیٚ دٕیت دم ہتی ووٚنُن۔ "مگر مےٚ اوس نہٕ اِختلاف تہٕ کہیں۔ سو گنجایش اَس نہٕ۔ بلکُل نہٕ۔ مےٚ تورنہٕ فِکرِی گوکیاہ۔ اَز تہٕ چھس سوٚنچان تہٕ تزٕین تہٕ ترٕ واہَن چھس گوٚھان۔ وونی چھِ نہٕ مےٚ دوس تہٕ یقین کران۔ سارنے چھس پھرٲرِ باسان۔" یہ وٕنتھ کُرٕ تمیٚ ژھوپہٕ، تہٕ بیٚیہٕ ہیوٚتُن فرشس کُن وُچھن زن کتھِ ہُنٛد پن اَدسس بیٚیہٕ ژھانڈتھ۔ رام جی گو تسنٛدِ تھکھ تہٕ تھکھ دِنہٕ ہتی بے چین۔

"اَمہِ کھوتہٕ اوس بہتر ہوٹلس اَژُن۔" تمیٚ سوٚنٛچ۔ "چاےٚ تہٕ آسہٕ ہے چمٕژ تہٕ کتھ تہٕ آسہِ ہے موکلےٚ ہمژ۔"

ناتھ جین کوٚر پان یکجا، وُٹھن منٛز روٚٹُن سِگریٹ، گنٛدھک تُج زٲجن تہٕ سِگریٹ زٲلتھ چھوٚکُن اِنجکۍ پٲٹھۍ دٕہہٕ۔ تسنٛزن اونگجن اوس سِگریٹہٕ ہتی لیٖدرِیر گومُت۔

"نیرٕ وٕنہٕ ربتہٕ کالُک تہٕ اژُونہٕ ہرُوک موقہٕ اوس۔" تمیٚ ووٚن، کتھِ ہُنٛد پن تُلان۔

"دوٚہس اَس وٕنہٕ تاوٚ آسان۔ کیٚنہہ دوہہ بیٚیہٕ تہٕ ترزو ہے۔ ژٕ ونیو ہوٚت وونزُل رنٛگ رٹُن۔ دان ڈل اَسِ سونہری ہیٚتی متی گژھنہٕ۔ پاتھلہِ پتھ بالس تانۍ

اُسی مُختلِف رنگ سوٚنٛزلہِ ہندی پأٹھی کاڈ کڈتھ نبہٕ ڈُنٛدِس موٗنی کران۔ یِم رنگ چھاوان ووتُس بہٕ بستی نبر۔ بہٕ گوس نظارٕ وُچھتھ ہنا روحأنی۔ "یاوٕ موسم چھُ۔" مے سوٗنٛچ۔ "یور گوٚژھ کانٛہہ پدمأنی ستی آسُن۔" مگر ییٚلہِ مے پتھ بژ ووٚتھ نظر دِژ، اور نہٕ اوس زون نہٕ زأنٛٹھِن۔

بہٕ دوٗر ریوٚس بستی نِشہِ سبٹھاہ تہٕ اٚخر ووتھُس وُڈر بون۔ دامٔنس تل اُس پانٛژ کول پکان۔ سوروٗن ربتہٕ کول اُسِتھ اُسی اَتھ پانٛژ گرٛٹہٕ تارٕ وسان۔ گرٛین مَنٛز اوس پوٚنی ساف تہٕ نیٖول۔ گرٛن اُسی پأنٛس مَنٛز روہ کران تہٕ ووٚٹہٕ تُلان۔ باسان اوس اور گٔن چھُ نہٕ کانٛسہِ آدمس ظوٗن گوٚمُت، نتہٕ آسہِ ہے یِہنٛز گردوٗ ڈے ہیٚو۔ کول اُس بون پہن وِرِوارس مَنٛزٕ دٔبہٕ مٚژ پٹھے، پانٛژ ژادرِ ہنٛزِ شکلہِ ڈوٚنٛپھس مَنٛز وسان۔ مے آو خیال پہرس کھٔنڈس بہمہٕ وِرِ ہجارس۔ یُتھے آبشارس گٔن پوٚگس بہٕ گوس ششدرٕ روٗزِتھ۔ ڈوٚنٛپھس مَنٛز اُس پٔزی پأٹھی اَکھ پدمأنی دوٗد ملرٕ ہش نبتھ نٔژتھ ان کران۔ مے پییہِ اُچھن شہلتھ۔ سوٚ اُس جوان تہٕ تسنٛدِ بدنہٕ کہِ عکسہٕ ستی اوس سأری ڈوٚنٛپھس دوٗدٕ رنگ ہیوٗ گوٚمُت۔ سوٚ زن اُس مُرژِ ہندی پأٹھی پأنٛس مَنٛز نصف ہیوٗ رنصف پأنٛس مَنٛز ٹھہرتھ۔ مے ہیٚژ وو بژ ووٚتھ گٔن پکُن مگر کٔمی تانٛی روٗڈ کوٚر مے ٹھاکھ پکنس۔ اِحساس ہیٚتِنٛ نأپٛنٔر۔ مے باسیوٗ ومو چِھنٛچ دیوی چھے مے پیٹھ مہربان، نتہٕ کتہٕ یہِ سُنسان جاے تہٕ کتہٕ یہِ حُسنٕچ پیکر۔ یہِ ماچھے میأنی خأہش یوسہٕ اُدی اُدی مے منہٕ پیٹھ ڈژھمٕژ اُس تہٕ یہِ ماچھے ہنٛچ تکمیل۔ مے سوٗنٛچ۔ یہِ سوٗنٛچِتھ تہٕ روٗد خبر گٔس حبس میانہِ خأہشہِ دولہِ تہٕ میانٛ قدم ہیٚتِنٛ پتھ گٔن پکنۍ۔ بہٕ ووتُس اَکِس وِرِ پتھ گٔن۔

اَتی بیٛوٗٹھس پتھر۔ سوٗ گیہِ میانین نظرن ژھایہِ۔ اوٚ ڈگنٹا پڑاریوٚس۔ تمہِ موکلووشرٛان گرِتھ، پلاوٗ اٗگنۍ کولہِ ٹرٛاپورتہٕ ہیوٗتن نیرٕن۔ بہٕ ووٗتھس تھوٚدتہٕ پوٚکس آبشارس کُن۔ سوٗ پھیراپارِ بٔتھِ پیٹھ مےٚ کُن۔ اٗسۍ اٗسۍ اکھاٗکس مقابلہٕ کھڑا۔ سوٗ اَپارِتہٕ بہٕ یپارِ۔ تس اٗسۍ مستس مَنٛز پاش پھیری نٲپان۔ اَمہِ ستۍ اٗس سوٗ بییہٕ ہَن تازٕ لگان۔ تمہِ کوٚر ہلکہٕ تبسُم۔

"بہٕ آس......" مےٚ ترٛووُ جُملہٕ اَڈلیوٚک۔

"مےٚ ژُچھکھ ژٕیوان۔" تمہِ ووٚن۔

مےٚ ژُچھ تس ژٕچھنہِ طرفہٕ وُٹھس پیٹھ چن۔ کتھ کرنہٕ وِزِ اوس یہِ حد سجان۔ تُنُد بُتھ اوس گرِتھ تہٕ پرٛتھ کانٛہہ تان ہم آہنگ۔ پرٛزلونہِ اٗچھ، شوٗبہِ دارمس تہٕ پیوٚت ہش نس اٗسۍ خوشوٗنۍ۔ بُتھِ پیٹھ نظر ترٛلنہٕ ژٕرٲے ووٚنس مےٚ۔

"اوہ! ژےٚ۔" مےٚ روٗدٲس یلے تہٕ بڑ وٕنٛتھ کُن ہیوٚ گُم نہٕ کہیں ژٕنتھ۔

"ونہٕ ہیچ چھےٚ نہٕ ضوٚ روٗ رتھ۔" تمہِ ووٚن اسوٗنہِ ہونٛجہِ۔ "مےٚ ترٛووُ اَتی دِلہٕ ژٕنتھ۔" تمہِ ووٚن ڈوٗنٛپھس کُن اِشارٕ کران۔

"مےٚ اوس نہٕ وہمہٕ گُمانس مَنٛز یتھ سُنسان جایہِ آسہِ کانٛہہ برمندنین شرٛان کران۔" مےٚ ووٚنُس۔

"خوٗبصوٗرتھ جاے چھےٚ۔ ژٕ پاش ہَنا چھےٚ وسان۔"

"بستی نِشہِ دوٗر۔ دوہلہِ گژھِ یپاٗری تصرٕ پھ۔"

"تیوٗتاہ کمزور چھنہٕ اَز کانٛہہ۔"

"یہ جاے کتھِ کٔنہٕ آیی ژٕے اَتھِ۔"

"یپٲرۍ اُسس پکان۔ یہٕ جاے وُچھتھ گٔیس خوش۔ کینٛہہ چھُ قو درتس نکھ پائے واتان۔"

"بے شک۔" مےٚ وونُس۔ "بہٕ تہٕ آس اَزیُتھ کالہٕ یپٲرۍ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ لوٚگُس یور۔ ژٕ وُچھِتھ گوس رۆزِتھ۔ ستی باسیوٚم کوپٲٹھۍ ہیوٚ۔ خلوتس بیجا مداخلتھ کرٕنۍ چھا جان۔ اوٚے رۆزُس وِرِپتھ کُن۔ یُتھ ژٕ مزٕ سان شرٕان کرژکھ۔"

"مےٚ چھنہٕ کہیں وُنن۔" تمہٕ ووٚن۔

"بہٕ چھسے ژٕے موحبتھ کران۔" مےٚ وونُس۔

"ژٕ کرکھ موحبتھے۔" تمہٕ ووٚن۔

"بہٕ چھسے قسم ہٲوِتھ ونان بہٕ چھسے ژٕے موحبتھ کران۔"

"بہٕ چھبس مردن زانان۔" تمہٕ ووٚن۔

مےٚ گٔرۍ نہٕ یم الفاظ پسند۔ "یہٕ گوٚتھ دِیدٕ ژٕ آسنہٕ۔" مےٚ سوٚنچ۔ "اوٚے چھےٚ لوٚب جایہ آموٚ شرٕان کرنہٕ۔"

"بہٕ چھس سنجید۔ بہٕ چھسے ایماندٲرۍ سان ونان۔" مےٚ وونُس۔

"مےٚ چھُ قدر چانِہن احساسن ہُند۔" تمہٕ ووٚن۔ "مگر ژٕے کیاہ خبر چھےٚ بہٕ کژھِ چھس۔ بہٕ جان چھسا کِنہ ناکارٕ۔ ہُرش مُوٚ چھسا کِنہ انہٕ ہُرش۔ ژٕے پے یی اُکس زنانہِ ہنزٕ سبتھ نبہٕ تہٕ پٹھ نظرٕ تہٕ لوٚگکھ موحبتھ کرنہٕ۔ ژٕے رۆزٕے نہٕ ضبطے۔ یہٕ ہیکہٕ سپدتھ زِ یہٕ اُس محض اکھ نفسانی خاہش ییمی ژٕ تل روٚٹکھ۔ بینہٕ بہٕ زانتھ نہٕ

ژ۔ نہٕ چھم خبر چاٗنۍ پسند ناپسند ہنٛز چون ذوق۔ یِم چیز چھِ نہٕ ڈبکس آسان لیکھتھ۔ موجبتھ چھنہٕ پتھر پوٗمُت چیز ژٕ ژ دزاکھ یپاٗرۍ تہٕ لوٗبتھ۔"

پھِرس کھنٛڈس روٗدس بہ، زن وبسریوٗس۔ اکہِ کتھِ بڈاو مے ہمتھ۔ سُہ اوس تسُند شوٗذرتہٕ صاف گوئی۔ "تِتھٕین نِش گوٚژھِ اِنسان کامیاب۔" مے سوٗنٛچ۔ تس اوس نہٕ کُنہِ قسمک اٹھکاو۔ تِتھۍ نفر ییتھ ماحولس منٛز آسن تمی ماحولک اثر چھِ ڈٲلۍ رٹان۔ رِتس ماحولس منٛز رُت اثر رٹان تہٕ ناکارس منٛز پسٕرتی کُن لمان تہٕ اکہٕ نالہٕ متہِ پٮ۪ٹھ بیٚیس نالہٕ متس واتان۔ مے باسیوٚو تس خاطرٕ چھےٚ نہٕ پسٕرتی، ٹلی کہِ شانٛچ زِندگی تیٚیچ گواہی تسنٛدِ ڈچھنہِ طرفک لکھچھن تہٕ اوس دِوان۔ یہ شان ہیکہِ ہا بہ تس دِتھ۔ بہٕ زن دُٕتس غٲبی طاقتن اتھ جایہِ داٗرِتھ، تہٕ امہٕ ستی اوس اتھ کتھِ تقصدیق سپدان زِ سوٗ اوس خٲلص میانہِ خاطرٕ تہٕ ووٚنی اوس یہ میٲنی کاٗم سوکھاندرکس تختس پٮ۪ٹھ واتہٕ ناوٕنی۔ اٰخر مردس چھُ ییٚمن ماملن منٛز آغاز کرنک رول اٰمت بخشنہِ۔ یہ سوٗنٛچتھ بڑے یہ مے ہمتھ تہٕ مے ہیوٚتُ یتہٕ نوٚسرِ پہل کرٕنی۔

"مُناسِب گیوٚ ژ ترکھ پور تہٕ اُسی ہمو ییتھ سبزارس پٮ۪ٹھ تہٕ اَتی کروٚکتھ۔" مے ووٚنُس۔

"ژ ترپور" تمہِ ووٚن۔ "مے کراتھس تھف ییتھ بہ اَپور ترٕ۔ پاٗنس چھےٚ گتھ تہٕ بہ ہیکہِ نہٕ کُنی ژنی اَپور ترِتھ۔" "اَدٕ بہ ترٕ اَپور۔" مے ووٚنُس۔ یہ اوس میانہِ خاطرٕ سونہری موقعہ تس نکھ ینہٕ خاطرٕ، "گل تہٕ چھےٚ داٲنیٚ کانٛچھان۔" مے ووٚن پانس ستی۔ بہٕ ووٚتھس یا شاکرِتھ پاٗنس۔ تمہِ تھوٚو مے نظر۔ میانین زنگن اَندی اَندی

ہُرے یہٕ پان ٹاسہٕ رارے تہٕ کھوٚرو تلہٕ ہیٚوٚن سیکھ نیرتھ گوٚھنہٕ ۔ اگر نہٕ مےٚ پانٛس ترٛنک تجربہٕ آسہٕ ہے یہٕ آسہٕ ہا کولہٕ منٛز آمُت لاینہٕ ۔ یہٕ تۆرُس ٹھیکھ پاٚٹھۍ ۔ سو آیہٕ مےٚ نٔش ۔ مےٚ ییلہٕ اُتھس تھف کٔرِس یہٕ گوس خوش ۔ "اُسۍ واتو سبزارس پٔتھ تہٕ یہٕ وِنہٕ اُمِس سیٚدۍ کھاندٕرچ کتھ ۔ " مےٚ سوٚنٛچ سو اُس مےٚ سنبھٲلنھ تہٕ اکہٕ لٹہٕ گٔرِس مےٚ بُتھِس ، بدنس تہٕ وچھس اَکھ نظر ۔ سو وۄشلیے یہٕ تہٕ وُٹھن کوٚرُن کُمجار ۔ تسنٛدِ لمسہٕ ستۍ آو مےٚ جوش ہیوٚ تہٕ یہٕ اوسُس کول کنیاہ چیز اوس ڈری یاوس ووٚتھ لاینہٕ خاطرٕ تیار ۔

"ژٕ کٔری زِ مےٚ چیر تھف ۔" مےٚ ووٚنُس ۔

تمہِ ووٚن نہٕ کہِی ۔ ہناو وۄشلیے یہٕ زیادٕ ۔

منٛزس واٚتتھ ژٕ جوٗتس کھوٚرنیرتھ ۔ تمہِ دِژلو تہٕ کٔژ کھ ۔ میانہِ کھوٚرِ نرِ دِژن تھف تہٕ یکدم آیہٕ میانِن نرن منٛز ۔ مےٚ گٔرِس چیرٕ کوٚم ، مےٚ کوٚر تسنٛدِ شاہچ کھس وِس موسوٚس ۔ سو ستھلیے یہٕ تہٕ مےٚ کوٚم گٔری تھےٚ گٔرِن پاٚ جامہٕ ہیوٚ رکھارنچ کوٚشِش ۔ یپتس کالس آیہِ اکھ ہہرہ سنبھٲطاٚشس تہٕ سانِن زنگن نش آیہِ پوٚرِ زورٕ سان ٹکراونہٕ ۔ اُسۍ اُسۍ ووٚنۍ اَکھ اَکس نالہٕ موٚت کٔرتھ ۔ وارٕ وارٕ ژنۍ اَسہٕ منٛزٕم گتھ ۔ کھوٚورِ باگے اوس پوٚنۍ کم تہٕ اتھ ترٛی اُسۍ نفیس پاٚٹھۍ ۔ بُتھس پٔتھ واٚتتھ ترٛاو اَکھ اَکس تھف یلہٕ ۔ زنگن اوس یخ لوگمُت تہٕ بٔزرِس کھنڈس روٗدی تاپس ۔ وُشنیر گٔرتھ ہٕتھٕر سبزارس ۔

سبزارس پٔتھ ہتھ کوٚرمےٚ موسوٚس زِ سو نفسٲنی خاہش ۔ سو حیوانیتھ یوسہٕ

مےٚ اوٚ تانی غالِب آس گومُت غاٮٔب ۔ یہِ ہیوٚ تنس ہمُن تہٕ مےٚ ہیوٚ تُن سکوٗن ہیوٚ موسوٗس سپدُن ۔ مےٚ اوس تسُنٛد پوٗز موحبتھ گومُت ۔

مےٚ زن اوس سورُے کیٛنہہ پزٕ وومُت ۔ ییلہِ ژےٚ سُہ چیز میلی ییمہِ خاطرٕ ژٕ کرٕ یشان آسکھ، چون من گوٚ ھ سیر ۔ خود غرضی چھےٚ پُسی تی ہنٛز حرکتھ بنان ۔ لفظن چھےٚ نہٕ وُقعتھ روزان ۔ یہِ اوسُس مُدعے گُنٛڈتھ تس تھلہِ تھلہِ وُچھان ۔

دچھ پنہٕ پوٗنٛر ین ہنٛد بِں بِں، کُکلہِ ہُنٛد گگوٗس گوٗ، تہٕ پانیک شور لوگ تھمنہِ ۔ زن گیہ ساٗرٕے خاموشی ۔

"کیٛاہ کتھ کرٕ ۔" مےٚ سوٗنٛچ ۔ "سورُے کیٛنہہ آو ونہٕ ۔ سارٕے کتھٕ گیہ صاف ۔ یپور ژٔرتھ موکلےیہِ ساٗری گنٛڈ ۔ "پھِر کھنٛڈ گوٚھتھ ووٗنُس مےٚ بیٛیہِ، "ہٕ چھسے ژےٚ موحبتھ کران ۔ "بس یتی الفاظ آیہ مےٚ ذیہنس تہٕ زبو پیٹھ ۔

"اوو ۔" تمہِ ووٗن وُٹھن کُمجار کٔرِتھ ۔

"یہِ پوٗنی تہٕ یہِ جاےٚ دِیہِ میانہِ موحبتچ گواٚہی ۔ "مےٚ ووٗنُس ۔

"آٚں ۔ "تمہِ ووٗن ۔

"اپارِ بٕتھِ وٕرِش اٚسکھ دہانہٕ کھولان، یپارِ روزِ کھژھوپہٕ کٔرِتھ ۔"

"وونی پٔزٕ مےٚ نیرُن ۔ "تمہِ ووٗن ۔

"ژٕ ژٔرکھ وُنی یپور ۔ وُنہِ گوٚ نہٕ پھرِتہٕ دپان چھکھ بہٕ نیرٕ ۔ موحبتک ژونگ زاٗلِتھ چھکھ ونان بہٕ نیرٕ ۔ یہِ ما گوٚ ھِتھ بیابانس منٛز ژھیتہٕ ۔ "مےٚ ووٗنُس ۔

"مےٚ کیٛاہ چھُ کرُن! "تمہِ ووٗن ۔

"منس مَنز یہِ آسی تہِ وُنن وُڑِھ وأنجہِ۔"

" مےٚ مُباہ چھوٚ منس منز" نمہِ دوٚن

"مےٚ چھا خبر۔"

"رکہیں نہ۔"

"تہِ بنہِ نہ۔ کینْہہ نتہ کینْہہ آسکھ سونچان۔ میأنس حقس مَنز نہ سہی خلاف تہ

آسکھ سونچان۔"

"پنہِ چھس چانِہن جذباتن قدر کران۔"

"ژِ ونِ سیوٚ دِ ژ چھکھ مےٚ موحبتھ کران۔"

"بہِ چھس ونان بہِ چھسے ژےٚ موحبتھ کران۔"

"بہِ چھس ونان، الفاظ چھِ مدِ فضوٗل۔"

"بہِ چھسے ژےٚ موحبتھ کران۔"

"وونی گورُت۔"

"اسہِ پزِ نیرُن۔"

"وونی گوس بہِ خوش۔" مےٚ ووُنس۔ "بہِ چھسے ژےٚ لول بران۔"

"مےٚ بوٚز مےٚ بوٚز۔" تمہِ ووٚن۔

"اَدِ کیاز چھکھ ونان اَسہِ پزِ نیرُن۔"

"ژیر گونا۔"

"بیِٖہ اوٚ ڈُکہ ٹِھ بہمو۔

"سُہ گوو ھِ زیادٕ ژیر۔"

"آہ!" مےٚ وۄنُس ۔ "ژٕ کأژاہ خوبصوٗرتھ چھکھ ۔"

"تارٟیف بوٗزِتھ گیس بہٕ مس ۔ "تمہِ وۄن ۔

مےٚ روٗٹ تسُند اَتھٕ اتھن منٛزٕ تہٕ کھورُم پننِس چائٕنِس نِش ۔ اَکھ موٗنی کوٚرمس ۔ تمہِ نیوٗ اَتھٕ پتھ ۔ مےٚ اوس موجتس کُن بیٚیا کھ قدم زیوٗنمت ۔

"بہٕ چھُس یَتھٕ ہان ژےٚ ستی کھانٛدر کرُن ۔"

"تٕمِس زن لوٚم کأنٛسہِ لوٗنچہِ ۔ سو گیہِ یکدم تھوٚد وٕتھتھ ۔ "دوپن اَسہِ پزِ یتھ لولہِ چھِ کتھِ باتھِ ییٚتی نس ژھٕلن دیُن ۔"

"مےٚ اوس سبٹھاہ وُنُن ۔ الفاظ چھِم پھُٹان ۔"

"مےٚ توٚ رفکرِ ۔"

"ژٕ اگر نیر کھ ۔ أکِس شرطس پیٹھ ہیکِکھ نیرِتھ ۔"

"کیاہ ۔" تمہِ وۄن ۔

"پگاہ سمکھکھ ییٚتی نس ۔" مےٚ وۄنُس ۔

"أنٛ سمکھےٚ ۔"

یہِ وٕنتھ ہیوٚت تمہِ نیرُن ۔ بہٕ تہِ ووتھُس تھوٚد ۔ أسی ٹیٚری نہٕ أوی چھِ جایہِ اپور ۔ البتہٕ کھٕتی ہیوٚ ریٚیتھ پوٗنی پایاب اوس ۔ دِگر پتہٕ اوس پوٗنی ہُریومُت ، مگر چھکرِتھ آسنہٕ سبہٕ کھوٚت نہٕ گوڈن ہیوٚر ۔ اپور ترِتھ کھٕژسو بٕٹھس تہٕ دژایہِ وُڈٕر پیٹھی ۔ بہٕ روٗدُس تس نظرِ تھوٗتھ یوٚتانی ژھایہِ گیہِ ۔ تاپہٕ تٕژرِ ستی اَس وُڈر دزان تہٕ گرم لہر آسہٕ ہیوٚ رہواہس منٛز کھسان ۔ پہری کھٕنٛڈی پھیوٚرُس بہٕ واپس ۔ ہرد راچھن ہُنٛد بِ بِ

کُکلہِ ہُند گُگوٗس گوٗ تہٕ پانٛژ ٹاسہٕ رارے گیہِ ہیٚیہِ چالوٗ۔



"اوٗ تاڈ گو سوٗرے رُت۔" رام جیین ووٗنُس بےٚ تاڈِ ہندی پأٹھی۔ "مےٚ وَن تہٕ تس ستی کوٗرتھا کھاندر۔"

"نہٕ۔" ناتھ جیین ووٗنُس۔

"کیازِ نہٕ۔" رام جیین پرٛژھُس۔

"سُے تہٕ چھُ اکھ المیہ۔"

"کیازِ؟" رام جیین پرٛژھُس۔ چونکہِ سانٮ٘ن عشقہٕ داستانن چھُ کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ جابرِ بٔعتھ حُلیہ ہگاران، تٔمۍ سوٗنٛچ اُمس تہٕ ما آسہٕ کانٛہہ جابرِ پیوٚمُت تیٚمۍ کھاندر دِتُس نہٕ کرنہٕ۔ "توہہِ کُس پیو جابرِ۔" تٔمۍ پرٛژھُس۔

"بہٕ چھُس یِتھان ژِیوٗ زِ کھسأرِ ے کہأنی۔" ناتھ جیین ووٗنُس۔

"ضروٗر بوزٕ۔" تٔمۍ ووٗنُس۔

"تمہِ رأژ آیہٕ نہٕ مےٚ نٮ٘ندرِ زول تہٕ۔" ناتھ جیین ووٗنُس۔ "بہٕ اوسُس ووتھان تہٕ دارِ پٮ٘ٹھ بہان زِ گاش گوٚژھ پھولُن تہٕ بہٕ نیرہا آبشارس پٮ٘ٹھ۔ زٕ نہٕ گاشس منٛز آسہٕ گامہ لرأکی ہے جایہِ گُلبن منٛز ژنگرِ کرِتھ بوزنہٕ یوان۔ گُلبن تہٕ لربن ہندی سایہٕ اُکی پُر اسرار لگان۔ دوٗرِ اُس سوڈُر نظرِ گژھان۔ یٮ٘مہِ پٮ٘ٹھی سوا پور ترِتھ بون ژٕ ژھ۔ اپٲری اوس نہٕ کانٛہہ کُل۔ ڈُرِ ہنٛز تال اُس سأرہے بوزنہٕ یوان۔ اُخر پھوٗل گاش۔ سنگر ہیتھی ناٹنٛی۔ وَنہٕ اُس سُل۔ بہٕ اوسُس مشکلی پان

حدٕ ژٕتھ۔ نیر نہٕ تہٕ بڑارنہٕ کِس کشمکش منٛز دژاس بہٕ توتہٕ سُلی۔ تتھے تورووتُس جاے باسے یِم کالہِ کھوتہٕ مأری منٛز۔ "سو آسہِ پکان۔" مےٚ سوٗنٛچ۔ "خبر راتس آسہِ ناعبندرٕ کرٕ ہڑ۔ گوڈ کیاہ ونس بہٕ۔ اُث بہٕ ٹلہٕ کھاندرٕ چ کتھ۔ موحبتھ چھُ کھاندرس پتھ تھکھ کڈان۔ پتہٕ ہیکو کُنہِ جایہِ روٗزِتھ۔ زِندگی آسہِ خوبصوٗرتھ۔ پزٕتھ کانٛہہ چیز آسہِ پننہِ جایہِ۔ خوشی چھےٚ چانس یوسہٕ کیٛنٛژون چھےٚ اُتھی لگان۔ بہٕ روٗدُس گراکلئِن، گرا کولہِ، گرا سرِ کیٚس ڈچھان۔ باضے کھوٚتُس بُتھِس ہیوٚ رتہٕ پوٚت کھورِ آس واپس۔

یوٚ تانی سرِ کیہٕ یوروٗدت۔ بہٕ گوس ووٚنی بےٚ چین۔ وقت اوس ژلان تہٕ سوٗ اُس نہٕ، کُنہِ۔ بہٕ کھوٚتس بینٛہٕ بُتھِس ہیوٚ روٗ چھنہٕ اُسوے یا ژ اپأری پیچ ہڑ۔ بہٕ گوس دوٗرتانی۔ دویمہِ طرفہٕ ووٚتھُس بُتھِس بون۔ اور گوم نہٕ کانٛہہ نظرِ۔ خبر ووتھ ژٕتھ ما آسہِ پانٛژادرِ نِش وأژ ہڑ۔ یہِ خیال یتھ آس بہٕ یہِ ڈٕپی زِتہٕ دورِ پتھ واپس۔ بُتھِس ووٚتھُس بون تہٕ ڈوٚنٛپھس نِش کوٚ ڈُم تھکھ۔ اور اوس نہٕ رِکھنٛے۔ پاگلہٕ سندی پأٹھی گرِم ہیر بون تہٕ بونہٕ ہیوٚ رچکر۔ کول اُس تمی آیہِ وسان۔ أکی ہے راتس منٛز کیاہ سپُد۔ تس کیاہ گو؟ کم حالاتھ آیٚس پیش۔ یہِ ما اوس کانٛہہ سوٗپُن نتہٕ ما چھُس بہٕ دیوانہٕ۔ مینےٚ ہیٚژ پانس ژُمٹ۔ نہٕ بہٕ چھُس موسوٗس کران۔ مےٚ سوٗنٛچ۔ سوٗ اُس راتھ یور آمِژ۔ کتہِ پتھ، کوٚت اوسُس گژھُن، مےٚ اُس نہٕ خبرٕ ے۔ نہٕ کوٚرمےٚ پزٕژھنگ ضوٚ روٗرتھ موسوٗس۔ اَمہِ خأطرٕ اوسُس پانس لانہٕ طانہٕ کران۔ تمہِ تہِ ووٚن نہٕ پےٚ پتاہ، یا ناو۔ سوزن اُس ونہٕ ژھِم ژگی یوسہٕ شژان گرِتھ ژٕج۔

شام سپُد تہٕ بہٕ اوسُس اتی پژاران۔ مےٚ اُس وُنہِ ووٚمید سو یہِ ضوٚ روٗز۔

ژِھموٚ ہیٚون میلنہٕ ۔ میوٚن پاگل پن ڈ چھ یہٕ اوٗسس وِرِمنگان ٹنگ ۔ موموٚ لی داوٕ رِنگو اگرکُلی لنجو مُنزٕ ی دزِ ایہِ تہٕ پٕنس کوٚ رُن سٕر سٕر ، یہٕ گوس تھوٚ دوٚ تھتھ تہٕ زوٗ نہٕ گاشس دِتم ڈٗ نی ۔ مویوٗس گوٚ ھتھ اوٗسس ییٚہِ بہان ۔ کو کرن دِژ بانگ تہٕ مےٚ توٚ رِ فکرِ کالُک دوہہ موکلیوو تہٕ نِو دوہُک اٰغاز سپُد ۔ ووٗنی مو کلےیہِ تسندِ تیٚج آش ۔ یہٕ آس گرٕ ۔



اَمہِ وِزِ آو بٕنم دراوز مُو راونہٕ ۔ "خانہٕ دارنی کیٚاسا پیٚیہِ وأتتھ ۔" رام جین ووٚنُس ۔ "یہٕ کرناوِ کینٛہہ کھن تیار ۔ ژٕ بہکھ ووٗنی راتس ییٚتی ۔ "سُہ ووتھ بوٚن اورٕ ییٚلہِ واپس آو ۔ دوپنس "چاۓ کہانی چھےٚ ترِتھ گوٚ ھان ۔ یہٕ چھس سونچان تس کیٚاہ آسہِ گوٚمُت ۔ عقل چھےٚ نہٕ کُن واتان ۔"

"یہٕ ییٚلہِ تپأری نیران چھس" ناتھ جین ووٚنُس ۔ "سو چھےٚ مےٚ ڈوٚ پھس مَنز ، کولہِ اپارٕ تہٕ وِریٚن تل باسان ۔ تتھے ژھانٛڈھ چھےٚ ژلان سو چھےٚ غأب گوٚ ھان ۔"

"یہِ اُس روٗ دراٹھ ییٚمہِ ستی ژٕ گژِھیوٚ کھ ۔" رام جین ووٚنُس تسلی دِوان ۔ "دوٚ رگرِتھ اوس نہٕ کہیں ۔"

"ٹھیکھ چھُ ۔" ناتھ جین ووٚنُس ۔ " مگر عقل چھم راوان زِ تس کیٚاہ گو ۔"

"سو آسہِ ہے خبر کتہِ پٹھٕ آمژ تہٕ گیہِ واپس توٚ ری ۔" رام جین ووٚنُس ۔

"تمہِ آسیا مشر وومُت سورُے؟"

"کینٛہہ ہیکہِ سپد، تہٕ۔" رام جین ووٚنُس۔ "مُمکِن چھُ تس آسہِ کھاندر سپدُمت تہٕ سو آسہِ مُطمعین۔ ژےٚ پزی مَشراوٕنی۔"

"مےٚ چھےٚ نہٕ مشان۔" ناتھ جین ووٚنُس۔ "یار دوس چھِم ونان ژٕ چھُکھ باوٕر گومُت۔ ٹأنہٕ چھِم کران۔ خبر سوپُن اوسکھا ؤ چھان کنہٕ مایایہِ روٚٹُکھ۔ کانٛہہ چھُنہٕ میأنِس اعتبار کران۔ وونی چھِ حال یہِ زِ پزتھ کانٛہہ چھُ مےٚ نِش دوٗر روزان۔ اِنسان گوٚھیا نبس کھَسِتھ۔ تِم چھِ ونان۔ وونی کتھ کُنی سمجھاوکھ یہِ چھےٚ حقیقتھ۔ دپان چھِم نہٕ چھےٚ ناو خبر نہٕ پتہٕ۔ نہٕ چھُس تمید نہٕ تمسُک۔ آیہ سو نہٕ ہٕنزٕ گیہ ییرِ و۔ گرِ کیو تہٕ منہٕ سوو ہَس۔ تِم نہٕ چھِ میأنی کتھ بوزان تہٕ میأنِس مالِس سنان۔

رام جیس آیوو زِ بوٚپٹھ ونس ژٕ ہسأ چھُکھ پزی باوٕر۔ مگر تِتھےٚ دہانہٕ کھولہِ ہے تسنٛز زنان آیہ ژٕ رے مَنٛز چاے ہیتھ۔

ناتھ جیس باسیوٚ ونی تِمی چھےٚ سوبز وٕنتھ ؤچھمٕو۔ أچھن دِژن مرٕن۔ تس اوس وٕٹھس پٹھ ؤچھنہٕ طرفہٕ لکھچِن۔ تِمس زن سوٚٹھنڈ پان بالٹین پٹھٕ۔

"یہِ گیہِ میأنی خانہٕ دارِنی، چأنی بابی۔" رام جین ووٚنُس۔

تمہِ نمہٕ روو کلہٕ۔

سُہ گوبےٚ چین۔ چایہِ لوگُن نہٕ اتھہِ۔ پہر کھنڈ گوٚ ہتھ ووٚ تھ تھوٚ دتہٕ دژاو۔

اَنہٕ گٹ أس گمژ۔ اَنہٕ گٹہِ مَنٛز تو رنہٕ فِکری سُہ کپأری دژاو۔



# پڈر چھوٚت

"میوٚن انداز اگر صحی چھُ ژٕ زن چھکھ نہٕ ییتیٚگ روزن وول۔" أکی لوکٕٹ بکھرن ووٚن أکِس داندس۔

"چون انداز چھُ صحی۔" داندن وونُس۔

"ژٕ کیتیٚگ چھکھ۔ یور کتھِ کٔژ لوٚ گُکھ۔" لوکٕٹ پرژ ژھُس۔

"ہۄ چھکھا ہۄ گام وُچھان" بڈی ووٚنُس۔ "گُلہ ہتی ڈلتھ بس اَتہِ گٔے چھس بہٕ۔"

"یور رِکتھِ کٔژ لوٚ گُکھ۔" تمی پرژ ژھُس۔

"ژٕلِتھ آس۔"

"کیاز؟"

"یٚیلہٕ ؤنِتھ آم۔"

"ژٕ ےٚ کیاہ گاسہٕ اوسےٚ ناپہوان۔"

"گاسہٕ اوسُم پہوان، مگر أزی یتھ تہٕ اوسُس ٹلان۔"

"گوٚڈھکھ کوٚت؟"

"ژلنہٕ وِزِ سوٚنچ نہٕ مےٚ تہٕ۔ تمہِ وِزِ آو مےٚ یِی خیال بس ژلہٕ ہا۔ وونی چھم نہٕ آگ باگ یِوان کوٚت گوٚژھ۔ بہٕ یوٚت گوٚژھ مےٚ اَنہٕ ناوِ مأ لِکھ کاوِ نہٕ آلہِ منٛز کَڈِتھ۔ سُہ چھُ وُٹکر اِنسان۔"

"ژٕ ےٚ چھےٚ تُنُد خبر کیاہ بوٚغض" لوٚکٕٹ وُٚنُس۔ "پیٚژ انفرتھ سینس منٛز پائنٛ چھےٚ نہٕ جان۔ اَکہِ لٹہِ سوٚنچ، سٕتھ کتھِ کٔنی چھُ چانہِ خأطرٕ گاسہٕ کھٔنج. پھل بیٚترِ مو ہیا تھوان۔ اَمہِ کھوتہٕ کیاہ گوژھےٚ کرُن۔"

"ژٕ ےٚ چھےٚ غلط فہمی۔ یڈٕ ستی چھےٚ نہٕ زڈٕ نیران۔ یہنٛز اصلی بُتھأ رچھےٚ نہٕ دُنہِ وُچھمِو۔"

"ہے مےٚ کُن کرسأ نظر۔" لوٚکٕٹ وُٚنُس تھدِ پٲٹھ۔ "دوٚہس چھس نژان، گاسہٕ کھوان تہٕ ہوکھریٚن پتہٕ پتہٕ پھیران۔ مےٚ گُرنہٕ مأ لکن زانٛہہ رأچھ۔ بہٕ چھس اُش کران اُش۔"

"وُنہِ چھکھ لوٚکٕٹ پٲٹھ۔ موقہٕ یِیہ نَے میانہِ کتھٕ کرٕکھ یاد۔"

"مےٚ بوز ناو کیاہ کرٕ یاد۔" لوٚکٕٹ وُٚنُس۔

"بوز۔ بہٕ اوسُس سفید رنگہٕ زامُت، بلکل سفید۔ یہِ چھےٚ وٕ ھر کتھ زِ تاپن

تھوٗس نہٕ بہٕ پٔنٕنہِ رنٛگہٕ۔ سفید رنٛگس ہیٚتۍ اوس مےٚ بڑ وٹھۍ مس ڈٕچھنٛس نیٚٹس سفید داغ۔ اوے اوٗسُس گامس منٛز سارنٕے ہِدٕون۔ دپان پٔنٕنۍ حاکمی ہاونہٕ خاطرٕ چھُ پیٹھم تِتھی فاصلہٕ نِوان۔ سُہ زن گوٗیُس ییٚتہِ واتہِ ہَس تھوٗن، تس چھُ نِوان، یُس نٕین واتہِ ہَس تس چھُ ییٚتۍ تھوان۔ بہٕ تِتھے زاس میانٛی ماجِ نہٕ یَن۔ ہرگاہ سوٗ وٗنہِ لوٗکٕٹ شریف تہٕ شٕیجٕ اُس۔ تسنٛدِ مرنہٕ پھٕوٚل تمو دوٗدِ پاوٕنشہِ اَتھٕ بمع لوٗگ مےٚ تہٕ بڑکھ۔ بہٕ مالگہٕ ہا دولن تہٕ دکن تہٕ کِھنہٕ دادِ آسہٕ ہاموٗ دمٕت، مگر لچھِ ترٕو گٕن آے اٗسنٛہ میانہِ مالکنہٕ، تیمۍ مےٚ ماجِ لاج تہٕ رٕدٕ چھنس۔ سُہ اُس مےٚ دوٕہَس دوٕیہِ لٹہِ کھٕوٚرن تل رٹان تہٕ ولگہٕ گوٚل آپراوان۔ نتہٕ اُس ہا کہٕ بٔرگ کھیاوان یوٗ تانۍ بہٕ اَمہِ بڑ کہٕ دڑ اس۔

یُس لوٗکٕٹ یا بوٚڈ مےٚ وُچھان اوس سُہ اوس دٕوری کرٕکھ دِوان "پڈر چھوٚت" مےٚ سوٗنٛچ گوٕلٹہِ ونکھ بہٕ ناپھس نہٕ پڈر چھوٚت مےٚ ہا چھُ نیوٗٹ سفید۔ مگر تِمن تھی اُہم زبان کلان، گوڈٕ گوڈٕ اوٗسُم نہٕ فِکرِ تران زِ یہِ رینٛوٕ چھکھ مےٚ کٕنڈٕ ہوٕ، مگر وارِ وارِ تورُم فکرِ، تہٕ یہِ بوٗزِتھ اوٗسُس ژنگرٕ ٹلان یوٗ تانۍ مےٚ حاٗل گیہِ۔ پتہٕ آسہٕ ڈٕچھنۍ کھوٗرٕ "پڈر چھوٚت پڈر چھوٚت" کرٕ ییکہٕ گوٚھان مگر مےٚ اوس نہٕ امیک کانٛہہ اثر پیوان۔ بہٕ اوٗسُس پانس تشفی دِوان زِ ہوٗن چھُ دوران تہٕ کارخانہٕ چھُ پکان۔

مےٚ اوس ڈٕچھنۍ کھوٗرٕ سوٗرٕ ے خوبصوٗرتھ لگان۔ اگر کانٛہہ ہیٚتم اوٗسُم سُہ اوٗسُم مالکہٕ ہنٛزِ ہوٗرمتہٕ دڑنک۔ سُہ اوس مےٚ وُچھِتھ وولان تہٕ ووہوان۔ "شام" لفظ اوس میانہِ خاطرٕ تسنٛزِ زیوِ پیٹھ۔ سُہ گوٕلٹہِ اوس یہِ لفظ دوٕہَس مےٚ گٕن ونان، مےٚ روٗز نہٕ گرٕ ژند۔ "کوسہٕ بلایہِ روٗدیہِ پتھ گٕن؟" سُہ اوس کتھِ پیٹھ ونان۔ "تمہِ دوٕہہ آسہِ ہے
شام پینوس

ماجہِ ستۍ گومُت ۔" مگر یہِ اوٗسس زِنٛدٕ تہٕ دوہہ پتہٕ دوہہ اوٗسس وُستھ کران تہٕ گامس نژان ۔ یہِ اوس نہٕ تس برداش، نہ اوس مےٚ خواہ مخواہ تنگ کران، زن اوٗسس میانہِ ناوِ ہووٗمُت ۔ شامن اوٗسم کم گاسہ ترٛاوان ۔ یاما اوٗسس یہ یڈ بوڈ ۔ یہِ اوٗسس تس گانس مَنٛز نظر تھوان ۔ کُنہ دِزِ ییلہِ دأرنٛج اَسِم دزان یہ اوٗسس وأہی تبأہی ونان آسان ۔ یئت یئت یہ تس ووہوان گوس تیئت تیئت اوس نہ پھولان زن اوٗسس میوٗن ووٚٹھوٗن آہی گژھان ۔ تمۍ أنی بیا کھوٗ گاو ۔ اَسہِ پیو یکجا روزُن ۔ میانہِ سفید رنٛگٕچ گیہ تس رئش ۔ یاما باسیوٚس مٔندل ویوفٹھ ۔ سوٗ اس اژوٗن نیروٗن ہینگ ٹسان ۔ ہنگہٕ تہٕ منٛگک وٹُرٕد رؤ داسہِ ۔ ناخوردونابوردو ۔ توتہٕ ٹھولہٕ ٹھول ۔ کُنہ دِزِ أس سو بڈ ٹانگہٕ دِوان ۔ تمہِ دِزِ اوس مألکھ یوان تہٕ یہ اتھس منٛز آسہِ ہَس تمہِ ستۍ مےٚ ژروٹہٕ وان ۔ یہٕ اوٗسس مار کھبتھ پتھر بہان تہٕ شامن اوٗسس نہٕ کُنہِ چونٛٹھ لاگان ۔ سوٗ اس خوش گژھان ۔ مَنٛزی اوٗسم مألکھ دوہس ٹکلس گنٛڈتھ تھوان تہٕ کھیٚن چیٚن بند کران ۔ پزٕ چھِ گاونیاے سأری بوزان تہٕ دانٛدٕ بہے نیاے نہٕ رٕہنے ۔ تِتھین موقن پیٹھ أس مےٚ مألکنی اَتھ پیٹھ تھوان تہٕ ژوٗرِ ژوٗرِ ژأرُن یادبلہٕ بوک دِوان ۔

اَمہِ وبروٗدٕ ستۍ ہیوٚتنس یہ ہوکھُن ۔ تِتھے اَسہِ نبر أسی ترٛاوان مےٚ أس نہٕ پَژھ یوان اَمہِ پھاٹکہ منٛز دژاسا ۔ یہٕ اوٗسس سارنے بزٕ ونٛٹھ بزٕ ونٛٹھ ژلان ۔ بزٕ ونٛٹھ بزٕ ونٛٹھ ژلنہٕ خأطرٕ تہٕ أسم چوب پیوان ۔ سفید رنٛگہِ کنٛز اوٗسس دوٗر پزٕ زناونہٕ یوان ۔ کھٹُتھ تہٕ اوٗسس نہٕ ہبکان رؤزِتھ ۔ بزٕ ونٛٹھ ژلنس اوس وجہہ تہٕ ۔ مےٚ أس یڈ

أڈے روزان، لہٰذا اوسُس ییتھ گاسہٕ، ہُتھ داں ہُرِس تھف دِوان۔ یُس مے ڈچھِ ہے سُہ اوس ڈنڈٕ پزتھ زٕ پزتھ دِوان۔ یوٚ تانیٚ ووڈِ ژنجہِ کھوٚ ربنیوٚس۔ ژٕ چھکھ نا ونان ماٗلِکھ کیاہ چھُ سُہ سانہِ خاطرٕ کران۔ اگر میانٮن شانٮن وارٕ وچھکھ تمن آسن لُٹہٕ موجوٗد۔

اکہِ دوہہ نیوٚہس بہٕ کنس تھف گرِتھ کھاہس پیٹھ۔ مے دِژ بزٕ ونٹھے ڈبکس ژنڈ خبر کیاہ پھنٚڈی چھے آہِژ۔ وتہِ دِتم اکھ زِ دژ سہٕ۔ یُس چوٗرُ مے کنس تھف گرِتھ اوس تس زن اوس ششتر واتھٕ۔ رتہٕ پھُٹ کھاری نم کنس۔ اگر زورٕ پہن درٕ دِمہٕ ہاکن مانیر ہے موٗلہٕ۔ لہٰذا پوٚگس ژھوپہٕ گرِتھ۔ وتہِ ڈچھم بیٚیہِ دانٛد گدامہِ بغاٗرے پکہٕ ناوان۔ "اما گوٚژھن کوٚت چھُ" مے سوٚنٛچ۔ تمن دانٛدن باسیوٚس بہٕ کنس تھف گرِتھ پکہٕ ناونہٕ کُنہِ بدماش۔ تم اٗسی مے ڈچھِتھ گردن ہورگن پھرِان۔ بہٕ وول ہس اٗکس ڈوٗرِس منز، ییتھ بیاکھ دانٛد اوس پزاران۔ تمیٚ ترٛاوٕ مے دولہٕ نظر۔ تسندِ امہِ وطیرٕ ستیٚ گرنہٕ مے تس ستیٚ کتھے۔ مے کیاہ مصلحتھ اٗس تس ستیٚ کرٕنی، مے اوس یی پزٕ ژھُن زِ ییتہِ کیاہ چھُ گرُن۔ ییتِس کالس واٗژالہٕ باٗنیٚ تہٕ یہِ گٔنڈٕ کھ مے گردنہِ پیٹھ۔ ڈُنہِ اوس گنڈ گرنے زِ اٗمی چوبرن ڈیٛتٕ مے لورِ دب تہٕ پوٚژھرِس "ژنے شام" ڈٕنتھ سُہ دکہٕ زِبہٕ آیوس الہٕ بانہِ چھاونہٕ علاٗر ہتہٕ تھزِس گیم ڈستھ۔ پکہٕ جاٗہِل اوس سُہ تہٕ اٗمس نِش اوس تیرٕ کی پاٗٹھی ژلُن بہتر۔ مگر مے اوس گنڈ کرنہٕ آمُت تہٕ ژٕلِتھ ہیوٚکُم نہٕ۔ تمیٚ کرٕ اونٛڈی موچھِ تھف تہٕ ہاٹھ وایان ہیتِنٛی اٗسی پکہٕ ناوٕنی۔ ییمہِ وِز، سُہ دب اوس ترٛاوان مے اوس باسان یہِ ٹاس چھُ صرف میانٮن شانٮن گوٚژھان

تہٕ دوٚیمِس پھوٚتہٕ اَکھ دب تِمِس اوس خاۂلص کرٕ کھ کرٕ کھ کران۔

أسی آسی چکر چکر دِوان تہٕ الہٕ بأنی آس پھرٕ اٹھ پھرٕ اٹھ دِوان مےٚ ژٕ پیچہٕ ستی گردنہِ گگھر۔ پھیوٚک آم مُرنہٕ۔ پیٚٹھٕ ا دَگ گرٕن زِمےٚ باسیوٚ و ژوٚ ہیوٚ تُن اپأری نیرُن۔ مےٚ لرِیُس داند اوس سُہ اوس عزٕسان پکان۔ مےٚ اوس نہٕ کینٛہہ پلہِ پھوان کیٛاہ کرٕ۔ ییٚلہِ مےٚ دشوار گوٚ پکُن، مےٚ کوٚر سورُے طاقتھ یکجا، کُنُے یِل دِتُم ہٕٹ قلمہٕ آو ژھیٚلتھ تہٕ رنٛدُکھ گویلہٕ۔ بہٕ ژوٚلُس۔ شور ووٚتھ۔ گرٕ ژس لاریوٚ و مےٚ پتہٕ۔ مےٚ سوٚنٛچ بچنٕک موقہٕ چھُ ییٚہے۔ یوٚ تاہ ہیوٚ کُم تیوٚ تاہ دوٚرٕیوس۔ یوٚ تاہ تیز اوسُس نہٕ بہٕ زانہہ دوٚرٕ بوٚمُت۔ سُہ اوسُم پتہٕ لاران۔ یوٚ تانی أکِس بیرِ ڈُلہٕ گو۔ ژلان ژلان ووٚتُس بہٕ بیٚیِس گامس منٛز۔ اَتہِ أسی پانٛژھ اُٹھ نفر سیرِ ساران۔ اِنسان باسیوٚ م عزرایل لیہازا روٚ ژس یمن نِش دوٚرٕ رے۔ مگر کھری شُر بن پیٚنہِ مےٚ پیٚٹھ نظر۔ تِمو واتہٕ نوٚہَس کنہِ دِوان سیرِ والین نِش۔ مےٚ ترٕ ووٚ کھ پتہٕ بو دابرٕ وٕنٛٹھ کنہِ۔ أندرم اُسم سانگر یمتی تہٕ بہٕ بیوٚ ٹھس سورُے کینٛہہ مُشرِتھ کھیٚنہِ۔ ییٚتِس کالس آیہِ ترٕ ے نفر رز ہیٚتھ تہٕ بہٕ روٹہٕ ہس۔ یِمو پکہٕ نووِہَس بہٕ لوٚب کُن۔ بیٚیہِ نفر سے یہِ۔ أکِس نفرس تیٚمِس گونٛژٕ آسہٕ وُٹھتھ تہٕ شکلہِ اوس مُہیب، أس شرٕ اکھ اَتھس منٛز۔ تِمن اُس سیرِ کونٛدٕ لائگنہٕ تہٕ بہٕ دِتُس قو درتن تِمن برٕ ونٛٹھ کُن دأرِتھ۔ اسمانہٕ پھوٚس گُلِس گوس روٹہٕ۔ یہِ شرٕ اکھ وُچھتھ ژایم تھرٕ تھرٕ۔ کوٚٹھی پھُٹم۔ درٕ اگہٕ ماگہٕ بچوس ووٚنی روٚ زنہٕ کانٛہہ برٕ انتھا۔ ووٚنی باسیوٚ م زِپٛنِس گرس منٛز اوسُس شاہ۔ تِمہِ ستی کیٛاہ گوٚ پڈرٕ چھوٚت اُسم ونان یا گاسہٕ اوسُم کم پھوان، یا وانہِ لاجوہَس۔ زِنٛدٕ تہٕ اوسُس۔ اگر واپس گرٕ واتہٕ ہابہِ کرٕ ہا

تتھ طواف تہٕ برنیر ہانہٕ زانہہ ۔ مگر وونی کتہِ ۔ ژھرژ بٕہ ژھرژٹ ، روشن تہٕ توشن بہِ اوس پیٚتے ۔ گونوھلن دِتی شرٛاکہٕ کنہِ پٹھٕ زٕ ژوٚر پھش تہٕ اونگجہِ ستیٚ ژچھنس دار ۔ بہٕ اوسس تس نظر تھوٚتھ ۔ تیٚتس کالس گرٕکھ مےٚ زنگن رز ۔ ساروٕ ےلوٚم ہم یکجاتہٕ بہٕ پیوس ژھنہٕ دِتی مس کلکی پاٹھی پتھر ۔ اَڈٕ بوٚ گرزنگن تھف اڈٕ بولِٹس ۔ گونوھل آوٕ مےٚ گرٕہتھ ہٹس تھف ، کنیا تھانی پوٚ رُن ، یُس مےٚ کنوٕ ہوٚ زنہٕ ۔ تہٕ تتھے شرٛاکھ ہیہ ہے واتہٕ ، زِ تمی جوانن یُس مےٚ ژھنہٕ زنگہِ اوس تھف گرٕتھ دِژ زوٚر کٔرکھ یوسہٕ مےٚ امہِ وِزِ پانس فکرِ تٕرنہٕ ۔ مےٚ موٗراٗدٕ کھ رز ۔ تہٕ بہٕ ترٛووہس یلہٕ ۔ یہٕ چھا زانہہ بنیوٚمت ۔ زِ کٲنسہِ ترٛاون شرٛاکہِ تلہٕ یلہٕ ۔ یہٕ اوس توٚن مجزٕ ۔ مےٚ آیہٕ نہٕ پٔژھ بہٕ چھسا زِندٕ ے ۔ گردنہِ دِژِم پھرن ، اماسارٕے چھاواٗتھ ۔ صرف لوٚگم پھکیس شُکرٕ انکی لفظہٕ آیہٕ نہٕ مےٚ ذہنس منز ۔ یُتھ خوش اوسس ۔ سہٕ جوان یُس مےٚ ژھنہٕ زنگہِ اوس تھف گرٕتھ اوس مےٚ گرٕکن پکہٕ ناوان ۔ پتہٕ بوٗزمےٚ سہٕ اوس میانِس مالِکس بیٚٹھر تہٕ تمی پرٛز نوٗدس بہٕ چھبہٕ عبہٕ کنٕی ۔ تمی واتہٕ نوٗدس بہٕ گرٕ واپس ۔ گرٕ واتتھ چھس سوٗنچان بیٚیہٕ کینٛہہ آسہٕ ہم دیٚس موٗنگمت سہٕ تہٕ مابنہٕ ہے ۔ گرٕ پیٚیم بیٚیہٕ چوبہٕ اتواراٗ ۔ مگر مےٚ کوٚریہٕ وونی اَسان اَسان برداش ۔ اُف تہٕ کوٚرُم نہٕ ۔ اَندری اوسس سوٗنچان شرٛاکہِ مُقابلہٕ چھنے ییمہٕ پوشہٕ ژنجہٕ ۔ "اَزٕ ہس بد ترنہٕ گردوٗ ۔" بہٕ اوسس اَکھ اَکھ ٹاس کھوان تہٕ ونان ۔ اَکھ ٹاس آم پھکیس ۔ زن گواتھ اَڈٕ ۔ سخ دگ گرٕنم ۔ خاٗلص گِلہٕ نوٗم کلہٕ ۔ زن اُس اتیتھ تمی گونوھلن شرٛاکھ ہنز چھپہ دژہٕ مو ۔ ژیٚری پھن آس بہٕ بیٚیہٕ زنگن رزٕ گرٕتھ پتھر پادنہٕ ۔ مےٚ سوٗنچ شاید چھُ میوٗن مالِکھ تہٕ بُتھی کنٕی آمُت تہٕ مےٚ چھُ مارُن

یُتھ ھان ۔ ہُتہٕ اگر اِسندی بیٚنتھرن شژ اکہٕ تلہٕ کوٚ ڈلس، ییٚتہٕ کُس بچاوِیم ۔

ییٚتتھ بہ پھرپأوِتھ اوسُس، تمہٕ اوٚری ہُند پہن اوس نارٕ الاو دزان ۔ امیک تیزٕ راوس مےٚ تانی واتان ۔ اَتھ منز آسی دزاتی آہتی تھونہٕ ۔ تہٕ یم آسی ووزٕلی نارہوی گمتی ۔ پھری کھنڈی آوبیا کھ مہیب نفرا، اَکھ دزوت کوٚڈن نار منزٕ تہٕ آو میانہٕ گردنہٕ نِش ۔ قوہ رتایہٕ ماکرِ مےٚ امی ستی کھش ۔ مےٚ سوٚنچ ساری لگی اتھی گردنہٕ بلایہٕ ۔ مےٚ وچھ اُچھی ۔ بییہٕ کیاہ ہیکہ ہائرِتھ ۔ تمی لوٚگ مےٚ پھیکس اَندی اَندی دزوت ۔ ژھرگو ۔ مےٚ وایہٕ زنگہٕ ۔ مگر تمن آسہٕ تنابہٕ گنڈتھ ۔

ذہن منتن لاگِکھ مےٚ دزاتی ۔ زل مل ژوٚلُم نیرتھ ۔ اُخر تژ ووہس یلہٕ تہٕ دوہس روٗدُس گدُ اَمس گنڈِتھ ۔ کینہہ کالا گوٚہتھ گوس صحتھ یاب ۔ پھیوٚک تہٕ گوم ٹھیکھ ۔ صرف اوس تژ ورنہٕ ستی لگان ۔ مگر الہ بأنی روٗزمےٚ پتے ۔ صحت یاب گوٚہتھ نیوہس بییہٕ کھاہس پٹھ تہٕ لوگ ہس الہ بانہٕ تل ۔ ووٚنی پوٚکُس بہ رٔتھی ۔ ژلنچ تہٕ اُہم نہٕ کانہہ خاہش روٗزمژ ۔ یوسہٕ الہ بأنی پٹھ کھسنہٕ وِزےٚ ژٔنگرِ تجے یہٕ تتھ ہیوٚت مےٚ لمن تہٕ زمین وایِن ۔ اَکھ فرق آیہٕ ۔ ووٚنی اوس مےٚ کھین میلان ۔ وأپھرِ ۔ کھین کھینہٕ ستی تہٕ کامہٕ ستی آو مےٚ جوٗانی نکھارتہٕ مےٚ ہیوٚت ٹوکہٕ زوٗکرن ۔ میأنی جتھ ہیوٚن چمکنی ۔ قو درتُک اوس مےٚ لوکچار پٹھہٕ کیاتھانی دیٚت زبہ اوسُس مأری موٚندتہٕ صحتھ کرنہٕ ستی بنیوس وارٕ مأری موٚند ۔

میأنی چمک وُچھتھ آسہٕ ہوکھرِ روٗزتھ گوٚھان ۔ سارے آسہٕ پننہٕ پننہٕ آیہٕ مےٚ پھلاوان ۔ مےٚ وُچھتھ آسہٕ ٹانگہٕ دِوان ۔ مےٚ ہیوٚتن ٹنگن رس پیوٚن ۔ اَکھ

عجیب سرٕ و اوٚسُس موسوٗس کران۔ باٗژ بوچھ تیزے یہ مےٚ پیٚو اِز سورٕ ے، ہیٚتم ہیوٗتِن مُشِتھ گوٚھمُن۔ گاٗون اوٚسُس ہتۍ ہتۍ پکان تہٕ ہوکھرِ ین پتہٕ پتہٕ۔ سبٹھاہ کوٗشِش کٔرِم اَتھ نارس دِمہٕ ہانزِ، مگر زنگہٕ آسم اٗرۍ گٔن پکان۔ کٔنہٕ وِزِ اوٚسُس سوٗنچان یہٕ عاشق معشوقی تراوِتھ تہٕ پننہِ کامہِ ہتۍ روز دنہٕ پنہٕ، مگر سوٗندرٕ ژٕ چھتھے اوٚسم نہٕ پانس پیٹھ تختیار روزان۔ کٔنہٕ وِزِ اوٚسُس وُچھان، پانس بٔڈ یم مےٚ بب شوٗبہٕ ہن، اُس پھلواین ہندۍ پاٗٹھۍ گاٗون پتہٕ دوران۔ مےٚ روٗدنہٕ پانس تانۍ۔ یپاٗرۍ نیران اوٚسُس، تپاٗرۍ اوٚسُس خرصہٕ چوٗنظر وڈٗنۍ دِوان۔ تتھے یہٕ بھوٗت چھُ سوار گوٚھان ووسہٕ چھِ ہیوان ناہ ناونہٕ۔ اَسہٕ آسہٕ پانہٕ واٗنۍ لڑایہٕ متھایہٕ گوٚھان، اکہِ دوہہ دِژ مےٚ پتھ کرنہٕ خاطرٕ اُکس بکھرِس ٹھول۔ سُہ آو پتھرُ رکاونہٕ تہٕ روٗنکھ گوس نیر تھ۔ تھوٗ دہیوٗک نہٕ ڈٕھۍ تھے۔ تمہِ پتہٕ وُچھنہٕ مےٚ سُہ زِہے۔

مےٚ اُس خبر زِ میوٗن ماٗلِکھ چھنہٕ میاٗنِس اَتھ چھوٚرِس خوش۔ تِکیاز سُہ اوس مےٚ اَتھ پیٹھ مٔژرۍ مٔژرۍ ژیٹہٕ کاٗرۍ کران۔ حالانکہِ یہٕ اوٚسُس گاٗون پتہٕ لاران۔ تہندِس کاٗنسہِ اوٚسُس نہٕ۔ مگر تو پتہٕ اوس سُہ مےٚ لایان۔ گوڈٕ اوس سُہ دوگ دِنے تہٕ بارو تہٕ دوگ دِتھ تہٕ بارو آسان دِوان۔ لیہازا اَتھ ہیکہِ ہے نہٕ کاٗنہہ یِلاج سپدتھ۔ یہٕ اوٚسُس خاٗہشہِ ہندِس آولنس منز آمُت ہہنہٕ۔ کاٗم کران اوٚسُس یی سوٗنچان، کھوان چوان اوٚسُس یی سوٗنچان، تہٕ تھکھ کڈان اوٚسُس یی سوٗنچان۔ اَمہِ خاٗہشہِ کوٗ ڈٕس یہٕ اٗنۍ اٗنۍ۔ کٔنہٕ وِزِ اوٚسُس سوٗنچان پزٕ ژھکھ توہہِ کیوٗ ہوکو روٗ پننہِ وِزِ۔ مگر یمہِ کتھِ چھِے سپنس منز وڈراونہِ پیوان۔

اکہِ دوہہ ترٛ ووُس نہٕ بہٕ مأ لکن کینٛہہ نبر۔ اَمہِ دوہہ تہٕ گوٚمے شک خبر کیٛاہ شہمتھ چھےٚ۔ گدٕ اُمِس گُنٛڈتھ نیوٚہُس بہٕ اُکِس خوبصوٗرتھ بِلڈنگہ نِش۔ اَتہِ اُسی نفر جورا۔ اَکھ ویوٚ ٹھ بوٚٹھ بیٛا کھ توٗن تہٕ ترُٛکھ۔ ہِکی نفرن گُنٛڈ مےٚ زنٛگن رز۔ یہِ رزتہٕ روٗزمےٚ دوہے پتہ۔ تٔمی دُیٛت اَکھ دژسہ بہٕ آس پھرلاینہٕ۔ کتہِ پانٛژھ شبے نفرتہٕ کتہِ یہِ گُنٛےٚ زون۔ ہرشِس گوس۔ مےٚ توٗر فِکرِ اِنسان چھُ اَکھ اُکی ہِندی کھوتہٕ ترُٛک تہٕ اُسی چھِ نہٕ تِمن مُقابلہٕ کہیں۔

ژیٛتِس کالس آوٕسہ ویوٚ ٹھ پوٚٹھ نفر نپہ نپہ گرُدن شرٛ ژوہتھ۔ تٔمی رٔچہ اتھن مَنٛز میانہِ کھایہِ۔ مےٚ گوٚ کتہٕ۔ اُمِس کیٛا سنا یمن گرُن، مےٚ سوٗنٛچ۔ تٔمی ترٛ وو اَتھ یلہٕ تہٕ رچن شرٛ ژوہتی۔ مےٚ چھےٚ خبر یہِ چھُ یمن گِنٛدان۔ یوٚ تانی تٔمی بژکھ، دُیٛت۔ کرٛ پھ گوٚ۔ مےٚ اَلے یہِ دنٛد۔ اچھن گوم اَنہِ گوٚٹ۔ ییلہِ بہٕ تھوٚ دوٚو تھُس مےٚ باسیوٚ وبہٕ چھس ٹھیکھ۔ خأیِص اوٗسم بژکھ چھِ جایہِ لگان۔ اپأری زن اوس نہٕ حبسے۔ مےٚ آو اُنٛتھر۔ یہِ ژدل گوٚ دگری مِتِس بانٛکی پأٹھی نیرِتھ۔ سوٗ خأہش، سُہ ولولہٕ تہٕ حرص یُس مےٚ اوٚ تانی اوس گوٚ غأب۔ مےٚ باسیوٚ و بہٕ بنیوٚس میٛژ بون۔ زِنٛدگی ہیکہِ نہٕ بنیہِ تِتھ بُنِتھ، یژھ بژ وٕنٛتھ اُس۔ اسوٗنی رنٛگہ ریوٗنی تہٕ سجر گرن واجیٚنٛز۔ تنہٕ پتہٕ چھس مِشینہٕ ہِندی پأٹھی کأم کران۔ دوہس زمین ٹُلان تہٕ راتس شولگان۔ وونی توٗر مےٚ بیٛاکھ زِنٛدگی ہُنٛد راز فِکرِ۔ یٚمہِ بےٚ مزٕ زِنٛدگی کھوتہٕ اوس شرٛ اکہٕ ستی مرُن بہتر۔

بہٕ چھس وٕنہِ جوان۔ وأنُس چھم بُتھِ۔ قوٗدرتھ زانہِ بژ وٕنٛتھ کیٛاہ چھُ دٕچھن۔ اِنسانس نِش چھِ ہتھ ژھل تہٕ ہتھ تماشہِ۔ وونی چھس سوٗنٛچان یٚمہِ کھوتہٕ

بدترہیکہِ نہٕ کینٛہہ اٚسِتھ۔

یِہٕ اوٲلی فُرصتھ پیٚیم اوٚے وٕنۍ تِکیاز ژٕ اوسکھ اِنسان ہٕندی سٕنٛز تأریٖف

گران۔ژٕ پرگومے پٔز وونی نیرُن۔

ژٕ نے ماچھے دُنہِ/ہٕنٛز اتھ ہاوی ہتٕ، تَوٕ ے چھکھ بےٚ غم ہِتھ ییٚلہِ پنٛنٕز اتھ

ہاوی اِدُ وچھِ بہٕ ژٕ کرٕ کھاتسٕندی تأریٖف۔ژٕ پرگومے ما آسن وژاہتٕ ژھارنہٕ۔مے

پٔز نیرُن۔یتھ یِموٲسرتہِ یَو دٕ رژلہٕ۔

......☆☆☆......

# وُتاولی

ڈالی آس بےٚ ہوش تہٕ أتھی حالتَس منز واتژ ہسپتال۔ دۄیو ڈاکٹرو کوٚرتس مُلاحظہٕ۔ تِمو کٔری تیز تیز مشورٕ، تہٕ صحی نتیجس پیٹھ واتنہٕ خاطرٕ پژ ژِھکھ تسنٛدِس مأیس اوٚ مکارناتھس کینٛہہ سوال۔ تِمن وُٚنکھ سیٚو دُے زِ تمہِ اوس گُستاخی زہریلہٕ چیز کھیوٚمُت۔ ڈاکٹرو کوٚر فٲصلہٕ زِ گوڈٕ گژھِ تس معیادٕ یُن چھلنہٕ تہٕ صاف کرنہٕ۔ چنانچہِ ٲسہٕ گیہِ جمع، شیشِو سامانہٕ تہٕ ربرٹیوٚب وغارٕ أنِکھ تہٕ وُچھان وُچھان لجہِ تس پانٛچہٕ بیترِ زن آس بیڈس پیٹھ ہتھ زونگ سأدِتھ۔ ڈالی اوس وُنہِ امبرسٲتہٕ بچےیہٕ۔ اَتھ سأرسے وقتس روٗزتسنٛز مأج تس وۄدنی وۄدنی، ییٚلہِ زن مول دۄیمہِ دۄہہ پتہٕ آونہٕ تور۔ ڈالی ہُند زہر کھیوٚن اوسُس دیکھس داغ گوٚمُت تہٕ وۄدنی اوس نہٕ ہیکان کانٛسہِ بُتھ دِتھ۔ کتھ آس نہٕ تیژا سنگین یتھ پیٹھ زن ڈالی زہرٕ گٔبھنچ نوبتھ گژھ

واتنۍ ـ مگر زِندگی ہنٛدی دباو چھِ نہٕ سارنے خاطرٕ ہوی ـ کینٛہہ چھِ برداش کران کینٛہہ چھِنہٕ ـ

ڈالی اُس جان خوٗبصوٗرتھ ـ اَتھ پٮ۪ٹھ ووٚنُس ماجہِ مٔنزی مٔنزی ژےٚ چھے ریشم ہیوٗ مس ـ تس باسیوٚ وےٚ چھُ کیٛا تھانۍ صِفتھ تہٕ بہٕ چھس بیٚین نِش بڈوٗن ـ یہِ خیال گوٚو تاہ پوٗٹھان زِتس ہیوٚتُن پننہِ برتری ہنٛد احسان سپدُن ـ اگر کینٛہہ پرٛگی اُسس، سو ہیوٚن فاشنہٕ ستی برابر کرٕنی ـ مستکۍ ستایل آزماوان ژوٚتُن مس ـ کٔزِ پہِ ہَن کٔزِ پہِ ہَن دِتھ ووت یہِ پھسکوٚ ہیوٚ ریتھ پرٛانی اُسی کھکھٕ ونان تہٕ نٔوی "کٹ گُرتھ" ـ تنگ تہٕ کھُلہٕ پوشاکھ آزماوان ـ سینٹ تہٕ غازٕ بیٚترٕ موتھن ـ تازٕ وٲقفیتھ خاطرٕ اُس "فیمینا" پابندی سان پران ـ ییم فاشنس ستی بلواسطہٕ یا بلاواسطہٕ یا خوبصوٗرتی ہنٛدس ناوس پٮ۪ٹھ موشوٗر اُسی، تِہنٛدی ناو تہٕ زِندگی ہنٛدی واقہٕ اُسس اُشناون ہنٛدِ کھوتہٕ زیادٕ خبر ـ

تمہِ موکلوو سایکلوجی منٛز ایم ـ اے گُرتھ ـ سو اُس ووٚنۍ بلکل بدلے موٚ ـ کتھِ پٮ۪ٹھ اُس ونان مےٚ گوٚژھ نافکرِ ترٛن ـ بٔنۍ مہِ ژھرِ ہنٛدِس کانٛسہِ نفرس، تتھ منٛز چندٕ چھنٛ تہٕ شامل اُسی ستی رٕلن میلن اوسُس پننہِ وبقارٕ بون باسان ـ ییتھین موقن پٮ۪ٹھ اُسی اَمہِ قسمک وطیرٕ کران زِتم اُسی تس نِش دوٗر روزان ـ سٲری اُسی ونان اَمِس چھے خبر "بہٕ چھس" "بس بییہٕ نہٕ کانٛہہ ـ

اَڈ مکار ناتھ اوس گزیٹڈ افسر ریٹایر گومُت ـ تمۍ اوس جان پانٛسہٕ کموومُت ـ رِٹایر گوٚھبتھ تہٕ اوسُس دوٚہ رپانٛسہٕ ٹوٚنک آمُت ـ تس اُس آخری ذِمہٕ وٲری ڈالی

لیس سٕہ سیٚدٕ بتھٕ اوس یٚژھان کھانٛدر کرُن تہٕ پتہٕ سونٛی گرٕ ژانٛنۍ۔ تٔمۍ ٹلۍ روپیس پانٛژھ ہتھ تہٕ گو "میرج بیورو" والین ہیتھ۔ تورٕ آو ٹیکۍ نہٕ بوزراوِتھ۔ اَجہٕ رٔلۍ پہٕ، اَجہٕ رٔلۍ پہٕ نہٕ۔ یِمہٕ رٔلۍ پہٕ تِمن سوٚزٕ کھٔشیچھ شریف چھا، چوان ما چھُ، مولوٗم کران کران آیس یِسرٕ۔ تِکیازِ کٔشیٖر یتھ اُس رب تہٕ سب ۂشی گٔمژ۔ یہٕ اوس سٕہ سُتھرٕ ڈیوٗنگ بنیوٗمُت یتھ کُھر اوس آمُت۔ ییرس چھُ کُھر نیران مگر سُتھرس نہٕ۔ وونۍ اگر نہٕ مولوٗم کرِ ہے کُنہِ جایہِ ما پھسہِ ہے تاونس۔ یِسرٕ یتھ تھوٚد سارِوٕے پنہٕ مَنزُتھٕ کٔرِتھ۔ نہٕ کوٗر کاٗنٛسہِ اُنکار نہٕ اِنکار۔ صُبح شام لوٗگُس یِہے کارٕ بارا۔ پادٕ پھٔلِس۔ وارٕ وارٕ ییٚتۍ نِس تسلا گٔژھنۍ۔ "میرج بیٖوٗرس پٹھ کھٔسن گو ٹکسالہِ کھٔسن" تٔمۍ سوٗنٛچ۔ "اما اَتہِ چھا کاٗنٛسہِ کام نیران۔" تس اُس نہٕ خبر کورِ کھانٛدر رچھُن یوٗتاہ مُشکِل بنیوٗمُت۔

ڈالی ییٚلہٕ بوٗزتس چھِ کھانٛدر رٔژھانڈان، سو گیہِ برہم۔ پٔتھ ییٚلہِ بوٗزُن زِ لیس لیس تِمو شیچھ سوٗز، تِمو روٗٹ تورٕ دم سو گیہِ وارٕ ژکھِ۔ صُبحٕ اے آیہِ مائِلس تَلکھ کرنہِ یتھ کنٛۍ لوکچارس کران اُس۔

"پاپا توہۍ کیازِ چھِوٕ پیٚو اوٗتاولی کران میانہِ کھانٛدرٕ خاطرٕ تمہِ ووٚنُس۔"

"بیٹا۔ اگر اَز یہِ حال چھُ، وہری دویہِ ؤہری کیٖاہ آسہِ۔" اوٚ مکار ناتھن ووٚنُس۔ "اوَے چھس وُتاولہٕ گژھان۔"

"مگر مےٚ پوٚرایم۔ اے۔ امیک فائیدٕ کیٖاہ آوٕمےٚ۔ بہٕ کرٕ نوکری اِدٕ گو کھانٛدر کرُن۔" ڈالی ووٚنُس۔

"دوہہ پتہٕ دوہہ چھِ حالاتھ بدتر گژھان۔" تٔمۍ ووٚنُس۔ "اگر کُنہِ بہتر

چھِ گوھان، بہ تہِ بوزٕ ہا۔ یِم مائگرنٹ چھِ تِمن چھِنے نہٕ نوکری کینہہ بنان۔"

" مگر مے چھنہٕ کینہہ گژھن۔ "تمہٕ ووٚنُس کھوٚرز ٹھیکٕرِ تھ۔"

"پُرِ ءِتی لیکھی ءِتی چھُ گوڈٕ گوڈٕ ساری یی ونان۔ "مأُلی ووٚنُس ہزل کران۔

"مے چھِنے نہٕ پسند چأنی یہِ لُجہ گری۔"

سو دژا یہِ کمرِ منٛز ژکھِ سان۔ دٕز وازٕ دِتُن ٹاس گرِتھ تہٕ گیہِ پتِمس کمرس منٛز۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پیو تسنٛدِس مأُلس ہز دے ناتھ یاد۔ سُہ اوس تس لو کچارُک یار۔ یکجا اوسکھ پوٚرمُت۔ تس اوس نیچو انجنیر۔ اکہِ لٹہِ اوس امریکہِ گومُت تہٕ واپس آمُت۔ گرِ بار اوس جان تہٕ بأُژ اُسی شریف۔ "اگر سُہ مانہِ سِم تھِنے گوٚھڈِ حج قبوٗل، تِمٕ سونٛچ۔ "بٹہٕ چھِ ژھانڈان پرٕ ھوٚ لیچھ پتھٕ تہٕ نوکری کرن واجِنیٛ۔ نوکری ہُنٛد فی چھُ پٕزتھ جایہِ یوان۔ توتہٕ چھنہٕ حرجہ ونس۔"

اومکار ناتھن لوگ بوٗٹ کھوٚرن تہٕ ہز دےناتھ بہٕ گرِ کوٚ ڈُن تھکھ۔ سُہ گوٚتس وُچھِتھ خوش۔ کم اَز کم توٚرا اومکار ناتھس تی فکرِ۔ گوڈٕ لو کچار یاد۔ "کیاہ ووستاد اُسی تیلہِ۔ "ہزدے ناتھن ووٚنُس۔ "لڑکن ہُنٛد زن اوسکھ وسہِ آسان۔ بٹہٕ مُسلمأنی اُسکھ نہٕ رژھ تہٕ۔"

"تِم ووستاد کتہِ مہارا بنن۔" اوٚمکار ناتھن ووٚنُس۔ ہیوٚ پٹھ ووت مہارا ہس پٹھ یکدم۔ "ادا اَزِ کرِ شکس لد۔ یِم مہارا چھِ لڑکیے سِگریٹ منگان۔"

"اوے چھنہٕ لڑکن تہٕ تہُند یز تھ۔ "ہز دے ناتھن وۄن۔" یِمے قدرٕ قمتھ یۄ تانی پۄ نایہٕ بل وُاتی۔"

اورٕ چ یورٕ چ کتھا باتھا کرِتھ وۄنُس اۄ مکار ناتھن یِنگ مقصد۔ ہزدے ناتھ ووتھ جل جل، پنٕنبن کاکدن دِژن دۄنی تہٕ نچوٕ سنز ٹیکنی اتی کڈِتھ۔ یہٕ دِژن اۄ مکار ناتھس۔

" مگر لڑکی چھےٚ نہٕ نوکری کران۔" اۄ مکار ناتھن وۄنُس۔

" نیک کارس گژھِ نہٕ زٕنیہے "نہٕ" رلاوُن۔" ہز دے ناتھن وۄنُس۔

اۄ مکار ناتھ گو سیٹھاہ خوش۔ " خبر گرٕ کس اوسُم زٕنگہِ آمُت۔ یتھ کمرس منٛز لَکھمی تہٕ سرسۄتی ہُند واس۔ یُتھ پۄرمُت نچوٕ تہٕ یہٕ نیرِہ۔ قودرتھ چھُ وُچھتھ پژان۔ " تمی تُج ٹیکنی تہٕ دژاو۔

ٹیکنی رلے یہٕ بغارا کھ چیز زِ لڑکس اُس راکھبس زاتھ۔ یہٕ کتھ بوٗز اۄ مکار ناتھن ازگوڈ نچہ لٹہِ زِ جیوٗتشی حسابہٕ چھےٚ بیا کھ ذاتھ تہٕ آسان۔ تہٕ تمہِ حسابہٕ چھےٚ لڑکس راکھبس زاتھ۔ "یِہن اُس منۄ ہس مُشتھ گمُت۔" تمی سوٗنچ راکھبس مطلب گو شرابہٕ، ماز بیٚترِ کھینہٕ وول تہٕ وُبھنڈی کار کرن وول۔ مگر لڑکہٕ اوس سیٹھاہ شریف تہٕ جان نوکری کران۔ بٹہٕ اُسی ساری بژہمن یہٕ کتہٕ دژاو اُلہِ منٛز رونگ۔"

دوستو سمجھو و ذاتھ چھےٚ آسان پژتھ کانٛسہِ، تس تہٕ آسہِ پانس کانٛہہ نتہٕ کانٛہہ۔ اَتھ گژھِ نہٕ زیاد سعُن۔

"وُ ہ کنۄ ہ فرق چھےٚ روزان۔" آشنہ تہٕ وۄنُس۔

"یہ کتھ گیہِ تیلہِ کھینۍ۔" تمۍ وۄنُس۔

"اَدِ کیاہ پُشراوِ دیس۔" تمہِ وۄنُس۔

موخصر سپُد یہِ طے زِ لڑکی تہٕ لڑکہٕ سمکھن شوٗ گرِ وارِ ہوٹلس منٛز۔



"جان پاٹھۍ گوٚھ زِ" ماجہِ وۄن ڈالی۔ "رمیش چھِس پیٹھ چھُ دارمدار۔ گوڈٕ چھکھ ژٕ اَچھ دأرِتھ۔ صرف تھوٚدتھ ژھوٹ مس۔ زیوٚٹھ اوسے سجان۔ تمیک تہِ چھُنہٕ کینْہہ۔ یہِ ژھنہٕ ستہِ دٕہوس گنٛڈ زِ ژٕ شیچھاہ گوٚھس بوزٕنی۔ اَدِ شیہلنم رُم۔"

"مگر یہ چھس دُنہِ پننین کوٚھٹین پیٹھ کھڑا گوٚھنے۔" تمہِ وۄنُس۔ "ایم۔اے گرُن گومانٛزی۔ کوٚتاہ فراخ دِل آسہِ تن سہ، مےٚ چھُ گوٚھُن تس اَتھ دأرِتھ۔ تِلکیاز توٚہی چھوٚیہِ ہان یہ گوٚہ سوتھف ٹکنی۔ مےٚ چھُ نہٕ یہِ رِژھ تہِ پسند۔ تیلہِ کیاز پرناوٕ اُس یوٚتاہ۔ ییلہِ مےٚ نوکرأزی اُس کرٕنی ایم۔اے کمہِ باپتھ کوٚرُم۔ دپھ تمن چھُ مہنوضو رٕو رَتھ تہٕ تمہِ خأطرٕ چھُس یہ پوان قوربان کرنہٕ، اَمہِ نِشہِ زِ مےٚ دِن تم دویہِ وقتہٕ بتہٕ۔"

ڈالی ہنٛز ماج گیہِ غوطن۔ تمہِ تھوٚوِ پان ٹھنٛڈ۔ دوپنس "یہ چھُنہٕ کوٗری چانی یوٚت خأطرٕ۔ اَز تانی سپُد سارنے تِتھے کُنۍ کھاندر۔ مےٚ تہِ۔ یہ کوٚسہ نوکری اُسس کران۔ اَسہِ رُچھ ناشُری۔ اَسہِ کوٚرنا گرٕ، اَکِس بیٚیہِ سٕندِ کھوتہٕ زبر۔ تمہِ پتھ کُن ژٕ کیاہ لیکھتھ چھُ دِیُن نوکری نہٕ کرنس۔ پتہٕ کرتہٕ۔ خبر کتھ کُنۍ بنیو دیہِ تان۔ یہ

چھس دیان یہِ چھا پوٗزٕے، یہِ کھاندر انِدٕ۔ یوٗ تانٛی نہٕ لڑکہِ اُنکار کرِ تو تانٛی چھُ اَپزٕے۔"

"ژٕ کاژاہ عجیب چھکھ ممی۔" ڈالی ووٗنُس۔ "مےٚ چھُ کھاندر کرُن تہٕ میوٗن چھنہٕ کانٛہہ بوزان۔ ساری چھِ وِنان سُہ گژھِ پسند گرُن۔ میانٛی پسند ناپسند چھےٚ نہٕ مُجراہے۔ کورِ تہِ گژھِ آسُن اِجازتھ پنٕنی پسند ناپسند وننس۔ انگریزن منٛز چھےٚ پورٕ آزادی۔ تمن پیٚیہٕ نہٕ کانٛہہ ترٛٹھا۔ اکھےٚتُے چھِ ساننہِ کھوتہٕ زبر۔ یہِ چھےٚ تہنٛز زیادتی۔ سراسر زیادتی۔"

"کوٗری یہِ ہے چھُ بٔڈ سماج۔" ماجہِ ووٗنُس۔ "یہِ چھُ نہٕ امریکہ اَکہِ لٹہِ اگر غلطی گژھِ یہِ گوٚ نہٕ ماف کرن وول۔ رٔت لڑکہِ بنٕنہِ چھُ بونہٕ مہُل تارُن۔ ٹیکنی گژھِ رٔنی، داگ دوٗز گژھیکہٕ نہٕ آسُن، شریف گژھن آسٕنی۔ اَخر بٔنڈی ےٚ چھےٚ۔ یِیلہِ بیٚیٚنز گرٛہِ تہِ صِفتھ رلنس اَدٕ چھُ کھاندر سپدان...... ژٕ چھکھ یژھان سماجس مخالف سپدُن۔ یژھ کتھ سوٗنٛچ زِ نہٕ زانٛہہ۔ نتہٕ اگر ژٕےٚ مقصد چھےٚ، اَسہِ کوٗرِ زینگ سزا دیُن، تیٚلہِ وٕنےٚ نہٕ بہِ کہِیں۔ وٕمروانٛس کڈِتھ چھُ کتہٕ کانٛتیاہن وٕنان۔ اَسِ تہِ ونو یہِ اوس حادثہِ۔ ژٕےٚ ونوےٚ نہٕ کہِیں۔"

ڈالی گیہِ ماجہِ ہنٛز کتھ بوٗزِتھ مویوٗس۔ تس آو اَچھن اوٗش۔ "یمن ستی بحث گرُن چھُ فضوٗل۔ ٹیکنی کیاہ اَنِکھ زن گوکھ ریمش جیٛن بھوٗت سوار۔ کانٛتیاہ بدلے یہِ۔ یوٗرک چھنہٕ اَکھ کتھ بوٗزان۔" سوٗنٛچ نِوُسر اَتھ مالس پیٹھ غور کرنہٕ۔ "یہِ گرُن آسہِ تہٕ چھُ مےٚ گرُن، بیہِ نہٕ کانٛسہِ۔ بہٕ ہیکہِ نہٕ کانٛسہِ بزوٗنٹھ گن گوٗہتھ اَتھ

دٲرِتھ۔ پانٛژ کتھ چھےٚ بدل۔ وۄ پرسنز کتھ چھےٚ بدل۔ دپان چھم پتہٕ کرنوکری۔ کیاہ چھےٚ ونان ممی۔ پتہٕ کر۔ اَتھ تِلوٲنی وانس پھسیوٚ وِ انسان اَکہِ لٹہِ پتہٕ چھس چکرس پتہٕ بیا کھ چکر۔ ٹُس تژ اوی ژےٚ یلہٕ تہٕ دپی گوڈ ھو مٲڈم کرِ ونوکری۔ کانہہ تہٕ چھنہٕ پٔھن آرام تژ اوان۔"

یکدم آو تس خیال۔ کھاندر چھُ اَکس پنس الونٛد۔ لڑکہٕ ہنٛدِس اَنکار کرنس۔ تسنٛدِ اَنکار کرنہٕ بژوٗنٛتھے بِگارِ بہٕ مسلہٕ تمہٕ سوٗنٛچ۔ وُٹھن کوٗرُن کُمجار تہٕ بیٹھ آرامہٕ سان۔

پانس تشفی دِتھ تہٕ رۄدنہٕ تس دِل ڈنٛجہٕ۔ پتھ کُن ڈوٗکھ تژ اَتھ آونہٕ تس آرام۔ شوٗ کرواراَس پگاہ۔ مےٚ کیاہ پژ گرُن۔ تمہٕ سوٗنٛچ۔ گرِ نیرُن۔ تمہٕ ستی کیاہ مطلب نیر۔ گرِ نیرِ تھےٚ بنہٕ بہٕ کنگال۔ سایکلوجی پٔرتھ چھس بہٕ یژھ ناسہٕ تژ اس کتھ سوٗنٛچان۔ سو گیہِ غارِ یراَدی طوروارڈروبس نِش تہٕ قدٗ آدم شیشس بژوٗنٛتھ کنہِ لٲج ڈربس آزماونہٕ۔ یُسے یُسے نمبر کوٗڈُن سہٕ دِتُن ہرمُرکرِتھ بیڈس پٮ۪ٹھ دٲرِتھ یوٗ تانی بیڈس پٮ۪ٹھ پلون ہُنٛد ڈیر کھوٚت، دوتہٕ، میچ کرِ وٕنی بلوزہٕ تہٕ فراکھ شلوار۔ سو شخصیتھ یوسہٕ سو یژھان اَس نیرنی گژھ اَس نہٕ نیران۔ چھیکرس آس خیال بہٕ کمہِ خاطرٕ چھُس یہ کران۔ "سیوٚ دساد قمیض شلوار چھُ ٹھیکھ" تمہٕ سوٗنٛچ۔ "پٔرِ متِس کیاہ چھُ پوشاکک سہار ضوٗ رۄ رتھ۔ امی وِزِ ژایہٕ مٲج تس کمرس منٛز۔

"ژےٚ چھیا پلون ہنٛز وجھنے" تمہِ وۄنُس "کیا زِ لاگکھ تہٕ تھی پلو۔ جان پہن سوٗ ٹھاو چھیُس زرق برق آسہِ کران ...... یہ ہیٚنہٕ چھُھ کرنک سوال۔

بھگوانس چھبس منگان اَز گوٗھی اوبرے یُن اِ گوٗڑھ ہا زِنٛدے سورگس" تس آو
أچھن اوٚش۔

"یٚیلہِ مےٚ نیتھر چھُکھ کوٚرمت۔" اوٚش ووتھراُ دِتھ گیہِ سوونان۔ "لڑکہِ
تہٕ لڑکی ہیکہِ ہَن نہٕ سوٚنٛپنس مَنٛز اَکھاَ کِس سمکھِتھ یاوُ چھِتھ۔ مہاراز اوس آنگنس مَنٛز
اَژان، مہارِنہٕ اُس کھٔژِتھ تھوان الغافہٕ گوٚڈس نہٕ تس پٔتھ نظر پٮ۪ٚنہٕ۔ اَز چھا تمہِ کتھہٕ۔
اَز چھِ کھانٛدرِ بڑ وٚنٛتھ پھیران تھوران، چکرن گوٚڈھان تہٕ ہوٹلن کھسان۔ یہِ چھُ فِلمن
ہُنٛد دٔیت۔ اکہِ حِسابہٕ چھُ رُت۔ دوٚنوٚنی چھےٚ پتہٕ لگان کس ستیٚ چھےٚ گیڈ۔ بڑ وٚنٛتھ
اُسی گپنہٕ سٔنٛدی پاٹھی ٹِکسلس تھوان گنٛڈِتھ۔ کیٚنٛہہ آسہٕ نہٕ نوٚین حالاتن ستیٚ سمجھوتہٕ
کران۔ اَدِ تمہِ آسہِ اٚنٛدری اٚنٛدری گلان تہٕ اوٚش تہٕ بتہٕ کھوان۔"

"اَز تہٕ چھےٚ نہٕ کانٛہہ فرکھا۔" ڈالی ووٚنُس۔ "مےٚ پسنٛد یِیہِ یا نہٕ یِیہِ توٗہہِ چھوٚ
تہِ کھانٛدر کرُنک من بنوومُت۔"



شوٚگُر وار واٚژ ڈالی ٹھیکھ ڈٔہہ بجے ہوٹل گیٹس نِش۔ گرم اوس
تیز یوٚمُت۔ وتن آسہٕ نارٕ ژنٛجہِ ووتھان۔ وتہِ پکنہٕ ستیٚ اُسی عمارژہٕ شژان گوٚھان۔
رمیش جی اوس رژہ کھنٛڈ بڑ وٚنٛتھے ووتمُت۔ سُہ آو تس بڑ وٚنٛتھ۔
خوشبوٗی مُشکہِ ہنا پھٔہلے یہِ۔ زن چھوٚک عطر بیزن ہوٚٹس مَنٛز عطرِ انبار۔
تمہِ کوٚر شیٹھیوٚ مت گُمجار۔ پٔرس پھِرُن کھوورِس اَتھس تہٕ تس پتہٕ پتہٕ ژایہِ
ہوٹلس۔

اندر اٲس اَنہِ گٔژھ ۔ ژٕ چھنہٕ کھوٚری نظر دِتھ پٔتھی تم أکِس کوٗنجس منٛز ۔ بجلی گاش اوس گول میزس اندرن تانی پیوٚان ۔ اَنہِ گٔژھ اوس باسان گرمی چھنہٕ ہیے ہیوٚ ۔

بہرن اوٚن گلدستہٕ تہٕ تھوٚوُن پھوٚل دانس منٛز تہٕ پھوٚل دان تھوٚوُن میزس پیٹھ ۔ رمیش جین دُیت ٹھنڈ کافی تہٕ پاین ایپل پیسٹری آڈر ۔ تٔمی ژھانڈیو چینی کھوٚز ہن مگر ہوٹلس منٛز اوس خاٗلص ہندستانی کھینہٕ یُس کھوان کھوان تٔس معیادٕ ۔

"ہوٹلک ماز چھنہٕ مے پسند ۔" تٔمی ووٚنُس ۔ "یہِ چھُ آسان رلہِ مِلہِ، اوٚڈ کالک بیترِ ۔"

"اٲہ ۔" تمہِ ووٚنُس ۔

"بیٚیس چھس نہٕ کھینس منع کران ۔ اگر توٚہۍ کھوان چھِو یا چکن چھوٚ پسند توٚہۍ کھییوٚ ۔"

"کیٚنہہ ضوٚرو رتھ چھنہٕ ۔" تمہِ ووٚنُس ۔

"سفر چھُم خوش کران ۔" رمیش جین ووٚنُس ۔ "اکہِ حِسابہٕ چھُم پنجاب پسند ۔ پٲنٛس چھبس مستی ۔ یتھے لگٕتن ڈولس ژٕنڈ ، تم ہیٚن نژٕن تہٕ بانگرا گرٕن ۔ زِندٕ دِل چھِ پنجٲبی خاصکر سردار ۔ موحبتھ کرن مرٕن مٔشرِتھ ۔ زمینداٗری یا مخادس پیٹھ آسکھ گوٚھُن خوشی چھِ نیران ۔"

"اٲہ" تمہِ ووٚنُس ۔

"أسی چَھو کافی تہٕ نیرو ۔" تٔمی ووٚنُس ۔ "ژٕنہِ جایہِ، ییٚتہِ یلہٕ آسہٕ ییٚتتھ کھلہ

دِلہٕ ہیٚکو کتھ کٔرِتھ۔"

"نسبر چھےٚ گرمی۔" تِمہِ وۄنُس۔ "یێتہٕ چھنا جان باسان؟"

"آں۔ مےٚ رۆدنہٕ امیک خیالے...... تیٚلہِ ییٚمہو آرامہٕ سان۔" تمۍ تژ وو پتھ کٔن ڈاپھ۔

وۄنۍ اوس بجلی ہندس گاہس منٛز اکھاکھ سُند بتھ پوان بوٗزنہٕ۔ ڈالی وُچھ سہ چھُ مأرِی موٗنڈ۔ کژ ہنہٕ اُچھی، کژ ہُن مس، ژٕتی پأٹھی ژٕٹتھ گونژہ۔ "رُت خانہٕ داربنہ۔" تِمہِ سوٗنچ" مگر یہٕ کیاژِ نیمہ اُمس، نہٕ ہرگز نہٕ۔ مےٚ پزِ پژارُن تہٕ بوزُن یہٕ کیاہ کیاہ وونہٕ۔"

"مےٚ چھےٚ کافی تہٕ پاین ایپل پیسٹری پسند۔" رمیش جین وۄن۔ "یہ نہٕ ژِ ماز بیٚترِ ییٚمہٕ ہیٚھ چھ کٔرِتھ کھیٚینہٕ، نہٕ تہٕ چھم نہٕ پسند۔" کافی وأژ بہر گومیزس پیٚٹھ کپ تہٕ پلیٹہٕ وأہراوان رمیش جین تھوو کافی ڈالی بژ وٕنٹھ کنہٕ پاین ایپل پیسٹری ہُنڈ اکھ دانہٕ تہٕ کاشہٕ تھوٚن بییٚس پلیٹس منٛز۔ "چانہٕ ستیٚ چھس بہٕ خوشی موسوٗس کران۔" تمۍ وۄنُس۔

تِمہِ کوٚر رۆٹھن کمجار۔

ہنگہٕ تہٕ منگہٕ وۄتھ سہ تھوٚد، کاشہٕ ٹلن تسنٛدِ پلیٹہٕ پیٚٹھہٕ، تسنٛدِس وُچھنِس اتھس کٔرن تھف، کاشہٕ تھوٚونس اَتھس منٛز تہٕ اَتھہٕ وولنس پیسٹری ٹکرس نش۔ دوپنس۔ "یہٕ چھُ آسان تتھ کٔژ ژٔٹن تہٕ کھیون۔ یہٕ چھُ نہٕ وُچھنہٕ خاطرٕ بژ وٕنٹھ کنہٕ آسان تھوٚن۔" یہٕ ونان ونان کوٚرن تس مدد پیسٹری منٛز ژھاژٕنس تہٕ اُسس

برنس۔

تمہِ کوٚرِ یہِ پسند۔ تسندِ اتھک لمس کوٚرُن پسند۔ تہٕ پیسٹری تہِ گٲرن پسند۔۔
پیسٹری ژٲپن تہٕ دٲدِجن ڈِشس بون۔ اَمہِ پتہٕ ہیٚون کاٲفی چیٚنِی۔

"اَز چھُ سانہِ زندگی ہندِ نوِ بابک آغاز۔" تٔمۍ ووٚنُس۔ "ووٚنی آسہِ زندگی
ہنٛز شکلِے بدل۔ اَز تانی اوٚسی آزاد۔ ووٚنی آسوٚ اَکھاَکِس سٕندِ سوٚنچان۔ یہِ چھےٚ موحبتس
ہٕنٛز خوٚصوٚصیتھ۔ تہِ پتھ کٔنی روزوٚ اَکھاَکِس تابع۔"

"اٲں۔" تمہِ ووٚنُس۔

اگرچہ تٔمۍ کوٚرنہٕ یہِ ژھوٚٹ جواب پسند، مگر تٔمِس آو خیال یہ چھےٚ کاشُر
لڑکی، اَکہِ اوسط درجہِ گرِچ، یمہِ موحبتھ بیان کرنس چھےٚ کھوٚژان، لہٰذا اُسند وُٹھ
گُمجار چھُ سبٕٹھاہ۔ تٔمۍ ہیٚوٚ صبرس کاٛم تہِ صبرِ سان روٗدُس کنَن کتھا کتھا کران۔

"ژےٚ کھوٚتےٚ ناپاین ایپل پیسٹری پسند۔ جان مزٕ چھُس۔ بیا کھ پیس کونہٕ
چھکھ ہیوان ...... یہِ مُدر بردٲنی پلہٕ ناوتہٕ مےٚ ...... بس ...... بیاکھ پیس رُٹھ پیسٹری
ہُنٛد۔" نہٕ ووٚتھ بییہِ تھوٚد۔ اَکھ پیس ترٛوٚون موحبتھ کرن وٲلی ہندی پاٹھۍ تسندِس
پلیٹس منٛز "مےٚ کر غلطی۔ مےٚ پَزِہے چانہِ خاطرِ چکن منگہٕ ناوُن۔ اَتھ منٛز کیاہ حرجہِ
چھُ۔ اگر ژٕ کھوان چھکھ ژٕ کھیٚیہِ خوشی سان۔"

"نہٕ مےٚ چھنہٕ کھوٚن۔" تمہِ ووٚنُس۔ "گرم چھُ سبٕٹھاہ۔ مےٚ چھنہٕ مسالہ
دار کھین گرمس منٛز پسند یوان۔"

"ژٕ کھیٚیہِ کیٚنٛہہ ٹھنڈ۔ آیس کرٛیم۔ تمہِ سٕتی چھےٚ فرحتھ میلان۔"

"تمہِ ستی چھُ دوٚ دی سہ لگان۔" تمہِ ووٚنُس۔

"أزی کہِ خاطرٕ گوٚھن صحتکی اصوٗل مشراوٕنی۔" تمیٚ ووٚنُس۔ "یہِ خوش کرٕ تہٕ گوٚڈہِ کھون۔ لُکھ چھِ تِتھین موقن پیٹھ زٔٹھ ووٹھ لایان، وِسکی چوان، ڈانس کران، بیٚیہِ کیاہ نہٕ کران۔"

رمیش جین منگہٕ نأو آلیس کزیم پاین اپلیچ۔ دونوٕنی یوٚ کھیٚیہِ آلیس کزیم۔

تمیٚ بڑو وینیٚہِ اَکہِ لٹہِ اَتھہٕ لَس کُن۔ گوڈٕ نیوٚ تمہِ پنُن اَتھ پتھ، مگر پتہٕ خبر کیاہ مشورٕ پیوٚس، تس دِتُن اَتھہِ اَتھس منٛز رٹنہٕ۔ زن گو قوتھ اَکھ اَکی ہٕنٛدِس بدنس منٛز ترِتھ۔

دیوارس پیٹھ ٹنگتھ گرِ بجاوِ ز۔ وق اوس بےٚ خبری منٛز نیرتھ گوٚمُت۔ یمہٕ کتھہٕ تموکرِ تمن ہیٚکہِ ہوٚ ئِنتھ آسہٕ موحبتہٕ چہٕ تہٕ آسہٕ تہٕ نہٕ۔ یموٚ بغأر آیہٕ کتابہٕ بحثس منٛز۔ دونوے روٚ دی پنٛنس پنٛنس پسندس پیٹھ ڈٔٹتھ تہٕ بیٚیہِ کیٛن روٚ دزیادٕ زبوٚٹھ۔ مغربی لِٹریچر اوس دونونی پسند۔ رمیش جی جدید لِٹریچر پسند کران۔ پرانین منٛز اوس ہیمنگ دے سُند دِلداد۔ ڈالی اوس وکٹورین لِٹریچر پسند۔ تِمس اوس ڈِکنز زیادہ پسند۔ ہندستأنی لِٹریچرس منٛز اوس نہٕ دونوی کُہیں تہٕ پوٚرمُت۔ وونی اُسی کیٚنہہ انگریزیس منٛز لیکھان۔ کِتابن ہُنٛد تبصرٕ چلیوٚ وواریاہس وقتس۔

چھیکرس انہٕ نووتموٚ بتہٕ۔ بتہٕ کھیتھ دِژ بل رمیش جین تہٕ دژ ایہٕ۔

یٚیلہِ ڈالی گرٕ واٚ ژتس باسیوٚ وز رمیش جی اوس جان مُوٚہل جوان تہٕ سو ہیٚکہ تس موحبتھ کرِتھ۔ پوٚز راوس یی زِ تمہِ اوس دِلیے دِلس منٛز تس موحبتھ ہیوٚ تمُت گرٕن۔

پزٲنی خدشہٕ اُسی پانے موکلے متی۔ رمیش جی اوس پُر خلوص تہٕ موحبتس منز ہیکہٕ ہو تس پٹھ بھروسہ کُرتھ۔ سہٕ سپد اَکھ مُخلص خانہٕ دار شاٚہتھ یُس پننہٕ آشنہٕ خاطرٕ بون نمہٕ تہٕ مدد کرِ۔ تمہٕ دول تس اَتھ بون پلیٹس منز تہٕ زورٕ کھیاٚون پیسٹری۔ یہٕ اوس تسنٛدِ ؤطیرُک اَنہٕ۔ مگر تس اوس اَکھ مُشکل سہٕ گویہٕ زِ صُحبن اُس تمہٕ اَکھ کتھ ؤنی مژ تہٕ شامن اُس بلُکل اَکھ متضاد کتھ ونان۔ مگر تمہٕ اُس سایکلوجی پٔرمژ تہٕ أکِس تجربہٕ کار ہنٛدی پأٹھی دیُت نہٕ تمہٕ پننین جذباتن ہوا۔ گرٕ وأتتھ اوٚنُن اَکھ اَکھ واقہٕ ذہنس منز تہٕ اَکھ اَکھ کتھ پأون یاد تہٕ سارٕے کتھ باوٕن ماجہٕ بغأرِ کتابن ہنٛز زٕٹھ زاپٹھ۔ یوٚ تانی زِ تسنٛز اَتھس تھف کرٕنی تہٕ ؤنی۔ ہنٛزٕ پسند ناپسند تھٔون پتھر۔ ماجہِ ییلہٕ کھٔنی کھٔنی پُرژھس تس کیٛاہ اوس پٔنن من ونان تمہٕ ووٚنُس زِ سوٚ اُس تہنٛدِ ونہٕ تورٕ گٔمژ تِکیازِ سو اُس نہٕ یُوٚہان تہنٛد دل پھٔٹراوُن۔ تی اُس کتھ۔ اَتھ سوالس زِ سو کٔژ یا پسند تس ستی کھاندر کرُن تمہٕ ووٚن درجواب زِ تس اوس نہٕ کرنہٕ بغأر کینٛہہ چارٕ، تِکیازِ مألس ماجہِ ہنٛز مرضی اُس تی۔ آیا رمیش جی اوسا مُطمین تمہٕ ووٚن سہٕ اوس۔ تِکیازِ تمہٕ اوس ووٚنمت زِ سہٕ اوس تس موحبتھ کران۔ تسنٛز مأج گٔیہٕ سیٹھاہ خوش۔ تمہٕ بوزنووٕ اوٚ مکار ناتھ بأنہٕ بأنہٕ یہٕ کورِنش اوسُن بوٚزمُت۔ "مے چھُ ستہٕ دہوس گٔنڈ ژھُنمُت۔" تمہٕ ووٚنُس۔ "تِتھے تم شیٚچھ سوٚزن گوڈٕ کرٕ بہٕ ستہٕ دہو"۔

شریف کأشرِس بٹہٕ ہنٛدی پأٹھی سوٚزنہٕ ہرٕدے ناتھ کانٛہہ شیٚچھ۔ زٕ دوٚہہ گٔیہٕ، ترٛے دوٚہہٕ گٔیہٕ یوٚ تانی ہفتہٕ موکلیوٚو۔ تمو بوٚز زِ لڑکن اوس ووٚنمت زِ سو روٗزٕ زیادٕ موحتاط تہٕ مُلے کھُلے یہ نہٕ، بغأر کتابن مُتلق۔ سہٕ بحث زٕ ٹھویوٕ۔ سوٚ اُس

مجبوٗری کِنِ آمژ نکھ بور والنہٕ ۔ معاملہٕ اوس لیہاز اتھ ختم گومُت ۔

ڈالی باسیوٗ وتسنٛدِس وبکارس لوٗگ سخ ٹھوٗنکر۔ گوڈٕ آس سوامی نیٛژ گمژ زِ یہٕ کھانٛدر گژھِہ نہٕ بنُن۔ مگر تورِ وٲتتھ سپز رسہٕ رسہٕ تسنٛدِس موحبتس منٛز گرفتار۔ وونی ییلہٕ کتھ موکلے یہٕ تس باسیوٗ وسو چھےٚ زخمی جانور ہشِندی پاٹھی لاچار سپز ہژ ۔ یُتھ تجربہٕ اوسُس نہٕ زانٛہہ سپُد مُت ۔ تس باسیوٗ وسو ہیکِہ نہٕ مأنس ماجہِ بُتھ دِتھ نہٕ دبسن ۔ "بہٕ چھبس" مانس آسہٕ چھلہٕ گمژ۔

تمہِ کبھو گلی دوا پننس کمرس منٛز ۔ مگر تسنٛز مأج ژایہِ تو رہنگہٕ تہٕ منگہٕ غألبن رمیش جی نِش اِنکارس پیٹھ کینٛہہ کتھ کرنہٕ، تہٕ تتہِ دُچھن سو بےٚ ہوش پیمژ ۔ تمہِ کوٗر رِنس آلو تہٕ دونٛوٕ یہٕ وٕ ے واتہٕ نأوہسپتال۔



وونی آس سو ٹھیکے ہژ تہٕ گرٕ واپس آمژ ۔ مأجی ماجہِ ژٹ کھانٛدرٕ چ کتھ زن نہٕ کہیں اوس نہٕ سپُد مُت ۔



# أچھن ہُنڈ طماہ

نیرۆن ہرٕ د اوس۔ دانہِ اوسکھ موکلوومُت کھلس گٔرِتھ۔ کینٛژھ و موکلوو چھومیتھ تہٕ۔ یمن موٗ زورِ باپتھ پنجاب اوس گوٚژھُن تم دژاۓ پنجاب۔ دہنا ناتھنٕ زمین آس ربشی کنہٕ یَس لاگنی۔ تٔمۍ تہٕ اوس موکلوومُت کھلس گٔرِتھ مگر بڑو ٹھی ژاآری اوسُن پٔٹن دانہِ وولمُت چھومبُن۔ سُہ اوس یَژھان پٔٹن دانہِ چھومیتھ کوٚٹ سوزُن بیٚنِس ٹوگجہِ ستۍ پنجاب۔ پتھ روٗ د دہنا ناتھن دانہِ، سُہ چھومبہٕ گٔنٛۍ زوٚن۔ لگنس زن. اَکھ زِ دوہہ ہُریا نہٕ تمہِ ستۍ کیٛاہ گژھِ۔ مے گَس موختہٕ چھُ جرن۔

مگر دہنا ناتھ تشٕبلیوٚ۔ سُہ اوس ہروِزِ تشٕبلان۔ شامن بأگ ییلہِ گٔملی گرٕ آیہِ، سُہ توٗ ر بامبرٕ ہوٚت کولہِ اَپور تہٕ سیٚدٕ ے گوٗ ور بٔشس نش۔

ریوٚش اوس امی وِزِ آمُت تہٕ اورٕ تھےٚ اُسنۍ آبہٕ تغأری کھوٚرن تل رٔٹمٕو۔

أتھن کھۆرن اوس نوٗنہٕ آہکر ژُکھی دِوان۔ سلاما بند پکھا کُرتھ بیوٗٹھ دیٖنا ناتھ

ربشس نکھہٕ پتہٕ پیٹھ۔

" کھۆر ماسا ئی چھلبکھ؟" ربشی پژ ژھُس۔

"ناو۔ یہ گُس دانہِ اوسُس چھومبن۔" دیٖنا ناتھن ووٗنُس۔

"ژکتہ ژیٖری یپاری۔ خاٗرے چھا؟" ربشی پژ ژھُس۔

حالانکہٕ تس اُس خبر سہ کمہِ غرضہٕ اوس آمُت۔

"لگہِ نایُن؟"

"أچھن میانئن پیٹھ۔ ژے چھیا ٹھاکھ ییٖنس۔ بیٖہہ تہٕ۔ چاے چیٚے تہٕ یا

بتہٕ کھیٚے تہٕ۔ یہ گژھہٕ ہاخوش۔ تتھ ونکھ یہ ژھیٹہٕ۔"

"میٲنی کھیٚنہٕ ستی ماوۆ تھ نکھہٕ؟۔ آخر مے تے پیٚتی کنٕ عیالا چھُ۔"

"ژ ماسائی چھُکھ داں گو نہِ ہنز کتھ کران؟"

"اَدِ کُمچ کتھ کرِ۔" دیٖنا ناتھن ووٗنُس۔ "ہرُ دآ و مو کلن مگرسون دانہِ روٗد

تتھے کنٕ۔ ازکل چھُ ہوکھہٕ دوٗر۔ یگاہ اگر ژ فنڈ دِہس، میٚحنتھ کھسہِ رتھِ۔ نتے کینٛہہ

دیٖشُ نس دأرِتھ، پتہٕ چھیٚ ہشی کتھاہ۔"

"یہ ہسأر وٗتس ووکھہٕ پاٗٹھی تیٚمی علی کٲری۔" ربشی ووٗنُس۔ "علی کھۆر

اوس سہ نیچوٗس ونان۔ حالانکہِ پز راوس یہ زِعلی یَس نہٕ اُس کٲر، نہٕ اوس رودلہٕ، تو تہٕ

اوسُس مول علی کھۆر ونان۔ شاید ما اوسُس ٹاٹھہٕ نیاۂ کنٕ ونان یہ اُس تسی خبر۔" یہٕ

چھم پتہٕ لوٗ گمُت یہ گژھہٕ پنجاب۔ جوٗڑی در دزا ایس، اٗمس دزا یہِ کل۔ زن چھس

تتہِ نأرِس پھل ترٕ اُوِتھ، یوٚرٕ گوٚڑھِ تہٕ کھیٚنہِ۔ أزی کیٚن شُرِ یٚن نِشہِ گوٚھن کن رٹنۍ۔"

دینا ناتھن سوٚنچ تھوٚو توسأ، نچوِس سوٚزِ نبر، پانہٕ موکلنہٕ گرٕ، بہٕ ماپوس دبہ لرٕ۔ تمۍ ووٚنُس۔ "مےٚ اگر ونگھ بہٕ وٕرِش کرس زارٕ پارٕ یوٚ تاںٔ یہِ گونہٕ کھیٚپرٕ موکلہِ۔"

"نسأۍ کیاز ِکرہس زارٕ پارٕ۔ تی چھا شایانہٕ۔ أسۍ کروٚ پنٕنس أڈِس ژھبدُن تہٕ پگاہ یِموتوٚ ری۔"

"اَمہِ کتھِ شہلو تھَس۔" دینا ناتھن ووٚنُس۔ "کُنہِ پٹھ نسأ چھُ اعتبار، زِندگی پٹھ تہِ نہٕ۔"

یِتِس کالس اوٚن رنشہِ نہِ آشنہِ مُٹھی کرٕ وٕ ژھاتوِتھ تہٕ تر وٕن دینا ناتھس بلمس منٛز۔ سُہ گوو پھوٚلا پھوٚلاتٕر کان تہٕ کتھاہ کتھاہ کران۔

دوٚیمہِ دوہہ ووت رنشۍ گنایی تہٕ علی صُجأے کھلس منٛز۔ تمو لوگ دانہِ چھومبُن۔ دینا ناتھس آوٕ پزٕ اَنی پأٹھی گرتہٕ، کرٕسان دزاو چھل دِنہٕ۔

"دینہٕ جُوو۔" رنشۍ کنہٕ یَن ووٚنُس، یِیلہِ تمۍ سُہ لوو ڈچھاتھس منٛز رٹان تہٕ چھل دِوان۔ "بیٚہہ پانس۔ ژٕتھ نظارا۔ میٚنے کوٚٹ اوٚن ہتۍ۔ یِیٚے دِلیس چھل۔ کتھ چھکھ اتھٕ پھالوان۔"

"بِہتھ کیاہ کرٕ۔ وارٕ وارٕ چھس توتہِ اوٚری کُن کران۔" دینا ناتھن ووٚنُس۔ تمۍ کڈ پھیرن نالہٕ کنٛزٕرتہٕ ہیٚژن بیٚنہِ چھل دِنۍ۔

تاپہ ہَنا اُس کھُلہٕ تہٕ جان۔ ژھٕٹھ اُسس ہتۍ۔ سوروٕنس ہردس منٛز چھُ تاپھ خوش کران۔ دینا ناتھس وٕشنے یِہ شانہٕ، وٕسخان یِم صُجہ چھِہ ترٕ ہتۍ اُسۍ ناٹھے متۍ۔

گیِس یلہٕ ۔ گمہِ آیِس ۔ یتھ کنِ دگ مارن وول دوا (pain killer) اکھ طرفہٕ اوشدھی
ہنٛز کام چھُ کران تہٕ بیٛیہ طرفہٕ زر رواتہٕ ناوان، یتھے کنِ کملوسہ تاپن تہٕ چھل دِنن رسہ
رسہٕ، تہٕ یتی کھوٗتُس تٔرِ کوٚنڈ ہیوٗ ۔ مگر سہٕ اوس وُلسنٛس آمت تہٕ بیٛیہ اوسن ربٔشس
وۆنمت زِ یہتھ چھُم نہٕ واریوٗان، اوٗ ے رفد لودولودِ ڈرلان، چھل دِوان تہٕ کتھاہ کتھاہ گران ۔

"تیٛلہِ کیٛاسا وقت اوس ۔" تمیٚ وۆن ربٔشس ۔ "زیٹھ اوس کھژ نگ ژھنان، شُر اوس شرٕ دکنبن اژان ۔ أز کی شرٕنگ بڑنگ اُسی نہٕ ہٹہِ وسان، نہٕ اوس اِنسان بوہران وننس تہٕ نہٕ کرنس ۔ "تمِس اُس وُنہِ علی یتھ کتھ کنس منٛز ۔

"سہٕ وقتا اوس یتھے ۔" ربٔشی گنہٕ یَن وۆنُس ۔

"شُرِس اُسی بجاموٗت، سوکھ موٗت تہٕ کھوکہٕ موٗت ژٕنتھ کھوژناوان ......
ژے چھیٛیہ خبر تم کیٛاہ اُسی کران ...... بجاموٗت اوس بجابستہٕ، سوکھ موٗت سوکھ بستہٕ
پھرِتھ ژھنان ۔ کھوکہٕ موٗتُے یوٗت اوس وبھُت، تِکیٛاز سہٕ اوس شُر بن ٹُلتھ
نِوان ۔ تُسنٛد اوس مے زیٛادٕ ڈر ۔ ووٗنی ونتہٕ بجابستہٕ تہٕ سوکھ بستہٕ پھرِتھ ژھننی کوسہٕ
ناکارگی چھے ...... اَتھ منٛزتہٕ اُسی پژٲنی آہی کران ۔ مگر از ...... از بنیٛا یٔژھ کتھ ونی ۔
اوترٕ وۆن مے نچو ، زِ چس اُسی زِنہٕ یمہٕ اہر بیٛہہ ناون واجنہِ کتھ ونان ۔ سوکتہٕ گیہٕ
بجابستہٕ تہٕ سوکھ بستہٕ ۔ اَمہِ یتی چھُ شُرِس دِلس دہشتھ بیٛہان ۔ ون تہٕ ووٗنی کیٛاہ ونو ۔
ژُنڈ تہٕ بنہِ نہٕ لاگنی، کھوٚکھ تہٕ بنہِ نہٕ ہاوُن ۔ بجاموٗت تہٕ سوکھ موٗت چھُ دہشتھ
بیٛہناوان ۔ اَدٕ کتھا کنی مانہِ شُر ...... ہیچھ ناوُن گژھہ ۔ روزتہٕ دوہس ہیچھہِ ناوان ۔ زن
بڑ ونٛتھ اُسی نہٕ شُریی زبوان ۔ پٔنن فرض بیٛہنہٕ تتھٕ زانتھ دول نکھٕ، ووٗنی چھے

واٗنس کٲڈِتھ نوو ہیٚچھن ۔ یہٕ چھِسے بتنگ آمٕت ۔ پنٕٹھ چھُ نہٕ سون لوٗکٹ فِدٕ کہٕ مےٚ ژٕشہِ نیرانہٕ ۔ ڈنکہٕ آسِس یہٕ ڈُلی بڑٲری گرِتھ ۔ نتہٕ کتہِ ڈیہِ ہے مےٚ چھوڑ ۔ سوٗ ژھُم اٗژ ہے ژھنٹھ ، پتہٕ چھم شاہمتھ ۔"

تمٕ موکلوولوو چھل دِتھ ، یہِ دِتُن ہکہٕ سان ہور گن بُرتھ ۔ جنٛجیر انٛز بڑونٛٹھ گن ، اَتھ تژٲوِن گورٲ کر پینٛژھا ، تیوٗنگل لودنس تہٕ بیوٗٹھ ٹلی چس دام دِنہِ ۔ کانٛگر ژٕٹن کھوورس اتھس تل ڈشنیرس ۔

ربشی گنہٕ ییٚن کوٗڈ تمٲ کرذہہ وُچھتھ چنٛدٕ منٛزٕ ناستہِ ڈبہٕ رژھا تژٲوِن اَتھس پنٕٹھ ، تہٕ دوٗیِ اونگجوٚ ستی تژٲوِن کھسہِ ہنادندن پنٕٹھ تہٕ اُس کوٗرُن بنٛد ۔

"مولن لوٗدگہُ آسِس" ۔ علی کٕھرِ ووٚن اَسان اَسان ۔ دہنا ناتھس تہِ آواُسن مگر علی ییٚن وُنُن گوس شاشہِ خطا اوے کوٗرُن وُٹھ گُمجارٕ یوت ۔

"ووٗنی ییلہِ بڈی پہن گیہِ ، ووٗنی ذنوِ یہے بیاتھ ۔" دہنا ناتھن ووٚنُس ۔

ییتِس کالس تژٲو ربشی گنہِ ییٚن اوٗری ہُنٛد پہن تھوکھ تہٕ بگرِ کتھِ منٛز وُنُن ۔

"ووٗنی وُنن یم اٗسی زایہِ پانے ۔"

"اَتھ کیٛاہ چھُ زبنس ستی واتھ ۔" علی کٕھرِ ووٚن ۔ "اَمہِ کھوتہٕ بہتر اوسے تموٗگے چوٚن ، دہنہٕ کاکنی پاٗٹھی ۔"

"ہشی کتھاہ ۔" دہنہٕ کاکن ووٚنُس ۔ تمٕ مٔنج ربشی گنہٕ ییٚس ناہنہٕ اَرژھا نکہٕ وارہن کرنہٕ خاطرٕ ۔ "مےٚ ہوٗچھے کلس ژٕران بیٛہِ چھم تر باسان ۔"

ربشی گنہٕ ییٚن کڈ شیشہِ منٛز بیٛہِ ناستہِ رژھا ، یہِ دِژٕن دہنہٕ جوٗوس ۔ تس نین

جنٛجیرِ پٹھ چِلم تُلتھ تہٕ مأرِن ہوکھی سوٗٹھ جورا۔ دہنا ناتھن کٔرنکہٕ وارٕ بن ناس، اَکھ زٕ پونٛڈٕ پیٚیس، نس کٔرِن صاف تہٕ کلہٕ باسیوٚس لوتیوٚم۔

پتٕھن آو۔ رٔبشی گنہٕ ییٚن ووٚن دہنا ناتھس داۄ اسامہِ نظر تھوٚنی یوٚ تانی تم بتہٕ کھتھ ہِن۔ "کٔتِس آسہِ بوچھِ لُجمژ، نتہٕ گوٗڈ ہکھ ژٕےٚ بتہٕ کھنہِ۔"

"یوٗرِ تیٚی نا؟" دہنا ناتھن پرٛژھس۔

دوٚ یوٗری ہسأیہِ میانٕن دُشمن۔" رٔبشی ووٚنُس اسان اسان۔

"تہِ ناو اوس میوٚن مطلب۔" تٔمۍ ووٚنُس۔ "مگر یہِ ژٕلی ژٕلی۔" رٔبشی گٔیہ تہٕ علی کھوٚر دژایہِ بتہٕ کھیٚنہِ۔ دہنا ناتھن دِژ گاشہِ گیٚڈی شاٗند تہٕ کانٛگر کھورِس اَتھس تل ژٕٹتھ کھوٚتُس کاف تہٕ تس پیٚیہِ نِنٛدٕر۔

رٔبشی گنایی تہٕ علی آیہِ دبوٗدب واپس۔ رٔبشس آو دوٗری مُنٛلی آمُن۔ سُہ ووت ہٕکہِ دہنا ناتھس نِش۔ تس اوس نوٚر کانٛگرِ منٛز گوٚمُت تہٕ یہِ اوس دزان دزان پھیکس تانی ووتمُت۔ تس گوو ہمہِ دہنہٕ جوٗ ماچھ موکلیوٚمُت۔

"دہنہٕ جوٗو۔" تٔمۍ لأیس کرٛکھ۔ "پھیرٕن ہسأ زوٗلتھ۔"

سُہ گوو ہکہٕ تھوٚ دٔژِتھ، پھیرٕن نوٚر روٗچھن دزان۔ تقصیرٕ تقصیر گران ژأنی تٔمۍ نٔرانٛدٕر، پھیرٕن کوٚڈُن نالہٕ تہٕ دِتُن رٔبشس اَتھہِ ژھوٗراونہٕ خأطرٕ۔ تٔمۍ وول کولہِ منٛز، ژھوٗرأوِتھ دیتِنس واپس۔

"لوکچارٕ تُجے یہِ مےٚ نےٚ اَتھس کٔنتھ۔" دہنا ناتھن ووٚنُس۔ "ئلی اَکھی تھے ہیٚنٛز وم دام دیُن۔ مأنٛلی پھالناوٕ ےٚ نٔم سوٚ ےٚ نےٚ شانن پٹھ۔ پتہٕ چوم ژوٗرِ ژوٗرِ تموک۔ اَز تانی پیٚیہِ ہلمس تھمبرٕ، گٔڈی گٔیس، مگر یہِ سرٕ نہٕ زانہہ۔"

"چون مول اوساسأ تموک چوان۔" علی کٕھری پرٕژھُن۔

"گوٚژھہ ناچوٚن۔" تٔمۍ ووٚنُس۔

تس باسیوٚ دہرِ کھسان تہٕ سپنس دود۔ تٔمۍ ٹُل پھرن اُتھس کیتھ تہٕ زنگہٕ هاوان ووت گرٕ۔ گرِچ اُڈ زاٗڈاٗ ٲسس پرٕ۔ سو کھینین مگر بتہٕ کھیوٚن نہٕ کینٛہہ۔ ہٕتر ٲسس گرِ پتھ گرِ برُان۔ تٔمۍ ترٛ ووٗٹس منٛزٕ ڈاپھ، پٔنٛژھ ہیٚژن ژادر، تہٕ اَمہِ ہٕتۍ ییلہِ کینٛہہ لیوس نہٕ، پٔنٛژھ ہیٚژن لیف۔ توتہِ آس نہٕ قرار۔ تس باسیوٚ وسپنس وٕٹھ ہیوٚ گوٚمُت۔ کھوٚرن تل تھوٚ وہَس گرم پونٛۍ، دیو اُرکھ ینس، مگر نہٕ آیہِ تس اُرکھ نہٕ ہیے یَس ہٕتر۔ شام تانۍ ٲسس تپہٕ موٗندی گٕھتۍ ہٕتۍ۔

سوراتھ دژایہِ تس پٔنٛدی۔ عبٛدٕرزول گرن نہٕ۔ نہٕ دِژن کانٛسہِ کرنہٕ۔ خاٗلص اوس اٗنٛہہ رارے گران تہٕ سپنس گن هاوان۔ گام گوو خام۔ ڈاکٹر اوس سبٔٹھاہ دوٗر۔ یہِ تہِ اٗس نہٕ وومیدۍ کیٛاہ آسہِ گری تکیٛازِ تس اوس ڈاکٹری کھوتہٕ ژوٗنٛٹھی باپارس منٛز پوٗر ریوٗمُت۔ اوَے تہٕ گرٔی ہَس راتس کاشری یلاج۔ قہوٕ قطرا ترٛووہس کاشوٕ ہٕتۍ، ضمادٕ گرٔی ہس، کھورن دِتۍ ہس پھش، مگر تمہِ ہٕتۍ بنیوٚ نہٕ تس کیٛہین۔ تپ گوو تیزان تہٕ توٗندرِکی پاٗٹھی گوو سُہ دزان۔ گاش پوان پوان گرٔی تٔمۍ کتھِ کرٕنۍ بند۔ صُبحن سکھرہَن تم ڈاکٹرانہٕ خاٗطرٕ، مگر تمہِ برٛونٛٹھے دِیتُٹ تٔمۍ امانتھ۔

یہِ سوٗر سپدیوٚ تاہ تیزی سان زِ کاٗنٛسہِ آو نہٕ سمجھ یہِ کیٛاہ گوو۔ چٹ تہٕ پھٕٹ۔ ساٗری اُسۍ ترٛاہہ ترٛاہہ کران زِ کالہٕ اوس کھلس منٛز چھل دِوان تہٕ دویمہٕ دوہہ گوو یٔمہِ عالمہٕ۔ اُڈۍ اُسۍ ونان مرنیے گوو حِتہٕ تتھے کٔنۍ۔ پوٚز زِ گوو۔



# فأصلہٕ

عزیٖز ییٚلہِ شےٚ مہِ جمأژ کھوٚت، تَسنٛدی مأڈی خأڈقن کوٚرفأصلہٕ زِبژ وٹھ

ئُن سوزن نہٕ سکوٗل کینٛہہ۔

گوڈنچہِ لٹہِ ییٚلہِ تمۍ سُہ پرٛایمری سکوٗل سوٗز، تمۍ کوٚرنہٕ اَمہِ برٛأنٛٹھ زِ سُہ کرِ

اچھرزان حأصِل ئلۍ کہِ اِدٕ موکھٕ زِ سُہ روزِ دوہس گنٛٹس تل۔ وجہ اوس زِ عزیٖز اوس

ہَنا زیادَے پٔہن رَذیل۔ صُبحن اوس گرِ نیران تہٕ دوہس اوس گامس ژٔنڈ کڈٕ تھ

یِوان۔ ییٚپأری نیران اوس کرٕ کھتہٕ ہکھ اُس ودتھان۔ گرااوسُس اَکھ زنانہٕ موٚر

اَتھس تھٔف گرِتھ پکہٕ ناوان زِ أمۍ مور کٔنۍ لأیِتھ کوکرپوٗت، گرابیا کھ زِ أمۍ لوے

تَسنٛدِس شُرِس۔ عزیٖز اوس شُر بن ستۍ ژۄان، ہأوِنہٕ پرٛأوی نا کھیے زدگوٗھان یا پکو

ژٔٹتھ گرِیوان۔ یہِ اوس تمٔس دوہہ دِشی ہُند مشغلہٕ۔

خائلق اوس زمینس ستی آؤر روزان تہٕ تسنٛز زنانہِ اُس نہٕ چو چار وٲیس تہٕ بتہٕ رننہٕ نِشہِ فُرصتھ میلان ۔ تم اگر عزیزس رأچھتہِ اُسی روزان، سُہ اوس مٕنٛزی ژھپہِ ژلان تہٕ ژہنٛد بن اروامن اُس نہٕ خبر روزان ۔ اٰخر ییلہِ تمن جأرِس پٔتھ ووت تمو ژھٔن سُہ سکوٗل ۔ عزیزس گو پھیرنَس کتہٕ گنٛڈ زَن لوٗ دُکھ پھاٹکس ۔ کرٛکھ تہٕ چکھ گیہِ بنٛد ۔ خائلقن تہٕ تسنٛزِ زنانہِ ترٛ وو پھرٛ کھ ۔ نہٕ اوس ووٚنی تمن کانٛہہ شکایتھ یِوان کرنہِ نہٕ دزٛ اوعزیزٲٹی اُٹھ ۔ بے فِکرِ پأٹھی ہیوٚتکھ پٔتُن کارِ بار گرُن ۔

پٔزٛراوس یی زِ دہس بنٛد تھونہٕ کہِ بہانہٕ ووت عزیز سکوٗل ۔ یاداش کٔنٛز دزٛ او رُت لڑکہٕ ۔ سُہ گو جماژ جماژ کھسان یو تانی پٔنٛژوم جماتھ پاس گرن ۔ ووٚنی اوسُس پرٛایمری سکوٗل ترٛ اوُن تہٕ ہایر سیکنٛڈری سکوٗلس گژھُن ۔ آون جاون اُسس ستھ اُٹھ میل دو کھٔلی کڑٕنی ۔ امہِ علاوٕ اوسُس فیس، کِتابہٕ تہٕ وردی بیترِ بیاکھ خرچہِ یتھ خائلقس ہأل اُس نہٕ ۔ خائلقن ہیوٚتٕ پٔننہِ وأنسہِ سام، نفع نوقصانٕ کوٗرُن آتہٕ اٰخر ووت اتھ نتیجس پٔتھ زِ عزیز بہہِ یہِ گرِ تہٕ تَس سادِ زمینٛدآری ۔

اپأری آورامچنٛد ۔ تَس اوس خائلقس ستی تخلاص تہٕ بیٚیہٕ اوس تَس ہمسایہِ ۔ ییلہِ تمۍ بوٗزِ عزیزس گو سبقس گژھُن بنٛد تمۍ ووٚنُس، "میٹرک گژھ کرناوُن ۔"

"تیٚژ الاگھ کتہِ سأنہٕ ۔" خائلقن ووٚنُس ۔

"میٹرک بغأر بوٗزتَن یہِ کھوٚٹ موہر ۔ سو کتھ لگہِ ۔"

"میٹرک گرِتھ کتھ لگہِ ۔" خائلقن ووٚنُس ۔ "نہٕ بنبس نوکری نہٕ روزِ زمینٛدآری لایق ۔ دُنہِ چھس ابل وُن ۔ لوکٹ چھُ، کأنٛژ نرمادِ تہٕ زمینٛدآری کرِ ۔

اَکھ روزن بیٚاَلس اَتھ ترٚکھ اتھس مَنز بیٚیہِ واتہِ دوہہِ ئبرتھ کالچن گرٕ ۔ نہٕ چھس کأنسہِ تلہٕ پٔتۍ رٹنۍ نہٕ ہٹرٕ ہٹرٕ پھیرٕ ن ۔"

اصلی اوس خاٚلقس بیٚاکھ وکانہٕ تہِ زِ یوٚ تانۍ سُہ ہیکہِ ہے توٚ تانۍ کرِ زمیندآری ییٚلہِ تھکہِ ژھوکہِ پتہٕ کہنٛد بن اتھن مَنز دِیہ ہے ۔ تیٚمی ہے لاگنۍ دِیہ ہے ئے کرِتنس تھسھ ۔ تس اُس زمین سخ ٹاٹھ تہٕ یہِ اوس نہٕ یُژھان وو پراتھن مَنز دِنۍ ۔ زمینہٕ متلق اوس سُہ عجیب منطق ونان ۔

"زِٹھی اَسی ونان بب موج بنہٕ نہٕ گنہِ، تُتمہٕ بنہٕ سورٕ ے ۔ یہٕ چھس ونان بیٚالی ترٚکھ بنہٕ نہٕ تُتمتہٕ بنہٕ سورٕ ے ۔"

"میٹرک کرِتھ کرناوٕ ن زمیندآری ۔" راچندن ووٚنُس ۔

"پتہٕ وسیاپہ ڈوٗرِس ۔ حرامے کینٛہہ ۔"

"چھانس ییٚلہِ پانس پبٹھ پیٚیہِ، یِگلس چھُ دِوان نکھ ۔"

راچندن ووٚنُس ۔

"بوٗزی زبس ییٚلہِ یِگلس تانۍ واتہِ ۔" خاٚلقن ووٚنُس ۔

"ژٕ آکھا اُسنٛد قسمتھ وُچھتھ ۔ بٔلی کہٕ پڑھاپہ مَنز کرِس قودرتن یاری ۔"

"یہ تیٚیا سا ۔ پڑھاپہ مَنز کربس یاری ۔" خاٚلقن ووٚنُس مَنزٕم اوٚنگجِ گلہٕ ناوان ۔ "اَز تانۍ کھیوٚ نرِ موٚ زورِ ہُند، وونۍ کھیمو قسمتُک ۔ کیاہ چھکھ گران رامہٕ جُوٕ ۔ قسمتس روٗ دنا اَسہ بغاٗر کانٛہہ ۔ اگر یہ تیوٚ تا قسمتھ وول آسہِ ہے تیٚلہِ پیٚیہ ہے نہٕ سانہِ مری ۔ بیٚتہِ چھس ڈبکس لیکھتھ زمین کمائنۍ ۔ یی ووت پپر در پپر گران ۔ اُمس

تہٕ چھُ تی گژھن ۔ ماجہِ ماسہِ کورِ ٔس کاسہِ ۔ اَتھ بنہٕ نہٕ کینٛہہ ۔"

"یہِ ہبا گو مُسلمان گوھنس غرض آسُن ۔ " رامچندن وۄنُس اسان اسان ۔

"مےٚ ہسائنیوٚ سوٚنچتھ سمجھتھ فأصلہٕ ۔ " خألقن وۄنُس ۔

خألقنہٕ خانہٕ دارنہٕ تہٕ کوٚر پانہٕ مور ۔ تمہِ وۄنُس ۔ "نوٚن پھیرٕن چھُ خودایس حوالہِ اَکھ نیچوٚ ، یہِ کیاز تھوٚہن ژ گاشہٕ روٚس ہُمہٕ گیہِ لُکہٕ لانٛژ ، کھاندر کرو کھ گوھن پَتن گرٕ ۔ اَدِ یہِ لأنس آسکھ تہِ واتکھ ۔ مگر تیٚمس کیاز کرژکھ ظُلم ۔ یوٚ تانی پیٚش پکہِ توٚ تانی پرناوون ۔"

خألقن مانہٕ نہٕ ژ کتھ ۔ تٔمۍ وۄن کوکرس چھےٚ گٔنی زنگ ۔ تسنٛز ہٹ دھرمی نِش چلبووںہٕ تسنٛزِ خانہٕ دارنہٕ تہٕ کہیں ۔

ییلہِ سارِوے ہۄر ۔ عزیزس تور فکِری ووٚنی چھنہٕ تَس سکوٗل گوھُن ۔ کینٛژھا گو خوش کینٛژھا پھیوٚ رُس ۔ خوش گو زِ ووٚنی چھُ آزاد ، پننہٕ مرضی مُطأبِق ہیکہِ پھیرِتھ تھورَتھ ۔ پھیوٚ رُس اوِکنۍ زِ تَس رود سنگ تہٕ ووٚنی ہیکہِ نہٕ گِندن باجن سمکھتھ ۔

گوڈنِکہٕ دوہہ وۄن نہٕ عزیزس کأنسہِ کینٛہہ ۔ خأِلق اوس پننہٕ کتھہِ پٹھ ڈٹتھ ۔ تسنٛز زنان اُس پشیمان زِ یہِ ژاوٚ اوٚنس کڈِتھ اوس نہٕ تَس گرس منٛز کانٛہہ بوٗر ۔ موزرانہٕ ہنٛدی پاٹھۍ اُس جکھان جوٗران تہٕ کھوان ۔ دوبلہِ آو خأِلق بتہٕ کھینہٕ ۔ زنانہِ ستۍ کتھ کرنہٕ ورأے کھوٚن بتہٕ تہٕ دزاو واپس کھاہَس پٹھ ۔ خانہٕ دارنہٕ تہٕ

گرِس نہٕ کتھ ۔ عزیز رؤ ددہ ہَس ییلہِ ۔ یپأری خوش کوٚرُس تپأری مُنڈِن کوچہِ ۔ دوہہ دژاس شوٗنٹھ ہیوٚ ۔ بیٚیہ دوہہ لوٚگ صُجأے کاژِتل ۔ مأٲلی ووٚنُس نبند رِدٕھی تھےٚ زِ پنہٕ باچھِ پاژھ ہوٗ ہہ اَن ٹھُلتھ ۔ سُہ دژاو تبرٕ ہبتھ تہٕ کھوٚت وِرِ ۔ کُلِس کھسُن تہٕ تبرٕ چلاوٕنی گرِس خوش ۔ مگر باچھِ پأژراونہِ ژمن کرٕ پلن ہُنٛد گنٛڈ کرُن تہٕ گرٲنہِ گوٚس کرٕ ڈٕتھ ۔

یودوا تو دٕوااننن دوبہ ترٕیہ لٹہِ رزِ گنٛڈِتھ تہٕ ترٕاوبن آنگنس منٛز ۔ دُنہِ اوس چاے چوانےٚ زِ ماجہِ ووٚنُس تلاگنی ٹکہِ ان وارِ منٛز پُدنہِ برگا ۔ ترٕنس بتھس ستی کبھکھ ژٕنٹی ۔ مجبوٗرن دژاو وارِ منٛز ۔ پُدنہِ برگا برگا ژوٗٹن تہٕ سوٗمبرووٗن ہلمس منٛز ۔ برگہٕ برگہٕ ژٕٹنس سُمب اوسُس نہٕ صبر ۔ تِمی ہیوٚت ووہلاوُن بیٚیہ مؤلہٕ کڈُن ۔ ہنگہٕ تہٕ منگہٕ پیٚنیس أٲلی چہِ گُجہِ پیٹھ نظر ۔ أٲلی چہ آسہ ترٕونگرِ تہٕ کینٛہہ کرٕ ہنےٚ ہو ۔ سُہ گوٚ حأران تِمس کیاژِ گیہِ نہٕ یمہِ اوٚ تانی نظرٕ ۔ اورٕ تتھےٚ گیس ماج اگادِ ۔

"یوٚت کال چھالاگان پُدنہٕ برگس" تمہِ ووٚنُس ۔ "بیٚیہ چھےٚ اوٚ نمت مؤلہٕ کڈِتھ ۔ یہ کرِ نہٕ گُپن تہٕ ۔ کامہِ ژھیپل چھکھ ۔ نہٕ لوٚگُھ اجہِ نہٕ گجہِ ۔ مؤلہٕ کیاہ چھےٚ اوٚ نمت کڈِتھ ۔ (تمہِ تُل اَکھ بوداتھس منٛز) ۔"

عزیزس کھوٚت تسنٛدِس ونس پیٹھ شرارتھ ۔ تِمی اوسا سنا پانے ترٕوومُت سبقس گوٚڈُن ۔ مگر ماجہِ ووٚن نہٕ کہیں تہٕ روٗد شرارتھ ژاپان ۔

بیٚیہ دوہہ سوٗز خالقن صُجأے غفار چیٚژن داند اننہِ ۔ ووٚنی توٚر عزیزس فکرِ زِ سُہ اوس گرس منٛز قادی ۔ تتھ کنٛی کر، یپأری پکھ، کتہِ اوسکھ، بس یٚےٚ کتھ اوس بوٚزان ۔ سُہ ہیوٚتن تنگ یُن ۔ ہول گوٚس شُربن نش گژھ ہا ۔ گنٛد ہادرٕ وکنا کرٕ ہا؟

تم آسن ونہِ منز اَکھ اَکس لاران ۔ بہٕ وُچھ کتھ تپالہٕ لوگہس ۔ داند انِنس تہٕ کھاہَس پتھ گوھنس ۔ سُہ دزا دگرِ ۔ وتہٕ اوس گرالوٗ نگ لوٗ نگ کران، گراسن کترِ گنڈ ان تہٕ گرا سیوٗ دِیکان ۔ بتھِ آس گلاسہٕ باغ ۔ گلاسہٕ ترٛونگرِ آسہٕ دوٗری دزٕ پیٹھی گوھان ۔ جانور تہٕ بومبر اَسی یمن بیہان، گلاسن ترٛونگ دِوان تہٕ ہواہَس منز وُڈُو کران ۔ "کیاہ آزاد چھِ ۔" عزیزن سوٗنچ ۔ یپاٗری خوش کربکھ تپاٗری گوھن ۔ یتھ لنجہِ یوٗھن تتھ بیہن ۔ تَس توٗر فکرِ شکدر چھنہٕ باغس منز تہٕ آسہٕ ہے ہاہا کرٕکھ کرٕکھ دِوان ۔ سُہ کھوٗت اَکس کُلس، گلاسہٕ چنڈٕ برٕن ۔ بوٗن وُستھ گو رونگشہٕ دِوان، گلاسہٕ کھوان، یوٗ تانی ونہِ منز ووت ۔ شُری اَسی سَمے مُترِ تہٕ ماشٹر جی اوس نہٕ آمُت ۔ شُربو ییلہِ وُچھ سُہ گلاسہِ کھوان، تم لارے یَس، پتھر پوٗ وکھ، چنڈٕ منز کڈیہَس گلاسہٕ تہٕ ژلی ۔ عزیزو ووتھ تھوٗد، پلوٗ ڈنی تہٕ تتھے نیرٕن ہیٚیہِ ہے شکدرن گرِس نرٕ تھف تہٕ لتھ دان واتہٕ نوٗدُن گرِ ۔ تتہِ لوٗدُن گانس ۔

دِگرا ودہہ، عزیزس آونہٕ کانہہ ژھانڈنہِ ۔ راٗژھس اَس خبر خاٗلق ییہِ، سُہ ہاوبس عزیزن کوٗتاہ نوقصان کوٗر ۔ ییلہِ نہٕ کہنے آو، سُہ کھوٗژ عزیزس گوھی تَن کینہہ سُہ کوٹھ پوشہِ نہٕ زنگہٕ ڈٕ ڈنس ۔ تمی کوٗڈ عزیز گانہٕ منز ۔ تَسلا خاطرٕ کرنوٗن نسرِ کھ تہٕ ترٛ ووٗن ییلہٕ ۔

پھاگے تہٕ پھکرے ووت سُہ گرِ ۔ بوچھِ ستی اَسِس کھن گوھان ۔ اُچھ آسس ژاربن وُستھ گمو ۔ اندری اوسُس خاٗلقن پھزٕ ٹھ ۔ گرِ وُچھن نہٕ کہیں ۔ سُہ بیوٗٹھ ہزر زِد ہیٚ کنِس پتھ ۔

خاُلقس ییلہِ اُڈِس گنٛس تانی مُچھِن داند ووت نہٕ، تٔمۍ زون عزیزٕ آسہِ خبر کوٚت ووتمت۔ تٔمۍ اوٚن داند پانٔے۔ دِگرس تانی رُؤ دزمیٖن وایان۔ دِگرن تٔرٛاوِن داند یلہِ۔ اکہِ بٲنٛی تُجن نکھس پیٹھ تہٕ داند بڑ ونٹھ پکہٕ ناوان ووت گرٕ۔ تتھے عزیزٕ گنٛس پیٹھ نظرِ گوس، سُہ گو نارو نار۔ اکہِ بٲنٛی تھٲون پتھر، وِرِواُجن دزٕسہٕ دِتھ موٗر، پَن ٹھلان تہٕ دند ٹکان آوٕ خشمہٕ ہوٚت عزیزس نِش۔

"ژٕ سوزوکھ مے داندس۔" تٔمۍ ووٚنُس۔ "وُنِس تانی کتہِ گوکھ روٹہٕ۔"

عزیز رُؤ دژھوپہ کرِتھ بون کُن وُچھان۔

"ونکھ تیا۔" خاُلقن ووٚنُس زورٕ کرٕ کھ دِتھ۔ "کِنہٕ گنڈ گوٚے۔"

وُزس منٛز اُس پوٗتی کوکرٕ "کٔک کٔک" کران تہٕ پھل پھٔلی کھوان۔

کرٕ کھ بوٗزِتھ کوٚرُن شور تیز تہٕ پوٗتی ہیتھ ژٔج نبر۔ عزیزس گو وہمہٕ۔

خاُلقن تٔرٛ ووٚس مورِ ڈب۔ عزیزن دُیٹ بُتھِ اُتھ تہٕ ڈب روٚٹُن اتھس پیٹھ۔ کرٛٔ بل گوس ترِتھ تہٕ اُتھس کھوٚس لہہ۔ کرٕ کھ ژٕ جس نیرِتھ۔ مگر رُؤ دژھوپہٕ کرِتھ۔

خاُلقن کوٚڈکش بیاکھ دب تٔرٛاوِنہٕ خاطرِ مگرامی وِزِ رُکوو راجِندن۔ تٔمۍ ووٚل عزیزس پھیرن تہٕ روٚٹُن کومہِ۔

"بہٕ نِسا چھوڑن از۔" خاُلقن ووٚنُس عزیزس نرِس تھف کرِتھ۔ "یوٚ تانی نہٕ یہِ پوٚ زپوٚ زونہِ یہِ کتہِ اوس۔"

"ونی۔ پانٔے ونی۔" راجِندن ووٚنُس۔

"چوبو بغأرنسأ ونی۔" خاُلقن ووٚنُس۔ "ماجہِ ہُنٛد گوٚبُر چھ صُبحن فاقے
دزٲمت ، وُنِس تانی اوس غأب۔"

"یہِ ہسأ ونے کتہِ اوس۔"

"کتہِ اوس۔ ہسأ ژے پز ژھُس۔"

"یہِ اوسُکھ گانس بوٚ رمُت۔"

"گانس؟ مگر کُمی۔"

"اَٲن گانس۔" رامچندن ووٚنُس۔ "أمی آسہِ ہَن ہِگلاسہِ زٕ پانٛژہ
دألی مِتی۔ غنی بٹن روٚٹ۔ دوٕہَس تھوٚن گانس۔"

"نسأ......... پوٚز چھکھہِ ونان۔ امی غنی بٹن آ۔ اکبر بٹنٛی۔ افسوٗس مےٚ نٕے
چھے خبر۔ یہِ اوسُس دوٕہَس دانٛد لاگان...... تَنٛد ہکھر کوٚ ڈمےٚ ہتہِ لٹہِ داڑ ڈورِمنٛزٕ۔
مےٚ کرناو تہِ قسم، زانٛہہ نیٚو ماپھانٛکس۔ أمی موَرتدن لوٚدیہِ شُر گانس۔ ہتومےٚ ون، یہِ
کرس بنٛین...... أمی چأرِ تہِ نسأ وٚن۔"

"یہِ آسہِ کھوٚ ژمُت۔" رامچندن ووٚنُس۔
"وأٹنٛج چھم رتھ چوان۔ دپان چھس وُنی گوٚھس، لٔنٛڈس دِمس نار۔ فاقے
پھکرے بوٗدن شُر گانس۔ زرٕ زرٕ تہِ گوس نہٕ۔ أمِس ہے چھےٚ چانٛچہِ مانٛچہِ ہوچھو۔ اَدِ
مےٚ چھے خٚبر تاپس منٛز پھیرنہٕ ستی چھس یہِ حالہِ بدگومُت۔

خاُلقس گوٚ عزیزن سٕخ موسوٗس۔ کرٕہنہِ ماز ژھیٖنس۔ سُہ شٹھینا رُیس لتس

اوس، زن گو ہنگہ تہٕ منگہٕ غاب۔ تَس باسیوٚ ووونی عزیزٕ چھُ وُنہِ شرٕ ی لاز ستی۔ تسندی فاقے پھکرے روزنَن، سُہ تِہٕ گانس منز، کُملو وسُہ فنہٕ مانہِ ہنٛدی پأٹھی۔ نوسرِ لوٗگ سونچنہِ عزیزٕ سوزنا سکوٗل کنہٕ نہٕ۔

شامن کھو بتہٕ خالقن تہٕ شونگ۔ خانہٕ دارنِ تہٕ آیس تہٕ شونٛج تس دورے پھس۔ ینہٕ پتٕھ عزیزن سکوٗل گژھن تہٕ ووتنہٕ پتٕھ اُس سو روگہِ روگہِ روزان۔ سورُے زسنجیدٕ تہٕ کتھ کرنہٕ ڈرأے ہیٚون کلہٕ نلہٕ لیف۔

"زٕ اُسکھ مےٚ پتہٕ عزیز سوزون سکوٗل۔" خالقن ووٚنُس رٕژھ کھنڈ گژھتھ۔

"ژےٚ مون تھامیوٚ ن؟" تمہِ ووٚنُس تہٕ کجارٕ سان۔

"مےٚ اُس رأے یہِ سادٕ مےٚ زمیند آری۔"

تمہِ ووٚنُس نہٕ کہیں۔

"مگر یہِ چھُ وُنہِ شُر۔ غنی بٹہٕ نِس باغس اوس ژامت گلاسہٕ والنہِ۔ تمیٚ تھوٚ و گانس لدِتھ۔ کوٗتاہ سیوٚ دچھُ۔ مےٚ ووٚنُن نہٕ۔"

تمہٕ ووٚنُس نہٕ کہیں۔

"پگاہہِ پتٕھ سوزون سکوٗل۔" تمِس پو چھیکرس وَنُن۔

تمہِ کوٚرأنہِ گٹس منز وُٹھن کمجار۔ پانس ستی ووٚنُن" آکھ کیاہ وونی وتہٕ۔"



